مےٚ چھم آش پگاہ

---

# ME CHHAM AASH PAGUHUCH

(A Dream of Tommorrow)

A collection of Kashmiri poetry by Dina Nath Nadim

---


| ناو | : | مےٚ چھم آش پگاہ |
|---|---|---|
| شاعر | : | دینا ناتھ نادِم |
| ترتیب کار | : | جی۔آر۔حسرت گڈہ |
| کمپیوٹر کمپوزِنگ | : | آئی آئی ایل ایس، 471/2 ونایک نگر مُٹھی جموں۔رِنکوکول # 9419136369 |
| چھاپ خانہٕ | : | تاج کمپنی، دہلی - 06 |
| چھپن ؤری | : | 2016ء |
| مول | : | Rs.1000/= |
| ناشر | : | جی۔آر۔حسرت گڈہ |

کِتاب میلنک پتاہ:

۱۔ فنکار کلچرل آرگنزیشن، 159، گورنمنٹ ہاؤسنگ کالونی لال بازار، سرینگر 190023 کشمیر۔

۲۔ کِتاب گھر، مولانا آزاد روڈ سرینگر۔

۳۔ کِتاب گھر، کنال روڈ جموں۔

# اَرپَن

دینا ناتھ نأدِم سنٛزِ آشینٛز
پدماوتی کول
سنٛدری نأوی
ییمی پننٛز زِندگی نأدِم
صأبس ارپن کٔر

# فہرست



## نظمہٕ

## غزلہ

## سانیٹ



## عقیدتی شاعری

# پیش کلام

مستانہٕ عارف[1] سانہٕ ادبٕچ حۆر کنٛگ دۆر
مجبوٗر[2] پکان لۆر ڈٔکھرِتھ راز[3] تہٕ شاد[4]

ٹاکارٕ ونے سانہٕ ادبُک کیٛاہ کارٕ بارٕک راز
ناٗدِم[5] چھُ نفع گاٹہٕ عاٗرض[6] مۆل چھُ آزاد[7]

غلام نبی عارض

دینا ناتھ کول زاو 16/مارچ 1916ہٕ سرینگرٕ کِس مشہوٗر تہٕ معروٗف علاقہٕ
حبہ کدلہٕ[8] محلہ شیشیارس منز۔ مأیلِس اوس شنکر کول تہٕ ماجہِ سوندرٕ دید ناو۔ شنکر کول
گُزریو دورانِ مُلازمت۔ برج بہاری کاچرو 1942-2016ہٕ چھُ پننہٕ کِتابہٕ "کشمیری
لٹریچر" سنہٕ اشاعت 1980ہٕ، جرمنی چھُ لیکھان زِ "ناٗدِم مول چھُ 1923ہَس منز
گُذریوٗمت۔ مگر یہِ چھُنہٕ صحیٖ شنکر کول چھُ 1922ہٕ ہَس سورگواس سپدیوٗمت۔

---

[1] مرزا غلام حسن بیگ عارف، [2] ارجن دیو مجبور، [3] شہ دررینہ زار، [4] غلام محمد شاد (ڈرائیور کشمیر ڈرئیورس ایسوسیشن)، [5] دینا ناتھ ناٗدِم، [6] غلام نبی عارض، [7] عبدالاحد آزاد۔

[8] ناٗدِمن چھُ أکِس شارس منز حبہ کدلٕچ ذِکر یتھہٕ کٔنٛ کرمُت:

ژٕے کیٛاہ اوسے تُتھ أچھ موٹرس منز گگرِبل یِزہے
گوٗژھے یِوٗد نارٕ جوسنا ناٗدِمس نِش حبہ کدل یِزہے

موٹرس منز گگرِبل یِنگ مطلب چھُ خواجہ غلام محمد صادق نِش گژھُن تِکیاز ِ سہٕ اوس تِتی بسان تہٕ حبہ کدلہٕ اوس ناٗدِم صأب روزان۔ حبہ کدلہٕ پتہٕ گو ناٗدِم صأب مگرمل باغ گنہٕ کوٗلنِس مکانس منز بسنہٕ۔ یُیتہٕ کمونسٹ پارٹی ہِنز کأم اوس خوفہٕ ورأے کرنہٕ۔ 1957ہٕ دوران دِتُک ناٗدِم صأبس جواہر نگرس منز سرکأری کواٹر تہٕ أخرس پٹھ ہیوٗتُن أتھی مُحلس منز مکانہٕ مُلی تہٕ گُذأرِن زِندگی ہِندی باقی دوہ۔ (ح گ)

امہِ وِزِ اوس نآدِم صآب شےٚ وُہُر تہٕ ہیٚنہِ اُسس لوٗکٹ ییٚنہٕ۔ سوٗندر مال اُس مُرن تحصیل پُلامہِ کِس گامس منٛز زاوہٕژ۔ یہِ گام چھُ ہتہٕ گامس لرِلوٗر ییٚتہِ مہجور صآب تھنہٕ چھُ پیٛوٗمُت۔ یتھ مکانس منٛز نآدِم صآب روزان اوس سُہ اوس حبہٕ کدل چوکس منٛز اَکِس کوچس اندر۔ یہِ مکان اوس ترٛپوٗر، بُرزِ پش تہٕ گُلالوہٕ ستی سجان۔ یہِ اوس کاشرِ فنِ تامیرُک اکھ نموٗنہٕ۔ کانٛی اوس اکہِ طرفہٕ ہوا یوان تہٕ بیٚیہِ طرفہٕ گژھان۔ ووٗندس اَسی بوٗہُمس پورس منٛز رنہٕ پاکے کران تہٕ ربتہٕ کالہِ کانٛی پیٛٹھ۔

نآدِم صآب اوس جوانی منٛز پٔٹو اچکن، کرٛہُن پتلوٗن تہٕ دستار گنٛڈان۔ کینٛہہ کال گژھتھ ترٛوٗن دستار تہٕ اوس منٛزمنٛز بانٛڈ ٹوٗپۍ دِوان۔ ییٚلہِ چینہٕ پیٛٹھ واپس آو تہٕ اوس چینی طرزُک کوٹ تہٕ پتلوٗن لاگان۔ مگر آخری ایامن منٛز اوس نآدِم صآب سردی منٛز اصل سوٗٹ بوٗٹ لاگتھ آسان۔ مگر ژورِ بجہِ ییٚلہِ گرِ جواہرنگر گژھن اوس یوان کرٛھس منٛز ٹُردی گیچہِ ہُند آب اوس پلون پیٛٹھ پیوان۔ اَمِس اوس نہٕ امیُک گوٗمانہٕ کہِ یہِ چھُس کٔشیرِ ہُند قداوار شاعر تہٕ شخصیات ٹٔلی کہِ اوس سُہ تیٚوت نرم طبیعت کہِ پرٛتھ کانٛسہِ ستی اوس محبتہٕ تہٕ سلوٗکہٕ سان کتھ کران۔ اکثر اوسن یہِ وُچھان سُہ جواہرنگرِ کِس موڈس پیٛٹھ تہٕ پتہٕ اوس کتھ کتھ کران مےٚ پانس ستی گرِ نِوان ییٚتہِ اَمی سنٛز آشینٛی مایہِ تہٕ محبتہٕ سان نوٗنہٕ چاے اَسی چاوِناوان۔ اَمی سنٛز آشینٛی اُس نآدِم صآبس رٕژھ برقتے برقت۔ تہٕ شُری اُس جان عہدن پیٛٹھ کام کران۔ اَمی سنٛز اکھ کوٗر چھےٚ شیل چھےٚ کٔشیرِ ہنٛز جان مُصور۔

مشعل سُلطانپوری (1936ہٕ سُلطان پوٗرہٕ ٹنگہِ مرگ) چھِ نآدِم صآبس متعلق پننہِ نہِ کِتابہٕ ''ترقی پسند کشمیری ادب'' منٛز لیکھان زِ نآدِم صآب چھُ 1915ہٕ منٛز زامُت۔ اتھ سِلسِلس منٛز چھُ سومناتھ ویر (لُکہِ بھون 2016-1942ہٕ) چھُ (''ستی سر، رِسالہٕ نمبر 4'' 2000ہٕ یَس ناشر سمپرٛتی، ترتیب کار رتن لال جوہر،

"نأدِم اکھ رِ پہ رِکھ") عنوانس تل لیکھان "نأدِم صأب چھُ 1914ہِ منز زامُت۔
ڈاکٹر بھوشن لال کول (1941-2009)ہِ شیرازِ نأدم نمبر جنوری 1990ہِ، کلچرل
اکیڈیمی رِسالس منز "نأدِم اہم ادبی شخصیت" عنوانس تل لیکھان زِ "دینا ناتھ کول
نأدِم زاے 18/مارچ 1915ہِ سرینگرِ اَکِس درمیان درجہٕ کِس پرِ وارس منز۔"
پروفیسر شاد رمضان چھُ "سون ادب" سرینگر نمبر 1، سنہ اشاعت 2007ہِ، مُدیر
مجید عاصمی، کلچرل اکیڈیمی سرینگر منز لیکھان زِ "نأدِم صأب چھُ 1914ہِ منز
زامُت۔" امہِ علاوٕ چھُ پروفیسر ٹی۔این رینہ تہٕ ڈاکٹر بھوشن کولس سٟتۍ اِتفاق
کران۔ یِموٗ اَدہو کتہٕ اَنٟ یِم تأریخِ پیدایش تہٕ زانہِ خودا۔

اپریل 1928ہِ منز کوٗر نأدِم صأبن گورنمنٹ مِڈل سکول بابا پورس منز
مِڈل پاس۔ 1928ہِ منز کوٗرُن گورنمنٹ ہائی سکول باغِ دِلاورخان، کلاشپورہ
سرینگر (یتھ از ایم۔پی ہایر سیکنڈری سکول ونان چھہٕ) ئومہٕ جمأژ منز داخلہٕ۔ اتہٕ
اوس میرزا عارف بیگ تہٕ پران۔ اتھ سِلسِلس منز چھُ نأدِم صأب اَکِس انٹرویو
منز دِپان "میٚہ چھُ گوڈٕ بابا پور سکولہٕ پوٗرمُت، امہِ پتہٕ گوس باغِ دِلاورخان کِس
سٹیٹ سکولس منز داخل۔ تتہٕ کوٗرُم 1929ہِ ہَس منز میٹرک پاس تہٕ گوس
ایس۔پی کالج پرنہٕ۔ 1931ہِ ہَس تام اوٚسُس اتہٕ پران۔ امہِ پتہٕ پیوم گرِکو
مُشکلا تو کِنۍ پرُن اڑِ وتۍ ترٛاوُن۔ 1934ہِ ہَس منز ترٛاوُم "سٹی اکیڈیمی" ناوٕ اکھ
تألیمی اِدارٕ چ بُنیاد۔ 1937ہِ ہَس منز سپدُس نیو ایرا ((New Era) یہٕ سکوٗل
اوس تمہِ وقتہٕ مگر مُل باغس منز واقعہٕ) سکول کِس سٹافس منز شأمِل مگر کینژٕ کألی
دژاس امہِ سکولہٕ منز نیٚبر تہٕ امہِ پتہٕ گیہ نیو ایرا اسکوٗلس زٕ ڈرِی۔ اکھ ڈرِی کوٗر خالصہ
سکول قأیِم تہٕ دوٚیِم ڈرِی بنیو وڈی۔اے۔وی سکول۔ تألیم اڑِ وتہٕ ترٛاوِتھ اوس
میٚون واُحِد گُذارٕ پرایویٹ ٹیوشن کرنس پٹھ چلان۔ 1940ہِ ہَس منز کوٗرُم ہِندوٗ

ہائے سکول قایٔم اِتہٕ امہِ سکولہٕ کہِ ڈٔری یہِ کوٚرُم 1940 ہَس منٛز ڈِگری تہٕ 1943 ہَس منٛز بی۔ٹی پاس۔"[2]

میرزا عارف چھُ ناؔدِم صابَس متعلق لیکھان زِ "میٚون دوس مکھن لال محوٗن کوٚر ناؔدِم صابُن پےٚ پناہ تہٕ اُسی واتی تہٕنٛد گرِ۔ پرٛؤن بُرزِ پش دِتھ مکانہٕ۔ ہیٚرِ کھسُو نٕے گوم ناؔدِم صاب نظرِ ، سُہ اوس لرتژ اُوِتھ، بیمار اوس مگر یہِ وُچھِتھ گو تھوٚد وٕتھِتھ۔ دود گوس مُشِتھ تہٕ نالہِ متہٕ رؤٹنس۔

دوٚ یٚنم بابا یاژ کر چھُکھ عارف بنٛیوٚمُت۔ مےٚ دوٚپمس یَنہٕ پیٚٹھ ژٕ ناؔدِم چھُکھ سپدیوٚمُت۔ اصل کھنگالہٕ کرِتھ اُسی کلاشپورہ سٹیٹ سکوٗلکی دوہ یاد پیوان۔ ییٚتہٕ اُسی 1928 تہٕ 1929 ہٕز ڈٔری سیٚدی ساد پاٹھی پیار تہٕ محبتہٕ سان گزارِمتی اسہٕ۔ تِمن دوہَن اوس سُہ دیٚنہٕ یاد دینا ناتھ تہٕ یہِ اوٚسُس چھِ اغلام حسن یا بیگ لٹہٕ رؤسِتے اُسی۔

چایہٕ کھوسا چیٚتھ ییٚلہِ مےٚ کاشرِس منٛز لیکھنٕچ دعوت دِژمس، سُہ گو تژبن تہٕ تژاہن دوٚپُن بابا یہِ کاٗم ییہِ نہٕ میانہِ دستہٕ۔ مگر میانٛی جذبن کوٚر کار۔ زورٕ زار ہیٚوت مےٚ تس واعدٕ تہٕ نِشاط پۆر ناؔدِمن گوڈنیک غزل[3] "پھوٚلی وٕڑی وٕڑی امبارن روزنیا"۔

---

[1] ہندو ہائے سکولچ بُنیاد چھےٚ اکی آسن والی کاشرِ بٹہٕ رئیسین سونہٕ کول مدنن تژاوِمٕژ۔ یہِ سکول اوس گوڈٕ سردار روٗپ سِنگھنِس مکانس منٛز یُس وبتہٕ بٔٹھس پیٹھ چھُ۔ امہِ پتہٕ بناوٕکھ شیٖتل ناگس منٛز ہندو ہائے سکولہٕ خاطرٕ نوٚو عمارت۔ روٗپ سِنگھنِس مکانس منٛز ژوو ناؔدِم صابُن لل دید میموریل ہائے سکول ییٚمیک پرنسپل ناؔدِم صاب اخری وقتس تام اوس۔ (حسرت گڈہ)

[2] شیرازٕ ناؔدِم نمبر، جنوری 1990، مدیر بشیر اختر، "گونماتس موتک شر کرِ کیاہ" موتی لال ساقی، صفحہ نمبر 50

[3] کاشر شاعری۔ ناؔدِم نمبر، جنوری 1990، مدیر بشیر اختر تہٕ چمن لال چمن، کلچرل اکیڈمی، سرینگر۔ اتھ غزلہٕ متعلق چھُ سومناتھ زُتشی لیکھان: "دسمبر 1947 ہس منٛز پرٛ ناؔدِم صابن یہِ غزل نیشنل کلچرل فرنٹ کہِ طرفہٕ نُمائش گاہ کِس مُشاعرس منٛز۔ (دویمس صفحس پیٹھ)

شہرس اوس تِمن دوہن سیاسی اوٚبُر۔ 9/اپریل (مارشل لاء) اوس نافِذ۔ سُہ دوہ اوس کاشرِ زبانۍ ہِنٛز خوش قسمتی ہُند دوہ...... اُردو مُشراوُن تہٕ پۆرِ پاٹھۍ لوٚگ دھنہٕ پننہٕ کاشرِس کُن۔ پننۍ خداداد صلاحیژن کامہ ہیتھ کاشرِ زبو مالا مال کرِنۍ۔

ناؔدِم صاب اوس گوڈٕ سحر، تخلّص لیکھان۔ ناؔدم صاب چھُ ونان زِ مےٚ چھےٚ ہیندی، اُردو، انگریزی شاعری کالجہٕ کِس زمانس منٛز شروٗع کرمٕژ۔ یم تخلیقات چھےٚ ایس۔پی کالجہٕ کِس پرتاب میگزینس منٛز چھپے مژ۔ ناؔدِم صابُن وَنُن چھُ زِ تِمۍ چھِ گوڈٕ اُردو ہِس منٛز یم شارٕ وٕنۍ ہِتۍ:

بہت سوچا بیچارا پر نہ پایا رازِ غم اپنا

جسے ہر گوشے میں ڈھونڈا نہ پایا وہ صنم اپنا

خدا کی بے رُخی دیکھ لی اب آسرا دِل کا

یہی مندر ہے میرا اور یہی ہے اب حرم اپنا

امیروں اور غریبوں کی یہ نا ہموار بستی ہے

یہاں رہنا ناممکن گھٹ جاتا ہے دم اپنا

1940ہٕس منٛز چھُ ناؔدِم صاب گوڈنِچ کاشُر نظم ''موج کشیر'' دیوناگری رسم الخطس منٛز پرتاپ میگزینس منٛز چھاپِتھ۔ مگر ناؔدِم صاب چھُ یہِ تہٕ ونان زِ تِمۍ چھےٚ پننۍ گوڈنِچ کاشُر غزل 7/جنوری 1935ہٕس منٛز لیچھمٕژ:

سو وِز ییلہِ میانہِ غارتھ سینہٕ دارِتھ نیرِ طوٗفانس

پھٕٹن دنٛد ہرِ واوس زرد رنٛگ گژھِ کالہٕ اسمانس

---

(بێیِ مہِ صفحہِ پیٹھ جاری) مگر ناؔدِم صاب چھُ لیکھان زِ مےٚ یُس یہِ غزل

''مۆر راو برتےٚ دارِ وبسی یے سوٗنتھ ہے سال آو

گُلہِ لالن سوٚمبلن ہتۍ ہتۍ کاٹۍ کالہِ ہے آو

یہِ غزل چھےٚ ''وُزل'' ناوچہِ 16صفحہِ کِتابہِ منٛز۔ امہِ علاوٕ چھِ اتھ منٛز میرزا غلام حسن بیگ عارف، غلام نبی عاؔرض تہٕ شِو درر ینہ زار وغاؔرن ہنٛز غزلہِ تہٕ شاؔمل۔ اگرچہ یہِ گوڈٕ ''گاے جاے کشمیر'' منٛز چھپے مژ چھےٚ تیٚچ ترتیب پیر عبدالاحد دِژہمژ چھےٚ۔ یہِ چھُ غلط زِ شِو دان سِنگھ چوہان مشہوٗر ہندی ادیب تہٕ کمونسٹ پارٹی ہُند لیڈرن چھےٚ ''گاے جاے کشمیر'' ترتیب دِژمژ۔

ناؔدِم صاؔب چھُ کاشُر زبانٛ متعلق ونان ''مےٚ چھِ یہِ زبان ماجہِ نِش ہیٚچھمژ۔ میاٰنٛ موج اُس مُرِ پٕچ تس اوس کاشرِ زبانٛ ہُند مزاژک تہٕ پھلاوُک پوٗر رُوون۔ میانہِ شاعری ہنٛز زبان چھےٚ میانہِ ماجہِ ہنٛز زبان یوٚسہِ مےٚ وراثتس منٛز تُرمژ چھےٚ۔

سومناتھ زُتشی (1923-1996) چھُ لیکھان زِ ''ناؔدِم صاؔبن اوس مےٚ پانہٕ وۄنمُت زِ کالیج وأتتھ اُسی نہٕ تس پننۍ کانہہ درسی کِتاب آسان۔ سُہ اوس کالج تہٕ لال منڈی ہنٛزن لابریرین اِستفادٕ کرِتھ تألیمی ہندِس مأدانس منٛز برٛونہہ برٛونہہ قدم ترٛاوان۔ امایوٚز گرا بمار گژھتھ گرا گرِ گزارٕ نہٕ آسنہٕ کِنۍ تہٕ اخراجات پوٗرٕ نہٕ سپدنہٕ کِنۍ اُس منٛزٕ منٛزٕ تألیمی رُکاوٹ سپدان۔ حالات سُدھرنہٕ خأطرٕ اوس پےٚ درپےٚ پرایویٹ ٹیوشن کران تہٕ پتہٕ تألیم جأری تھوان۔''

مختلف محققو تہٕ نقادو چھِ کأشرِ شأعری تہٕ ادب مختلف دورن منٛز تقسیم کوٚرمُت۔ اوتار کرشن رہبر چھُ لیکھان زِ ''کشمیری ادب ایک جائزہ ایک تبصرہ'' کشمیری شاعری اور ادب کو چار حِصوں میں تقسیم کِیا جا سکتا ہے۔ اِبتدائی دور: جِسے نرگن بھگتی کال۔ درمیانی دور: وژن کال، لگ بھگ 1555 سے 12000عیسوی تک۔ دوسرا دور: (Pre Romanticism) دور بھی کہا جا سکتا ہے جو 1555-1775عیسوی تک مانا جاتا ہے۔ تیسرا دور: (Romanticism cum Mysticism) رومانی ازم بھگتی اور رومانیت کا دور 1595-1925۔ چوتھا دور: (دورِ جدید) 1925-1947۔''[1]

[1] شیرازٕ اُردو، دوماہی، جلد۹، شُمارہ۳، مدیر محمد یوسف ٹینگ، نأشر کلچرل اکیڈیمی۔

عبدالاحد آزادن چھُ پننہِ کِتابہِ ''کشمیری زبان اور شاعری'' منز کاشرِ زبانٕ ژون حِصن منز تقسیم کرمژ یعنے: ''دورِ اول: لل دید سے نندہ ریشیؒ 1325-1422 عیسوی (شتی کنٹھ سے نندہ ریشی)۔ دوسرا دور (1595-1848) عیسوی: حبہ خاتون سے محمود گامی (رومانی اور مثنوی)۔ تیسرا دور: محمود گامی سے درویش عبدا قادر قادری (1808-1946) عیسوی۔ چوتھا دور: دورِ حاضر یعنی 1931 سے آج تک (رومانی، سماجی تہٕ سیاسی)۔''[1]

برج بہاری کاچرو چھُ لیکھان ''کاشرِ شاعری ہنٛدی مختلف دور۔ دورِ اوّل 1300-1500 عیسوی (مہانے پرکاش، بھان سر کتھ: اوتار بٹ 1446 عیسوی، لل دید، نُنٛدِ ریشی)۔ گوڈٕ منز کال 1500-1750 عیسوی (حبب اللہ نوشہری، غنی کاشمیری، حبہ خاتون، روپہ بھوانی)۔ منز کال (1750-1900) عیسوی صوفی، بھگتی تہٕ عقیدتی شاعری ہنٛز ذِکر۔ محمود گامی، رحمان ڈار، عبدالاحد نادم، المست، فاضل کشمیری، ، آزاد، زِندہ کول، نادِم، راہی وغارِ۔ جدید دور (1900-1947) عیسوی۔ 1947 - اتھ دورس منز چھِ فنِ لطیفس نٔو زندگی میلان۔''[2]

''کاشر زبان تہٕ ادبُک توارِیخ'' شفیع شوق تہٕ ناجی منور چھِ کاشرِ شاعری ہُنٛد دورِ اول: مہانے پرٛکاش مصنف شتی کنٹھ، بھانا سُر وَد کتھا: اوتار بٹ 1446 عیسوی مانان۔ لل دید، نُنٛدِ ریشی (شیخ نورالدین ولی شیخ العالمؒ) ژوداہم صدی تہٕ پنٛداہم صدی ہنٛدی شاعر یعنے حبہ خاتون، حبیب اللہ نوشہری۔ 16 صدی تا 17 صدی: صاحبِ کول، غنی کاشمیری، روپہ دید، بابا کمال دین۔ اراہم صدی: فاخر، سعداللہ شاہ آبادی، میر عبداللہ بیہقی، محمود گامی۔ کنٛوہم صدی: محمود گامی، شاہ غفور،

[1] ''کشمیری زبان اور شاعری''، جلد ۳، عبدالاحد آزاد (1903-1948)، کلچرل اکیڈیمی سرینگر۔

[2] Kashmiri Literature، 1981، برج بہاری کاچرو (1932-2016)

کرم بُلند، مومن صأب، سوچھہ کرال، ولی اللہ متو، عبدالاحد ناظم، پیر علی شاہ، رحمان ڈار، رسول میر، شمس فقیر، احمد بٹہٕ وار، وہاب کھار، رحیم صأب، ظریف شاہ، سیف الدین تارِ بلی، پرکاش بٹ۔ 1846 تا 1947 : عبدالاحد نادِم، کرشن جو رازدان، سناء اللہ کریری، پز مانند، بُلبُل ناگامی، وہاب پرے، رمضان بٹ گنستان، پیر غلام محمد حنفی کاشمیری، پیر عبدالعزیز حقانی، ویشنہٕ کول، محمد اسماعیل نامی، احمد بٹہٕ وأری، مولانا انور شاہ شوپیانی، وازہ محمود، محمد سراج، صمد میر وغأرٕ۔ 1947 پتّھ: (وژن تہٕ صوٗفیانہٕ دور) احد زرگر، لسہٕ خان، حیرت کامِلی، مُبارک شاہ فِطرت، رژ دید، عبل وأنی، حسن ڈرائیور، غالب ترالی، محمد کھار، وغأرٕ وغأرٕ۔ 1947 سے آج تک: (جدید دور) مہجور، آزاد، نادِم، راہی، کامِل، فراق، نندہ امباروار، شو در رینہ زار، ماسٹر زندہ کول، عبدالستار عاصی، مرزا عارف، نوٗر محمد روشن وغأرٕ۔"[1]

ٹی۔این رینہ ("History of Kashmiri Literature"، سنہ 2002، ساہتیہ اکادمی)۔ (1) صوفی زمانہٕ (Great Mystics): شتی کنٹھ، لل دید، شیخ نور الدین ولیؒ۔ (2) وژن کال (Lyricism): حبہ خاتون، صاحب کول، أرنہٕ مال، شاہ قلندر، مومن صأب۔ (3) مثنوی دور: محمود گامی، مقبول امرتسری، ولی اللہ متو، رحیم صأب، رسول میر، مقبول شاہ کرالہٕ وأری، پزکاش رام کُرگامی، محمد اسماعیل نامی، حاجی محی الدین مسکین، پیر خواجہ محی الدین مسکین خوشی پورہ، عزیز حقانی، درویش عبدالقادر، امیر شاہ کریری۔ (4) صوفی تہٕ بھگتی شاعر: پز مانند، حبیب اللہ زرگر، عبدالاحد نادِم، محمد سراج، واز محموٗد، کرشن جو رازدان۔ (5) ماڈرن زمانہٕ (1925-1947): مہجور، آزاد، عاصی، صمد میر، احد زرگر، حیرت کامِلی، مُبارک شاہ فطرت وغأرٕ۔ (6) ترقی پسند دور (1947-1953) : مہجور، آزاد، نادِم، راہی، کامِل،

[1] "کأشر زبان تہٕ ادبک توأریخ"، 2012، ناجی منور تہٕ شفیع شوق، علی محمد اینڈ سنز سرینگر۔

فراق، نِنہ امباردار، شِو درِ رینہ زار، ماسٹر زندہ کول، عبدالستار عاصی، مرزا عارف، نوٗر محمد روشن، عبدالمجید سالِک، ناجی مُنور وغارِ وغارِ ۔"[1]

کأشُر شعری ہندی مختلف دورن متعلق چھُ شفیع شوق تہٕ ناجی منور "کأشر زبان تہٕ ادبُک توأریخ" منز واقعہ صحی تہٕ اصل پأٹھی وبڑ ھنے کرِ ہیٚتھ۔ اتھ برعکس چھُ پروفیسر ٹی۔این رینہ تہٕ برج بہاری کاچروا کھأ کِس بتہٕ اختلاف کرِتھ چھِنہٕ کُنہ تنجِس پٹھ واتی متہٕ ۔

چنانچہ ہے چھِ وُنی کِس ترقی پسند دورِ چ ذِکر کرُنی ضروری تِکیاز دینا ناتھ نادِم صأب چھُ امی دوٗرُک پأداوار تہٕ اکھ اہم شأعر تہٕ شخصیت۔ کأشُر شأعری ہُند ترقی پسند دور گو 1939 ہِ پٹھہ شوٗروٗ۔ یہ اُس اکھ لگہٕ تحریک یوسہٕ شخصی حکوٗمتس خلاف اُس۔ اتھ سِلسِلس منز اوس شیخ محمد عبداللہ شیرِ کشمیر (1905-1982)، عبدالاحد آزادنی (1903-1948) شار پرتھ کُنہِ جایہِ سٹیجس پٹھ لوکن بوزناوان:

کیاہ روزِ پزون ژھاے سوزِ جگر میون
کر پھیرِ سبزی لولہٕ باغس نیرِ یہِ شر میون
فولاد ژوٗپم نار ژوٗلم خونِ جگر چوٗم
اَزتام ژٕے روٗس کأنسہِ کُن پھو نہٕ یہِ سر میون

یم شعر اُسی شیخ محمد عبداللہ ہس نِش پزیم ناتھ بزازن واتنأومتی۔ تِکیازِ یمن دوٗ ہن اوس شیخ صأب تہٕ بزاز صأب پانوٗنی سخت دوست تہٕ امہِ علاوٕ اخبارِ ہمدردُک مشترکہٕ مألِکھ۔ چوٗنکہِ "ہمدردس" منز اوس اکثر عبدالاحد آزادُن کلامہٕ چھپان۔

---

[1] A History of Kashmiri Literature، 2002، ٹی۔این رینہ (1922-2000)، ساہتیہ اکیڈمی نئی دہلی۔

''کونگ پوش''[1] رِسالس منٛز چھُ نادِم صأب، غلام احمد مہجورس (1888-1952) متعلق لیکھانٛ زِ ''سون موجوٗدٕ دور چھُ جناب مہجور سٕنٛز شأعری پیٹھٕ شوٗرٕ گژھان۔ مہجور چھُ سٕہ شأعر ییٚمی زن کأشرِ شأعری روایتی تشبیہ تہٕ محاورٕ نِشہٕ آزاد کٔرِتھ اصلی کأشرِ خیالچ ہمنوا بنٲو۔''

---

[1] کونگہٕ پوش رِسالہٕ اوس قومی کلچرل کانگریسک ترجمان۔ یُس ستمبر 1949ہس منٛز شایع گو۔ امِکس گوڈنِکس شُمارس منٛز اوس کلچرل کانگریسک آئینہٕ بیٚیہٕ صادق صأبُن تقریر، اُنجمنِ ترقی پسند مصنف سٕنٛد رِپورٹ، نادِم صأبُن ''مگر کاروانٛ سون بڑوٚنہہ بڑوٚنہہ پکان گو'' بیترِ۔ یہٕ رِسالس اوس 1957ہ تام نیران اگرچہ منٛزٕ منٛزٕ بند تہٕ اوس گژھان۔ اتھ رِسالس منٛز اوس زیادٕ تر ترقی پسند ہٕنٛزٕ نظمہٕ تہٕ غزلہٕ بیٚیہٕ مضمون چھپان۔ اتھ منٛز چھُ یِمن شأعرن ہُنٛد کلامہٕ چھپیومُت: ☆میر غلام رسول نازکی (1910-1998)۔ أمی سٕنٛز اکہٕ غزلہٕ ہُنٛد یہٕ شار: ''ژٕ نے مختأری مے مجبوٗری، ژٕ نے قہاری مے محکومی، یتھِس حالس اندر شوٗبیاہ مے مِسکینس حِساب اسُن''۔ ☆ تریلوٗکی ناتھ گُندن (سرینگر 1926ہ) نظر گرِ واجنہٕ کُن نظم تہٕ بیٚیہٕ کینٛہہ غزلہٕ چھےٚ اتھ منٛز چھپےٚ مژٕ۔ مثال: ''مےٚ ڈُچھ اوترٕ تمہِ اوترٕ بیٚیہٕ راتھ شامن، شُراہ اکھ منگان پوٚنسہٕ خاصن تہٕ عامن''۔☆ ننٛدٕ لال امباردار زاو 1915ہ۔ أمی سٕنٛز یہٕ نظم چھےٚ یتھٕ پأٹھی: ''مےٚ ڈیچھ لینن خوابس منٛز ڈول وایان''۔ ☆ نورِ محمد روشن زاو 1919ہ (نظم: بوٚمبر یمبرزل، موٚزوٗرۍ تہٕ کاشتکار، مزدوٗر سٕنٛد اِرادٕ)۔ ☆رحمان راہی زاو 1925ہ نظم: ''ٹھٔہرِ کتہٕ جاگیر دأری، ویٚشاکھ تہٕ رفگر''۔☆ غلام نبی فراق زاو 1922ہ، نظم: ''سازندرس، جنگ تہٕ امُن''۔ ☆ عبدالستار عاصی 1881-1951ہ، ''کٔمن یوزوٚنن والہِ بنان کیٚاہ مزوٗرن، لتہٕ دیاٚرٕ وألکِ ہٕنٛدی لوٗٹھ کران کیٚاہ چھِہ مزوٗرن''۔☆ مرزا غلام حسن بیگ عارف (1910-2003ہ) ''خوجہِ پوٚ ہم پھیکہٕ یونٛ ترٛأوِتھ داغ میأنی بأوِتھ ما، فاقہٕ شُری بأژلرِ سأوِتھ، پھمب ژأرِتھ تھأوِتھ ما''۔☆غلام احمد مہجور (1888-1952): نظم: کونگہٕ پوش تہٕ موٚزوٗر۔☆ دینا ناتھ نادِم (1916-1988ہ)، زندہ بادشام جی، جنگ باز خبر دار، وغأرٕ۔☆امین کامل (1923-2014ہ)، گُل تہٕ گُلالہٕ۔☆ غلام نبی خیال (1939ہ) نظم: استقبال بیٚیہٕ زِندگی تہٕ امُن۔☆ شو در رینہ زار (1908-1972ہ) نظم: وُزمل، بیٚیہٕ سرمایہٕ دارس کُن۔☆غلام نبی عارض (1916-1965ہ)، ''یارٕ دلہِ چھُ خستہٕ حال گرٛیس موٚزوٗر کاشتکار، لوٚسےٚ متین دِلن زنٛ فاقہٕ پھیر بن ہوش کر''۔ امہِ علاوٕ أسۍ اتھ میگزینس منٛزٕ سروانند کول پریمی، چمن لال چمن، مکھن لال بیکس، امر چند ولی، دینا ناتھ المست، موتی لال ساقی، فارق بڈگامی، فاضل کشمیری، ماسٹر زندہ کول وغأرٕ چھپان۔ (حسرت گڈہ)

اَتھ دورس منز اوس غلام احمد مہجورؔ ہندوارِ پٹوآری بیٚیہٕ وزیرِ وزارت رگھوناتھ متوصاًب اوس۔ یہٕندِس عدالت منز چھِ مہجورن تحریکِ آزادی ہِند بن کارکنن خلاف شہادت دِژہِنہٕ ییمن منز اوس ہندِ وارک مشہوٗر سیاسی رٔہنما غلام قادر مصالہٕ۔ یہ چھِ پوٗز زِ مہجور روٗد پتہٕ مبین دوٚہن کلچرل فرنٹ، کلچرل کانگریس ستیٚ وابسطہٕ۔ مگر تس اُس ورتھ مجبوٗری۔ اُمی سٕنز شاعری چھِ لوٚکہ طرزٕ تہٕ فِلمی طرزن پیٹھ مبنی۔ امہٕ کنی اوس یہٕ عامس منز زیادٕ مشہوٗر۔ مگر اُمس ستیٚ ستیٚ اُسی غلام نبی عارض، احد زرگر، صمد میر، عبدالرحمان دِاریل، شمس فقیر وغارٕ۔ اُمی سٕنز سأری شاعری چھےٚ رسول میرنِس رنگس منز گوتہٕ مارِان۔ امیک اعتراف چھُ مہجورن پانہٕ کوٚر مُت:

اتھ درد صوٗرژ پردٕ تلی گوشہ رسوٗل میر مہجوٗر لاٚ گتھ آو بیٚیہ دوبارٕ اُتی روز

عبدالاحد آزادس متعلق چھِ نادِم صاًب "کونگ پوش" کِس اَکِس شُمارس منز لیکھان: "پٔژ کنی چھُ آزاد نوٚ کشیرِ ہُند ترقی پسند شاعری ہُند بوٚڈ بارٕ معمار۔ اُمی بدلوو شاعری ہِندی مضموٗن، شکل تہٕ بیٚیہ بخشنس نوٚو روٗح۔" اتھ سِلسِلہٕ منز چھُ "کاشُر زبان تہٕ ادبُک توأریخ" منز ناجی منور تہٕ شفیع شوق لیکھان زِ "ترقی پسند تحریکُک بأنی کار چھُ عبدالاحد آزاد یُس کشیرِ ہِندِس سیاسی اِنقلابس کُن روخ پھِرُن یژھان اوس۔ سُہ اوس گوڈنیُک کأشُر شاعر یُس کشمیر سوشلسٹ پارٹی اِستیٚ شعوری طور وابسطہٕ اوس۔ امہٕ پارٹی ہنز بُنیاد اُس 1941ہٕ یُس منز پریم ناتھ بزازن (1905-1984) ترٲوِمٕژ۔ سُہ روٗد بزازنِنِ "ہمدرد" تہٕ "وتستا"[۲] اخبارن منز پنُن اِنقلأبی کلام چھپاوان۔"

[۱] اتھ سوشلسٹ پارٹی منز اوس بزاز صاًبس علاوٕ کنیا لال کول (مکھن لال محوسُند بوٚڈ بوے)، ڈاکٹر اومکار ناتھ ٹُنوٗ (مُصوِر)، میر عبدالعزیز (صحافی)، پروفیسر این۔ این رینہ، عبدالاحد آزاد، عبدالسلام دالیلہٕ گامی۔ اتھ سوشلسٹ پارٹی لرِ اُسی یِم کِسان مزدوٗر پارٹی (1946) چلاوان۔ (حسرت گڈہ)

[۲] وتستا ہُک گوڈنیک پرچہ دژاو 1932 عیسوی منز تہٕ "ہمدرد" دژاو اگست 1935 عیسوی منز۔ شیرِ کشمیر شیخ محمد عبداللہ گوامہٕ اخبارٕ نش 1943 ہَس منز الگ۔ (حسرت گڈہ)

یتھ منز چھنہٕ کانہہ شکھ زِ عبدالاحد آزاد چھُ "کاشُر شاعری تہٕ ادبک" واُحد شخص ییمی پننہٕ زندگی ہُند بہترین وق قومی تہٕ سیاسی ادبی کامین منز صرف کوٚر۔ رسول پوٚمپُر چھُ آزادس متعلق لیکھان: "آزاد چھُ سُہ کاشُر گوڈنیُک شعور وول فنکار ییمی لولہٕ سان خوٗنِ جگر برِتھ تھوٚو۔ ییمی مریض، حُسن پرستی تہٕ افینہٕ اثرٕ نش کاشر شاعری عملن تہٕ شوٗژ راوُی۔ یہٕ چھُس تمن فنکارن ہیم آزادنہٕ شاعری تنگی ہُند شِکار چھِ مانان۔ گُذارِش کران زِ تمن کیاہ زِ چھنہٕ تس مجبورس (یُس زُلفکہٕ زالہٕ نش اُخرس تام آزاد گونہٕ)۔"[1]

دینا ناتھ ناٗدِم چھُ واریاہن جاین امہٕ کتھِ ہُند اقرار کوٚر رمُت کہِ یہٕ چھُس نہٕ گوڈنُک ترقی پسند شاعر کینہہ، بلکہ چھُ سون امام عبدالاحد آزاد۔ ییٚتھ چھِ یہٕ کتھ واضح کرنچ ضروٗرتھ کہِ کشیرِ منز کمہٕ آیہٕ آو ترقی پسندی ہنز تحریک۔ اتھ سِلسِلس منز یُس اہم رول ڈاکٹر دین محمد تاثیر ادا کوٚر تتھ متعلق چھِ تسنز بیگم بلقس تاثیر لیکھان[2] "کشیرِ ہنز ترقی پسند تحریکی ہُند بانی کارچھُ ڈاکٹر محمد دین تاثیر۔ ییم 1938 ہس منز کینہہ اُدیب تہٕ شاعر ہیتھ کشیرِ آو۔ اتھ سِلسِلس منز ییم اُدیب تہٕ سیاستدان اُمس ستی اُسی تتھ منز چھُ فضل الہیٰ قوربان، پروفیسر عبداللہ صفدر (ییم دوشوٕے اُسی ماسکوہس منز سیاسی تربیت حاصِل کرِتھ آمتی)، ڈاکٹر ایم۔ایچ اشرف، مسٹر پی۔سی۔جوشی، مُلک راج آنند، سجاد ظہیر، فیض احمد فیض، طفیل احمد، جوش ملسیانی وغارٕ۔" 1941-42 منز کر ڈاکٹر دین محمد تاثیرن پراگریسو ریٹرأرس ایسوسیشن قایم۔ اتھ منز اُسی ڈی۔پی۔در، جانکی ناتھ زُتشی، بخشی غلام محمد، غلام محمد صادق،

---

1 "ادبک ترقی پسند نظریہ" رسول پوٚمپُر، صفہٕ 53۔ "سون ادب" 1964، مدیر علی محمد لون، سنہ اشاعت 1965، کلچرل اکیڈیمی۔

2. "The Kashmir of Sheik Abdulla" by Bilkas Taseer, published by Gulshan Publishers Srinagar.

عبدالمجید بخشی، خواجہ محی الدین قرہ، پروفیسر مقبول احمد خان (خان صأب آو 1947 ہَس منز میر پور جیمہِ قتل کرنہٕ، یہِ اوس ایس۔پی کا بجس منز ڈزاما شعبک سرپرست تہٕ)، مِس محمودہ علی احمد شاہ، گرداری لعل ڈوگرہ وغأرٕ وغأرٕ۔ اتھ پراگرسیو رائٹراس ایسوسیشنہٕ اُس ہندوستأنی طالبِ علمن ہنٛز اسٹیڈی سٔرکل تہٕ اِنڈن پراگرسیو رائٹرین ہٕنٛز خاص وابستگی۔ اتھ منز اُس مُلک راج آنند، سجاد ظہیر، ڈاکٹر جیوتی گوش، ڈاکٹر کے۔ایس بٹ، ڈاکٹر ایس۔ساہنی، امہِ علاوٕ اُسی امرتسر کالجکی پرنسپل ڈاکٹر محمود الظفر، بیگم رشیدہ جہاں (بیگم محمودٕ الظفر)۔ یہِ کالج اوس امہِ وقتہٕ پراگرسیو رائٹرین ہٕنٛز اڈٕ بنیو مُت۔ کلکتہ پیٹھٕ اُس پروفیسر ہیرن مکرجی، الہ آباد یونیورسٹی پیٹھٕ احمد علی تہٕ علی گڈھ پیٹھٕ پروفیسر اشرف علی اتھ تحریکہِ ہٕتی وابستہٕ۔

بیگم رشیدہ جہاں چھےٚ سو کأتٕر کوٗر یمی ترقی پسند تحریکہِ منز زبردست رول ادا کوٚر۔ امہِ کُر ترقی پسند افسانن ہٕنٛز سوٚمبرن "انگارے" امرتسر پیٹھٕ شایع یوسہٕ تمہٕ وقتکہِ حکومتن ضبط کُر۔ رشیدہ جہاں ہٕنٛدِس مألِس اوس ناو شیخ محمد عبداللہ۔ سُہ اور اوڑی زامُت، تمہِ پتہٕ آو سُہ پوٗنچھ تہٕ گوٚ علی گڈھ تألیم حأصِل کرنہِ۔ یتہِ سُہ سرسید احمد خانس خاص دوست بنیو۔ اُمی کوٚر علی گڈھس منز کوربن ہٕنٛدِ خأطرٕ گرلز ہائے سکول قائیم۔ اُمی ہٕنٛدِس ناوس پیٹھ چھُ علی گڈھس منز شیخ محمد عبداللہ ہوسٹل بناونہٕ آمُت۔ شیخ صأبنٛی بیا کھ کور اُس خورشیدہ بیگم یوسہٕ پننہِ وقتہٕ مشہوٗر فلمی ادا کارہ اُس۔[1]

دسمبر 1935 ہَس منز کُر مُنشی پریم چندن، مولوی عبدالحق، جوش ملیا آبادی ہٕنٛدِس صدارتس منز اکھ اہم ترقی پسند تحریکہِ ہٕنٛز کانفرنس۔ اتھ کانفرنسہِ منز پوٚر منشی پریم چندن خطبہ صدارت یمن لفظن منز: "میں آزادی 'تنقید حیات' قرار دے کر اس کی افادیت کا اعتراف کرتا ہوں۔ جس میں تفکر آزادی کا جذبہ ہو۔ حسن کا جوہر ہو۔"

[1] اِذأتی کُتب خانہ، حسرت گڈھ۔

کٲشِرِ منز تہٕ گیہ یمنے بُنیادن پیٹھ کلچرل فرنٹ 1947منز قٲیم۔ یمیُک صدر پیر عبدالاحد، سیکرٹری غلام رسول رینزو تہٕ پریم ناتھ پردیسی تہٕ بیٚیہ شِو دان سنگھ چوہان وغارٕ۔ امیُک صدرِ دفتر اوس نُمٲیشی گاہ سرینگرس منز۔ اتہِ اُس مُشاعرٕ، ادبی کانفرنسہِ سپدان۔ یمنے مُشاعرن تہٕ کانفرنسن منز چھُ دینا ناتھ نادمس مختلف اُدیبن تہٕ شاعرن سٟتی تعارُف گژھان۔ امہِ پتہٕ کینٛہہ کال گژھتھ کوٚر خواجہ غلام محمد صادقن قومی کلچرل کانگریس قٲیم۔ 5-4 جولائی 1949 ہَس منز کوٚرُک گوڈنیُک اِجلاس نُمٲیشی گاہس منز۔ اِجلاسس منز بنیوٚ غلام محمد صادق صدر، نٲیبِ صدر میرزا محمد افضل بیگ، اسعد اللہ کاظمی، جیا لال کول، جنرل سیکرٹری میرزا عارف، شِو دان سنگھ چوہان، خزانچی محمودہ احمد علی شاہ، جنرل سیکرٹری ترقی پسند مصنّفین دینا ناتھ نادمِ، جنرل سیکرٹری پراگریسو تھیٹر ایسوسیشن شیلا بھاٹیہ، جنرل سیکرٹری اُنجمنِ ترقی پسند مصورین، سوم ناتھ بھٹ۔

اگر چہ منزٕ منزٕ اٲسی اتہِ مختلف عہدن پیٹھ تبدیلی گژھان مگر خواجہ غلام محمد صادق صدر تہٕ دینا ناتھ نادمِ جنرل سیکرٹری اٲسی ہمیشہِ روزان۔ کٲشِرِ منز یوسہٕ تحریک 1931ہَس منز شوٗرٕ سپٕز تہٕ پتہٕ گیہ سو 39-1938 ہَس منز دون پارٹین منز تقسیم۔ اُکھ اوس ناو مسلم کانفرنس تہٕ بیٚیہ نیشنل کانفرنس۔ نیشنل کانفرنس منز ژاے امہِ وقتہٕ مختلف فِرقن ہندی لُکھ یتھ منز ہیندی، مسلمان، سِکھ وغارٕ اٲسی۔ نادمِ صٲبن تہٕ کوٚر پنُن پان نیشنل کانفرنس سٟتی وابستہٕ۔ چوٗنکہِ شاعر آسنہٕ سببہٕ اُس اَمس زیادٕ پٔہن اہمیت۔ 1946ہَس منز یمہِ مُشاعرُک انتظام میرزا عارف صٲبن اوس کوٚر رمُت تتھ منز پٔر نادمِ صٲبن کاشُر نظم "مٕژ راو برتے دارِتی۔" حالانکہِ نادمِ صٲبنٕ گوڈنیچ غزل چھے "پھٔلی ؤٹی ؤٹی انبارن روزِیا" تہٕ دویم کاشُر غزل 7/جنوری 1935ہَس منز چھس:

"سو وِز ییٚلہٕ میٚون غارتھ سپنہٕ دأرِتھ نیرِ طوٗفانس
پھٕٹٕن دنٛد ہرِد واوس زرد رنٛگ گرٛھِ کالہٕ اسمانس

گوڈنیُک بلینک وٕرس (Blank verse) چھُ میٚون افسانہٕ۔ یہ نظم چھےٚ 1954ہَس منٛز لیکھنہٕ آمٕژ۔ 1956ہَس منٛز چھےٚ گوڈنچہِ لٹہِ آزاد نظم "یہ گیوٚنہٕ از" لیکھنہٕ آمٕژ۔ گوڈنیُک اوپیرا چھُ ناٗدم صابن "کونٛگہٕ پوٚش" جون 1955ہَس منٛز چھپیومُت۔ امیُک ناو چھُ "اَہ زمین تُسنٛد تیٚمی یہ کموٗد کھبتھ"۔ دوٚیم اوپیرا "ہی مال ناٗگراے" چھُ ناٗدم صابن تہٕ نوٗر محمد روشنن یکوٹہٕ لیٚوکھمُت۔ امہِ پتہٕ لیچھ ناٗدم صابن "بوٗمبر یٔمبر زل"، "نیکی بدی"، "شہلی کُل"، "مدن تہٕ زول مال"، "سفر تہٕ شہجار"، "ودنٛدٕ" تہٕ اَخرس پیٹھ لیٚوکھن "وتستا"۔ امہِ علاوٕ یُس اوپیرا "اَسی اَس تہٕ اَسی آسو" بادام وارِ سرینگرٕ اوٚپن آئیرس منٛز سانٛگ اینڈ ڈراما ڈیوجن گورنمنٹ آف انڈیاہن پیش کوٚرمُت۔ سُہ اوس ناٗدِم صابن تہٕ اختر محی الدینن یکوٹہٕ لیٚوکھمُت۔

ناٗدِم صابٕن گوڈنیُک سانیٹ چھُ: "ژٕ نے چھےٚ نا لالہٕ میانے یادتم دوہ"۔ اتھ سانیٹس متعلق چھُ نشاط انصاری لیکھان زِ "یہ چھُنہٕ پوٚز کہِ ناٗدمن لیٚوکھ سانیٹ گوڈنچہِ لٹہِ۔ بٔلی کہِ چھُ کاشرِس منٛز سانیٹ امین کاملن لیٚوکھمُت۔ مگر اتھ سِلسِلس منٛز ییٚلہٕ اَکھ یہ خط چھِ پران یُس امین کاملن چھُ پروفیسر رتن لال شانٛتس لیٚوکھمُت:
"ناٗدِم صاٗب اوس میٚون ہم قدم تہٕ ہم سفر۔ اکھ اَکس ہنٛدِس عابس ثوابش اَسی پوٗرٕ پأٹھی انزِس منٛزس۔ اختلاف تہٕ اَسی سپدان، مۄکری تہٕ اَسی گرٛھان مگر تہٕ اَستھ تہٕ اَس پانہٕ وِنٛ بیدار ماے تہٕ مالے تہٕ۔ سُہ اوس اکھ قد اور ادبی شخصیت یٚمی کاشرِ شاعری نوٚو طرح تہٕ نوٚو موڑ دیُت۔ یُتھ انہار بدلووُن زِ اَمی دیُت سانہٕ شاعری آزاد نظم، بلینک تہٕ فری وٕرس، سانیٹ تہٕ لوکچہ نظمہٕ (حأرِی ثاتھ)، اوپیرا تہٕ دوٚیمین شارِ ذأژن کوٚرُن گوڈنچہِ لٹہِ کاشُر ادبس زان۔ اَمی سُنٛد انٛداز بیان اوس تیٚوٗت

سأداوار، جُسوارتہٕ پرٕگشش زِ اکثر شاعرٕنین پانس ستۍ ڈ۪ہتھ۔ مگر اُمۍ سُند اندازِ بیان گوٚ تہٕ اُمیٖ پتہٕ شوٚ رُ تہٕ اُمیٖ پتہٕ ووت اند تہٕ۔ یہٕ چھنہٕ گفہٕ کتھ یہٕ مقام چھُ حالِ حالےکاٗنسہٕ پنٕنس ادبی دُنیاہس اندر حاصِل سپدان۔"[1]

یۆ تام نادِم صأبنہٕ ترقی پسند شاعری ہُند سوال چھُ تمۍ چھےٚ ترقی پسند نظمک ترجُمان بٔنتھ تمیٚک فنی حُسن برقرار تھوٚتھ تہٕ پنہٕ نِس تخیلس کش کڈتھ حسین غزلہٕ تہٕ نظمہٕ لیچھمٕژٕ۔ نادِم صأبن چھےٚ کأشرِ شاعری پرٚتھ رنگہٕ مالامال کرٕمٕژ۔ پرٚوفیسر غلام نبی فراقؔ چھُ نادِم صأبس متعلق لیکھان زِ "دینا ناتھ نادِم چھُ جدید شاعری منٛز اکھ الگ اندازِ بیان ہٮ۪تھ یوان۔ اُمۍ سٕنز طرز تہٕ چھُ الگ تہٕ اُمۍ سٕنز امیجری تہٕ اُمۍ سٕندِس سٹایلس منٛز چھِ زُوتہٕ زور تہٕ۔ یہٕ چھُ بٮ۪ین شاعرن نِش سبٹھاہ مختلف تہٕ جُدا۔ اُمۍ سٕنزِ زبأنۍ منٛز چھُ فارسیک اثر تہٕ نہٕ سنسکرتُک غلبہٕ۔ یہٕ چھُ شوٚد کأشر زبان ورتاوان۔"[2]

جدید شاعری چھےٚ 1955ء تا 1958ء درمیانس منٛز سأنِس کأشرِس ادبس منٛز زُوٚ زبہٕ لبان۔ اتھ دوران چھِ پرٕیمتۍ لیکھمتۍ اُدیب، ٹی۔ ایس۔ ایلیٹ، ازرا پاوٗنڈ، پکاسو وغأرن ہٕندۍ تخلیق تہٕ مُصوری وُچھان۔ یِمہٕ کِنۍ یمن پٮ۪ٹھ امیٚک اثر پیو۔ سائنس دانشورن ہُند پرٚون نظریہ، قدرت تہٕ فلسفہٕ گےٚ چھلہٕ چھانگرٕ۔ تمو کوٚر حقیقتس کُن رُجحان۔ دینا ناتھ نادِم، رحمان راہی، فِراقؔ، کأملؔ وغأر یو ہیوٚت نوٚ آیہٕ سوچُن تہٕ لیکھُن۔ دینا ناتھ نادِم چھُ اُکِس انٹرویوہس منٛز ونان زِ "میانہٕ شاعری ہُند نوٚ موڑ چھُ 1958ء پٮ۪ٹھ شوٚ رُ سپدان۔ یِیلہٕ مےٚ "نابد تہٕ ٹُھنٛٹھ وبن" نظم لیچھ۔ اتھ نظمہٕ چھِ میانہٕ تہٕ کأشرِ شاعری منٛز اکھ میلہٕ کنہٕ ہُند درجہ حاصِل۔ شاعری منٛز تبدیلی ینہٕ باوجوٗد تہٕ چھِ ترقی پسندی زِٹہٕ تمن لوٚکن ہٕنزِ شاعری منٛز موجوٗد یمن ترقی پسندی ستۍ

[1] عہد ساز نادِم، ستی سر 4، ناشر سمپرتی، جموں 2000 عیسوی، ترتیب کار رتن جوہر۔
[2] سون ادب 1964ء، مدیر اختر محی الدین، کلچرل اکیڈمی سرینگر۔

واٹھ چھُ روٗ دمُت۔ یِمن لۄکن منٛز چھُ میٲون ناوتہٕ شٲمِل۔''[1]

اتھ دوران چھےٚ 1957ؑ ہَس منٛز پرٛوفیسر رحمان راہی ین حلقہ علم و ادب خانیارچہِ اَکِس ادبی میٖنگہِ منٛز یہِ نظم ''سمبھالہِ ہوش اگر'' پرٛمٕژ۔ یمیُک شار یتھ کٕنۍ چھُ:

دِلُک خلوٗص چھُ پۆزۍ کٕنۍ عظیم حُسن مگر

گولاب ما چھُ فقط رنٛگ دار بۆرگن ناو

شعوٗر یام دہماغس کران چھُ دِلدآری

ہوا چھُ زنتہٕ مُشک ہتھ دیان بہار ہو آو

حلیم زن تہٕ ونن ژھایہِ پھانٛپھلے ہتۍ مور

لطیف زن تہٕ صُبح و دم ٹھُربن پہوان شبنم

سپۆر زنتہٕ ہمالیا کوہکۍ قداوار تھۄنٛگۍ

دِوان چھِ واوِ گُلبن تن زٕہیے ہنہٕ آرام دم

مگر گولاب چھُ خوشبوے روٗس یِوٚ ہے شرٛچھم

وزان چھِ تارِ مگر راگہِ روٗس پریشانی

(کِتاب: ''نوروزِ صبا'')

اتھ ادبی میٖنٹگہِ منٛز کوٚر کیمٛونسٹو زبردست ہنگامہٕ تہٕ وۆنکھ یہِ نظم چھےٚ ترقی پسندی خلاف۔ تِکیازِ تِموکوٚر رنٛگہِ دار آسنس پیٹھ اعتراض۔ اتھ ادبی میٖنگہِ منٛز اوس غلام نبی فراق، بہادین زاہد، مخمور بدخشی، بدردین بیٚہ، حسرت گڈہ تہٕ وغارٕ۔

اتھ سِلسِلس منٛز چھُ امین کامِلن کینٛہہ غزلہِ تہٕ پٕچھرٕ۔ مِثال ''کٕمۍ دوٗپ یِنتہٕ چھُنہٕ آدم بوے۔ یہِ کیاہ اِڈ چھا سارینے ژھایہٕ''۔ کامِلنِن مختلف شارن منٛز جدید ذہنک احساس گوھان۔ نادمس متعلق چھُ پرٛوفیسر حامدی کشمیری لیکھان:

---

[1] کاشُر شیرازٕ، دیناناتھ نادِم نمبر 1990ؑ، کلچرل اکیڈیمی سرینگر۔

''حالانکہِ نادِم چھُ پننہِ مُشاہدٕچہِ گہرٲیی تہٕ نوبر علاوٕ تجرُبن ہٕنز گنبر تہٕ وِیر اوٚنچ کوٚشش کران۔ تشبیہ تہٕ استعارٕ یوٚ تام نہٕ أند رِمہٕ تجرُبک حصہٕ یا خود تجرُبہٕ بنِن تم چھِنہٕ بدشکل زنانہٕ یا بُجہٕ ہٕندی وَس ہِوی باسان۔ نادمنہٕ زِندگی منٛز چھہِ تم ساتھ بار بار یِوان ییٚلہِ سُہ فنی زاوی جارن سنان چھُ۔ سُہ چھُ تشبیہن تہٕ استعارن پنہٕ نِس موضوٗعس منٛز شرٛ وِپہِ راوان تہٕ تِمٕ سُند موضوٗ چھُ شاعرانہٕ رنگ رٹان۔

أندری پوٗ کی سوٚ دراہ شیٖشے ناگس

پمپوش تھٔنہٕ پیٚوٗ مُت برہما

بنٛگربن گو چھونی چھونی أنہٕ أنٛدٕری

مےٚ چھُ باسان راژ ہٕنز باہ آسن



(نظم: ''نابدٕ تہٕ ٹٹھٕ وبن'')

لکچھِ چھُ لکھچِن

بُمہٕ ہٕنٛزٕ سُمہٕ تل

سِر یہٕ پٕژ زل وُن

زن نا گی رالیس

یارِ أکس تل

منکہٕ چھُ موٗ ٹھمُت

بلہٕ پوٗرِس ژھاران ہی مال

نتہٕ اسمانس روٗنہٕ دامانس

اوٚ برس کو چھِ کیتھ سنگرمال



(نظم: لکھچِن چھُ لکھچِن)

امہٕ مزید چھُ ڈاکٹر حامدی کشمیری لیکھان زِ ''نادِم چھُ ترقی پسندی ہُند بوڑہِ ہیوٗ

علمبردار۔ تِمَو لیچھ خلوٗص تہٕ پزٕ سان طبقیاتی نظامہٕ چھبن حرابین، اِنقلابس، وطنس تہٕ موٗزوٗرس متعلق نظم۔ مگر یِمن نظمن منز چھےٚ فنی ضبط تہٕ تحمل جایہٕ جذباتی وٚتش۔ یہٕ جذباتی وٚتش چھےٚ تِمَو ہنز کمزوری سُہ طاقتھ تہٕ باسان۔ کمزوری یہٕ زِ سُہ چھنہٕ بقولِ ٹی۔ ایس۔ ایلیٹ تخلیقی عملہٕ وِزِ غار شخصی طریقہٕ ورتاوان۔ امیُک فایدٕ چھُ یہٕ زِ تِمَو سُند لہجہ چھُ زوراوار بنان تہٕ کاشُر نظم نِگاری منز چھُ سُہ اکھ آواز باسان۔"[1]

یہٕ کتھ چھےٚ وَنُس لایق زِ 1960ہٕ پتہٕ لیچھِ ناٗدمَن کینہہ نِونظمہٕ مثلن نابد تہٕ ٹٚٹھ وبن، لکھچہ لکھتچن، کاٗٹھی درواز پیٹھ گرِ تانی ،ژٕلری زال۔ یم نظمہٕ چھےٚ پزٕ پاٗٹھی ناٗدمنہٕ فنی پوختگی ہُند پےٚ دِوان۔ یِمن نظمن منز چھُ قدرن ہنز تباہی ہُند بیان علامتی تہٕ تاثراتی اندازس منز کرنہٕ آمُت۔ منز منز چھُ خابن ہنز شیشہٕ کھنجہ سوٚمبراوِتھ نٚوی اٚنہٕ خانہٕ سجاونکی خاب وُچھان۔ مگر وچھ سنگلاخ حقیقت چھےٚ تِمس ٹسنہٕ کران۔ یِمن لفظن منز چھُ ناٗدِم پننہٕ مُشاہدٕچ گہراٗیی تہٕ نٚوِ علاوٕ تجربن ہنز رنگارنگی تہٕ وبہہ راوان۔ سُہ چھُ تشبیہن تہٕ استعارن پننہٕ نِس موضوٗعس منز شرٚ یہٕ راٗوِتھ فنی حُسن ننہٕ راوان۔ مثلن ژٕلری زاٗجہ نظم:

| | |
|---|---|
| ہے دم گوٚو، وولہٕ داٗ راہ مُژرو | واوِ رِنگا دیوٚ پیہ کُنہٕ کاٹُرھا |
| دیوٚ یمہٕ زاٗج پھٹرپین یوٚن کُن | دیوان خانس دیوٚ گرٚ دِھشہٕ پھیرٕ |

یہٕ کتھ چھےٚ وَنُس لایق زِ ناٗدمنہٕ کینہہ تازٕ موخصر نظمہٕ چھےٚ تِمَو سُند ذہنی تہٕ فنی سفرُک اکھ نوٚو منزلُک پےٚ دِوان۔ یِمن نظمن منز چھُ سُہ یقینٕک منطقی لہجہ ترٛاوِتھ راونک تہٕ تشکیلک جذبہٕ شاراوان۔ امہٕ علاوٕ چھُ سُہ اِنقلابی لہجہ ترٛاوِتھ پھسر این منز پٔنن تجربہٕ باوان۔"

---

[1] سون ادب، 1976ہٕ، مدیر محمد امین کامِل، کاشُر نظم صفہٕ نمبر 241، جموں کشمیر کلچرل اکیڈیمی سرینگر۔

اتھ برعکس چھُ رحمان راہی مختصر نظمن متعلق لیکھان ''اماپوٚز خأل مرٕ ژگرنٕے یوت چھُنہٕ شاید سٔند کار۔ بلکہِ امکہ مسلہٕ مژرن ہنٛدِ ذٔریہٕ یہٕ احساسک یا عرفانک خولہٕ خط تہٕ ژھلیہٕ گرلیہٕ، بعضہٕ ووٚتھ تہٕ ژمہٕ وشنیر تتھ کُن وٕنہٕ کڈان تہٕ محسوٗس کران۔ یتھ شارس داتن والین ہنٛدِ باپتھ تہٕ سہٕ احساس یا عرفان پرٛزناوان تہٕ پانہٕ تمہِ منٛز گذرُن ممکن چھُ بنان۔''[۱]

پرٛوفیسر حامدی صأبن یمہٕ آیہٕ یمن مختصر نظمن ہنٛز تأریف کرٕمٕژ چھےٕ، مے چھُنہٕ باسان راہی صأبن یہٕ ہیٚر مٚبن سطرن منٛز ووٚنمت چھُ سہٕ چھُ صحی۔ بہٕپٕس جایہٕ چھُ راہی صأب نأدم صأبس متعلق لیکھان زِ ''نادم کے اسلوٗب کی سب سے نمایاں خصوصیات اُن کی جزیات نگاری الفاظ کا اچھوتا انتخاب اورتشبیہات کی ندرت ہیں۔ 1947ء کے بعد بالخصوص ہمارے بہت سے شعرا پر مارکسی فلسفہ وتنقید کے جو اثرات پڑے۔ انھوں نے ایک طرف تو ہماری شاعری کا ذہن وسیع اور روشن بنانے کا مفید کام کیا ہے۔ لیکن دوسرے ادیبوں کو اس خطرناک غلط فہمی میں مبتلا کر دیا کہ فن کا اولین اور بنیادی مقصد انسانی سماج کی بہتری کیلئے تبلیغ کرنا ہے۔ اس غلط فہمی کی گرفت سے 1956ء تک بڑی سخت رہی۔''

اتھ برعکس چھُ رفیق راز پنہٕ نِس أکِس مضموٗنس منٛز لیکھان زِ '' دینا ناتھ نادم، رحمان راہی، امین کامل، غلام نبی فراق بیترِ پرٛیتھیہٕ ترقی پسند ماحولس منٛز۔ ترقی پسندی ہنٛدِس سہلابس منٛز پھٕنٛد پرٕ وٚسن اوس قو درتی۔ اتھ دورس منٛز یوس شأعری یمو کٔر سو أس نظریأتی تہٕ موضوٗعأتی۔ اتھ دورس منٛز آیہٕ نظریہٕ تہٕ پٔیہٕ بزٕ ونٛتھے طے کرنہٕ آمٕتی موضوٗع محض نظماونہٕ۔ یژھ ہش شأعری منٛز شارٕت ژھانڈٕن گوسیکہٕ ڈلس منٛز

[۱] سون ادب، 1980ء، مدیر بشیر اختر چمن لال، سنہ اشاعت 1960ء، شارت تہٕ تمٕنگ ترکیبی اجزا، رحمان راہی، صفحہٕ نمبر 48۔ کلچرل اکیڈیمی سرینگر۔

سونہٕ دانہٕ تلاش کرُن...... کاشرِس منز چھُ صِرف غلام احمد مہجور تیُتھ شاعر یُس نہٕ اتھ ترقی پسندی ہنز تارٕخ پانس پیٹھ حاوی سپدنہٕ دِژ۔ سانی اکثر شاعر یِکہٕ سنہ 1947ہٕ پیٹھ تقریباً 1965-66ہٕ تام اَتھی تحریکہٕ لوٚنچہٕ تھپھ کرِتھ۔ تارٕخ کُس اتھ موڑس پیٹھ واتِتھ گویمن شاعرن کئن زِنیٚہٕ کتہٕ تام چھِنے جدیدیتچ تحریک بارسس آمٕژ۔"[1]

رفیق راز صابُن یہِ وَنُن چھُ بِلکُل غلط۔ سانین بہلہٕ پایہٕ شاعرن یمن منز نادِم، راہی، کامِل، فراق آسی انگریزی ادبہٕ وراے باقین زبانی ہندِن شارِ ذاتن پیٹھ پُر پُر نظر۔ یہے وجہہ چھُ زِ یمو شاعرو دِژ 1956-57ہٕ ہس منز ترقی پسند شاعری اوٚکطرف ترٛاوِتھ جدیدیتچ شاعری ہنز باوتھ کرٕنی۔

کشیرِ ہُند مشہوٗر نقاد محمد یوسف ٹینگ (انتخابِ اُردو ادب، وادی کشمیر 1947-71، ترتیب نوٗر شاہ، 1973ہٕ، ناشر جموں کشمیر کلچرل اکیڈیمی) زیرِ عنوان 1960ہٕ کے بعد کشمیری شاعری۔ صرف کشمیری نظم کا جائزہ چھُ لیکھان "کشمیری شاعری کے جذبات پر ایک اور شب خون روس میں سٹالین کی شخصیت کے بُت شکنی (De-Stalinization) تھا۔ اس کے بے نقاب چہرے کی ہولناکیوں سے کشمیری شاعر ذہن کے صدمے سے تیوارے رہ گئے...... چنانچہ دینا ناتھ نادِم جیسے رہنما شاعر نے قلم ہی توڑ دیا۔ نادم جیسے نظم گو اگرچہ روس و ہنگری کے واقعات سے کچھ عرصہ کے لئے دم بخود ہوئے رہ گیا۔ لیکن جب محوِ آئینہ داری ہوش میں آیا تو یہ نابد تہٕ ٹٹھ وبن، زلر زاجِ، کاٗتھی درواز پیٹھ گرِ تام جیسے معرکے کی نظمیں لے کر سامنے آ گیا۔ جس نے کشمیری شاعری کے ایک مزاج کو وقتاً پارینہ بنا دیا اور اس کی اپنی تقدیر متعین کر دی۔ نادم خیالات سے زیادہ جذبات اور بیاں کے تعمیری ارتقا سے زیادہ استعارہ و تشبیہوں اور امیجری کی رنگینی کا شاعر رہا ہے۔"

---

[1] شیرازٕ کوٗشُر زبان و ادب، 1947-97ہٕ، جلد 16، شُمارہ 1/2، مدیر بشیر اختر، شارُت تہٕ سانی کاشُر شاعری: تیلہٕ تہٕ از، صفہٕ نمبر 196، کلچرل اکیڈیمی سرینگر۔

یِمن ترٛن نظمن ہُنٛد حوالہٕ جناب ٹینگ صاۓبن چھُ دیتمُت تمہٕ علاوٕ یِم نظمہٕ، غزلہٕ وغارٕ چھےٚ ناۄدم صاۓبن لیٚکھمٕژ چھےٚ نہٕ صرف جذبات ہِوی یاۄتی بٔلکہٕ چھےٚ اَکِس سنجیدٕ قاۄری سُنٛد جماۓلی حِس تر تازٕ کران۔ ووں گو اگر شاۓعری منٛز صرف جذبات آسن تیلہٕ چھِہ سوا کھ بدقسمتی۔

جناب محمد یوسف ٹینگ چھُ بیٚیِس اَکِس مضموٗنس منٛز ناۄدم صاۓبس متعلق یِیمہٕ آیہٕ لیکھان زِ: ''ناۄدِم چھُ کاشرِ شاۓری ہِندیو سارِوٕے کھوتہٕ تھدیو تھنکو منٛز تہٕ ژٕ چھُنہٕ کانٛہہ شک زِ یِنہٕ والیٚن ؤریٚن منٛز پیہِ تٔسنٛد ناوٕلل دبد، محمود گامی تہٕ مہجور ہِوبن تاۄریخ سازن ہِتۍ ہینہٕ۔ سُہ چھُ ؤنیٚک تام کَس دٕس تام پننہٕ زمانک سارِوٕے کھوتہٕ قداوار شاۓعر۔ تٔمۍ یِتھ تہٕ شارٕ ذاۓژن پٔٹھ اتھ ڈول سوٗرِن سوٗنہٕ ساۄوی۔ تٔمۍ سُنٛد نعت تہٕ منقبت تام چھِہ تٔہنٛدِ اند رمہِ دٔرٕ دٔرٕ ہیتی نۍپہ کران۔ حُسین علیہ السلام متعلق ؤ چھتو یہٕ مِصرعہ:

یِم چھوکھ چھِنہٕ چھوکھ یہٕ چھُ سوٗتھ اَسان
امر بتہٕ سُنٛدرَس گھٔتۍ پوشہِ یٖرَ

ہرگاہ تٔسنٛد مرتبہٕ تہٕ مقام چھُ بڑ وٕنہٕ نٕتوٗمُت تہٕ پرٛزلیوٗمُت۔''

پروفیسر غلام نبی فراق چھُ لیکھان زِ''ناۄدِمن ہم شار چھِہ ساۄدٕرو ارتہٕ چھِہ ہیتی جدید اِنسانہٕ سنٛز اکھ اہم طوطمنک پےٚ پتاتہٕ دِوان چھِہ تہٕ پانےٚ بدل وٕنٔمن ژینن ترٛ این ہُنٛد اند اٗز کرنس منٛز تہٕ ساۄنی رہبری کران چھُ:

نظر ووتلے یہٕ گو آسمانس
زمینک فِتنہٕ پہترٛن پیو زمانس
فرشتو یِن گرٛشُن ترٛ وؤکھ ژٕٹکھ کتھ
یہٕ آدم کتھ دِوان ؤنی پاۄنی پانس

زیوٗتھ کُج مرنہٕ وِزِ اَڈ کُج گیم کتھ
مےٚ کر اند گوڈ لبوٚو زانٕہہ داستانس"!

یوٗ تامتھ نادٕم صابنہٕ شاعری منٛز طنز و مزاحُک تعلق چھُ، تتھ متعلق چھُ مشعل سلطانپوری صاب لیکھان '' دینا ناتھ نادِم صابنین نظمن منٛز چھےٚ کُنہ کُنہ طنزٕکی نبستر ساجہٕ چبن رگن تانٛی واتان۔ مگر باس چھنہٕ لگان۔ فکِر چھُ تران زِ یہ چھُ پاٚنٛی پانس ہبڈان مگر ژکہِ چھُ ہبڈان لوٗکن۔ اتھ سِلسلس منٛز چھِ نظم'' مایا زال'' مشہوٗر:

زندہ باد مےٚ حض بس چوٗنُے شرٕیہہ
زندہ باد یہ نخوتھ اَپزے تیٚہہ
زندہ باد ژٕ پیٚوکھا اِڈ حض پےٚ
اسہِ گو ایل۔کے رمبال لگے
یہ چھُ سوٗرے مایا زال لگے
اسہِ ووت وُچھان لِی حال لگے
یہ چھُ دُنیاہ مایا زال لگے''[2]

مشعل سلطانپوری صابس چھُ شاید یہ وُنُن مُشتھ گومُت زِ نادِم صاب اوس وقتہٕ کِبن حاےٚ کُمن تم طنز کران ییٚمہٕ سیٚتی تمن اکہِ رنگُہٕ بیا کھ رنگ اوس گژھان۔ اَکی سٕندِ شاعری منٛز چھِ تم تہِ کیٚنٛہہ شار یتھ منٛز زمانچہِ بےکسی پیٹھ تہِ چھِ طنز کرنہٕ آمتی۔ مثلن:

بٹہٕ وارِ کوٚر ہم اَشِی قطرن چالانہٕ دِلبرو
نتہٕ کُس سا ژٕلن کرٕی متی دیوانہٕ دِلبرو

---

[1] سون ادب 1996 سنہ اشاعت 1997، ترتیب بشر اختر۔ عبدالغنی ندیم، بدلونہٕ قدرٕ تہٕ ادب، صفہٕ 71، کلچرل اکیڈیمی، سرینگر۔

[2] کاشُر زبان تہٕ ادب، سون ادب 1976، مدیر محمد امین کامل، کاشرِس منٛز ظرافت، کلچرل اکیڈیمی سرینگر۔

موممہِ خان ازچھُ نواب

موممہِ رۆ دلوتہِ تہِ موے

اتھ پربژ ھِ ونتہِ جواب

چاو موے جامہِ جے

اگرچہ یہِ شار گوڈٕ بنیٚس انداز س منٛز ونہٕ اوس آمُت مگر نأدِم صأبن کوٚرأ یکس بڈس حأکمس بژ ونٛتھ کنہِ طنز۔ گوڈنِک شار اوس یتھ پأٹھی:

سمسار چند چھُ نواب

سمہِ رۆ دلوتہِ سے

اتھ پربژ ھِ ونتہِ جواب

جاو موے جامہِ جے

أسی ہکو اتھ سِلسِلس منٛز وارِیاہ مِثالہِ دِتھ۔ یتھ منٛز أمی ہنٛدِ طنز و مزاحُک فنس پیٹھ عبوٗر آسنُک ثبوٗت چھُ میلان۔ مثلن:

مےٚ تامتھ نےٚ یمن میٛانین امارن تانٛ واتِن گوٚژھ

چھُ پنہٕ نےٚ دوس دارہ، دوس دارن تانٛ واتِن گوٚژھ

نادِمن اگر سبٹھاہ کم غزلہِ لیچھمژ چھےٚ۔ تمن منٛز چھُ نوبر پڑتھ آیہِ پرن وألِس بژ ونہہ کنہِ یوان۔ اتھ متعلق چھُ رسول پوٚمپر لیکھان زِ "نأدِم چھُ غزل کہے لیکھان۔ ییلہِ لیکھِ تیلہِ چھُ سُہ تہِ نوبن رمزن تہِ قناعین ژھایہِ ہتی ساٚسی رنٛگ ہاوان۔

ژےٚ وُچھتم رنٛگ رویس ناو کوٚرتھم

ژےٚ ما بوٗزُتھ دِلچ دُبرا ے ساقی





یہِ ما زاز لۄل ہیٚیہ سَن دِنہِ چھُ وزامُت
دِلس اَندری پکھی مےٚ پکنگ ہۄ صدا گو

☆

بےٚ پڑھ ناَدِم خبر کتھ عالمس منٛز
گرِھُن اوسُس خبر کوت وُچھتہٕ ما گو

نۄس اِظہارس چھُ نوبن پیکر تراَشین نوبن استعارن تہٕ ترکیبن ہُنٛد حاجتھ۔"[1]

ناَدِم صاَبن چھےٚ خلوٗصہٕ سان تہٕ پزر نظرِ تل رٔٹتھ طبقیاَتی کشمکشس، غریبی، ظُلمس وغاَرِ تِمن ظُلمن ہِنٛدِ خلاف آواز ہنہٕ عُبن نظمن منٛز تُجمٕرٕ۔ تِکیازِ تِمٕی اوس پننِس لوکچارس منٛز غُربتُک تہٕ اِفلاسُک ماحول وُچھمُت۔ اگرچہ تِمہِ وقتہٕ عام کاَشِر غریبی ہِنٛدِس ماحولس منٛز لسان بسان اَسی، یہِ ہے وجہ چھُ زِ ناَدِم صاَبن چھےٚ گوڈٕ ہِنٛدِ 1958ہس تام غریبن، نادارن ہِنٛز ترجمانی کَرمٕرٕ۔

ناَدِم صاَبنہِ کُل ہم شاعری ہتھ منٛز نظمہِ، غزلہِ، حاَری شاتھ وغاَرِ چھِ یوان، چھِ نو پیکر تراَشی، محاورن تہٕ تشبیہن تہٕ استعارن ہُنٛد نوبر موجوٗد۔ تِمٕی ہِنٛزِ شاعری منٛز چھِ علامژٕ، مُرژگری، کاَریگری تہٕ فنکارلنہٕ تکن گری پزتھ وِزِ نظرِ گژھان۔ ناَدمن امیجری ہِنٛز رنگینی، کشیرِ ہُنٛد ماحول تہٕ حُسن، ریشی وارِ ہُنٛد واتاَورن تہٕ خلوٗص چھُ اَمی ہِنٛدِبن شارن منٛز وۄتلان۔ نادم صاَبن چھےٚ وارِیاہ اوپیرا تہٕ لیکھمٕتی ییم ہنہٕ مےٚ ہتھ سوٗمبرنہٕ منٛز شاَمِل کَری، تِکیازِ تِمن اوپیراہن سوٗمبرن کڈو اَسی الگ پاَٹھی۔ تِمن اوپیرا ہُنٛد ناو چھُ بوٗمبر یمبرزل، شُہُل کُل، مدن وار تہٕ زول مال، سفر تہٕ شہجار، ووند، نیکی تہٕ بدی، وتستا تہٕ ہیٚیہ چھِ نوٗر محمد روشنس ستی باَجوٗٹھ کَرِتھ ہیمال ناَگی راےٚ لیوٗکھمُت۔

---

[1] کاشُر غزل، کاَشرِ زبان تہٕ ادب نمبر، سون ادب 1976ء، مدیر محمد امین کامل، کلچرل اکیڈیمی سرینگر۔

نأدِم صأب اوس پننہِ زِندگی منز مختلف ادبی تنظیمن تہٕ سرکأری عہدن ستۍ وابستہٕ یمن منز قومی کلچرل محاذ، پراگرسو رائٹرس ایسوسیشن 1950ء، ایڈٹر پرنٹر پبلیشر رِسالہٕ ''کونگہٕ پوش''، رِسالہٕ ''اُستاد'' تہٕ اخبارِ ''گاش''، جنرل سیکرٹری نیشنل کلچرل کانگریس 1949ء پیٹھہٕ 1957ء تام، جنرل سیکرٹری کشمیر امُن کمیٹی 1951ء، ممبر آل اِنڈیا پیس کانفرنس 53-1951ء، ڈیلی گیٹ ایشیا اینڈ پیس فِک رِجنز پیس کانفرنس پیکنگ چین 1952ء، جنرل سیکرٹری آل سٹیٹ کلچرل کانفرنس 56-1954، پریذڈنٹ کشمیر ٹیچأرس ایسوسیشن، چیرمین کشمیر نیشنل تھیٹر 1960ء، ممبر ساہتیہ اکادمی، ممبر لیجسلیٹو کونسل 63-1957ء، ممبر کلچرل اکیڈیمی 1960ء، سکر پٹ کمیٹی - ممبر ایڈوایزری بورڈ ریڈیو کشمیر، ممبر ایڈوایزری بورڈ ٹسکٹ بورڈ جے اینڈ کے گورنمنٹ، سٹیٹ ایجوکیشنل آفسرأرِس کانفرنس، چیرمین کشمیر بھگت تھیٹر، پریذڈنٹ کشمیر کلچرل آرگنزیشن، اسٹنٹ ڈائریکٹر سوشل ایجوکیشن جموں کشمیر گورنمنٹ، جنرل سیکرٹری ہندو مسلم ایمٹی کونسل 1967ء، ممبر یو۔پی۔ایس۔سی ایز لنگویج اکسپأرٹ، سویٹ لینڈ نہرو ایوارڈ 1971ء، فسٹ کلہن ایوارڈ 1985ء، شاردھا سان (مرنہٕ پتہٕ) 1993ء۔

نومبر 1983ء یَس منز آیہٕ نأدِم صأبس زبردست نسر تہٕ جیمہٕ کِس سٹیٹ ہسپتالس منز روٗد واریاہس کالس زیرِ علاج۔ یمہٕ ستۍ اُمس اَکِس پاسس سخ اثر پیو۔ نأدِم صأبُن سرِوقدس ژاوخم، سُہ چکہٕ چاو روٗدُس نہٕ کینْہہ۔ اُخر گو 7/اپریل 1988ء منز کأشرِ شأعری ہُند یہٕ بُلند قدامتھ شأعر جیمس منز سور گیہ واس۔ 8/اپریل 1988ء منز گری ہبس اُخری رسوٗمات کرن نگر سرینگر چہ آورینہٕ منز داہ سنسکار۔

بہٕ چھُس مشکوٗر جنابِ نعیم اختر صأبُن یُس کُشیرِ ہِندِس بہلہٕ پایہٕ عألم، شأعر تہٕ اُدیب میر غلام رسول نازکی صأبنس پٔھرِس تل پھانْپھلیو۔ نعیم صأبُن بابہٕ صأب سعید محمد سعید مأہرِ تألیم تہٕ نیک سیرت شخصیت ہِندِس سالیس تل روٗ زِتھ تہٕ پننہِ

محنتہٕ تہٕ لیاقتہٕ سٟتۍ بنیوو کٲشرِ منٛز محکمہ تالیٖمک ڈ زیر۔ یہِ اوس یہُنٛد ےُ حُکم زِ ناٲدِم صابُن کلِہم کلامہٕ گژھِ اکہِ جایہِ جماہ گژھُن۔ سبٹھاہ کوٗشش تہٕ محنت کٔرتھ یہِ کیٚژھا جماہ ہیوٚک کٔرتھ تہٕ چھُ یتھ کِتابہِ منٛز درٕج۔ چوٗنکہِ 1990ہٕ یَس منٛز یُس زبردست دکہِ کٲشرِ ہنٛدِس ثقافتس لوٚگ تمہِ سٟتۍ گو واریاہن شاعرن تہٕ ادیبن ہُنٛد کلامہٕ ضایہِ۔ اگرچہِ یتھ کِتابہِ منٛز نظمہٕ، غزلہٕ تہٕ حاری ثا تھ وغارٕ چھِ مگر میٚیہ آیہِ نہٕ اکۍ سٕنٛز ہیکوٗ شاعری کٔنہٕ تہٕ جایہِ اتھِ۔ یہِ چھُس امہِ علاوٕ پننہِ شریکِ حیات قیوٗمہ جان ہُنٛد مشکوٗر ژیمی ےُ ناسازگار حالاتن منٛز ہمتھ دِژ، ییٚمہِ کِنۍ ےُ یہِ کلامہٕ اکہِ جایہِ جماہ ہیوٚک کوٗرِ۔ امہِ علاوٕ چھُس بہِ اہنسا کول تہٕ شانتی ویر کول صابُن سبٹھاہ مشکوٗر ییمو ےُ پرٛتھ ساتہٕ تہٕ پرٛتھ وِزِ مدد کوٗر۔ بہِ چھُس شری رنکو کول صابُن تہٕ مشکوٗر زِ تٔمۍ کوٗر ےُ یہِ کِتاب اندواتناونس منٛز اتھِ روٗٹ۔

جی۔ آر حسرتؔ گڈہ
جنرل سیکرٹری فنکار کلچرل آرگنزیشن، کشمیر

لال بازار، سرینگر 190023
ستمبر 2016ء
موبائیل نمبر: 094190-92468

☆☆☆

# میانٕہ کتھ

"مےٚ چھم آش پٮ۪ٹھ" چھُ نادِم صابنہِ تمہِ نظمہِ ہُنٛد عنوان یتھ Anti-war شاعری منٛز اکھ مقصوٗص تہٕ مُنفرد مُقام حاصِل چھُ۔ نادِم صابٕنۍ اچھوٗپ کلامہٕ سوٗمبرن سمبھران باسوٚ زِ یہ گژھہِ تہٕنٛز یِمہٕ کتابہٕ "مےٚ چھم آش پٮ۪ٹھ" یتھ منٛز "شِہلی کُل" باضابطہٕ پاٹھۍ ایڈٹ کرنہٕ پتہٕ اچھوٗپ کلامہٕ تتھ ستۍ تھاونہٕ چھُ آمُت۔ کتاب چھِ توہہِ برٛونٛہہ کنہِ۔ یہ کیٛنٛہہ کاسہٕ کلامہٕ ژُنہِ سمبھرنہٕ روٗد، یتھ منٛز ژھوٚر پانژھ اوپیرا شامِل چھِ، سپد جلدٕے چھاپ کرنچ کوٗشِش۔ بہٕ چھُس جناب حسرت گڈہ صابُن شُکر گذار ییٚمۍ سخت محنت کٔرِتھ اچھوٗپ کلامہٕ جماہ کوٚر۔

شانتی ویر کول
نئی دہلی

# آگرنیب

زَگتھ زَٲنی بھوانی ماج پئنی
دِمےٚ میٹھی پادِ نےٚ ماتا نمستے
ہلم بُری بُری چھہِ موکھتکی واوِ مالن
تھوان پھری پھری چھہِ یم چانبن گالن
وُزان چھِے ناگہِ راون پوٚنی کوتاہ
سبزدن آرن کولن دودِ ووٚنی کوتاہ
ژےٚ کُنی ووٚننےٚ ژ چھکھ بےکس تہٕ بےبَس!
ژےٚ کُنی ووٚننےٚ ژ چھکھ پرٛ ھ یاتہٕ تنگ دس
ژےٚ کُنی ووٚننےٚ چھہِ بُلبُل چانی بارِتھ
بہتھ واٚرلنہٕ نےٚ منز کار مارِتھ
ژ چھکھ ہماچِھ زِٹھ ٹاٹھ ہش کوٚر
توٚے چھُ نوٚرِ آبوٚشن ژےٚ برپوٚر
وَیس آو نیندرِ منز سوٚپنا منس منز
وُچھن اکھ اپسرا نبشہٕ یود وَنس منز
یہِ ڈیشتھ آو اُسن تَس دزایہٕ وُزمل
سنگرمالن کھٔتھ روٗز ژھایہٕ تَل تَل
یپہےٚ وُزمل تہندِ موکھہِ یام دزایے
بٕتھ کشیرِ دیوی پانہٕ ...... آیے

یم شار چھِ تمہِ گوڈنچہِ نظمہِ منٛز یوسہٕ مےٚ ۱۹۴۸ء منٛز لیچھے یہٕ۔ اَتھ چھُ سنسکرت آمیز کأشُر، مگر یم چھِ کینٛہہ شار۔ یم چھپے یہٕ پرتاپ میگزینٕس منٛز تمی وٕری یہٕ، انٹرنیشنل فونٹِک خطس منٛز تہٕ اَتھ اوس چھپاوُن وول شری کنٹھ توشہِ خأنی۔ اَتھ اوس اَخرس پٕٹھ، ماترِ بھگت، تخلص وَرتاونہٕ آمُت اَمہِ کِنہٕ زِ یہٕ اوسُس تمن دوہن اُردوٗ شأعری گران۔ کأشُر لیکھنس مَند چھان مگر مےٚ تورِ تمی وَقتہٕ فِکرِ زِ میأنی اُردوٗ شأعری دِیہٕ نہٕ کُنہِ واٹھ۔ بٔلکہِ دِیہٕ پَنٕنہِ ماجہِ زبٲنۍ منٛز وَننہٕ سےٚ چھُ یقین اَکھ بوٚڈ سرمایہِ۔ خبر مےٚ کیاز گوٚو نہٕ 1946ء یَس تام اَتھ شأعری کُن رغبتھ۔ شایداو کِنہٕ زِ یہٕ گوس بیمار۔ پَتہٕ آو 1946ء منٛز اکہِ دوہہٕ عأرِف صأب میٚون گرٕ۔ تمی اوس نِشاطِ مُشأیرِ تھوٚومُت، نِشاط اوس تمن دوہن میونسپل حدٕ نبر۔ تمی تھوٚو وَاتہٕ مُشأیرِ زِ خبر چھا کُس شأیرِ کیاہ وَنہٕ۔ یہٕ توٗرس نیٛم بیمارے تور۔ عأرِف صأب اوس مےٚ ہم جمأتی۔ سُہ گوٚ سبٹھاہ حأران یِیلہِ تمی یہٕ کأشری پأٹھی لیکھان وُچھنس۔

مُژراوی بُرگ تے وارِ وٕیسی، سونتھ ہے سالہٕ آو
گُل لالہِ سوٚمبلن یِتھ یِتی، کأگی کالہٕ ہے آو
پھوٚج ٹیکہِ ہٕنٛز سنٛبہٕ بُھٹبن ماے بَرأنی
تَس نٔنٛدرِ ہتبن ژھایہِ گتبن آیہٕ جوأنی
یُس لالہِ کھُٹتھ اوس ژٕٹتھ جامہٕ سُہ نوٚن دژاو
مُوٗراوی بُرگ تے وارِ وٕیسی، سونتھ ہے سالہٕ آو
گُلاب تھَر بو خابہٕ منٛزے آب چھُ چوٚمُت
بیتاب جوین بنٛگرِ نَربن چھونی چھُ ہُز یوٚمُت
خُمارِ ہتبن پوشہِ پھٔتبن وُچھتہٕ کوتاہ چاو
مُژراوی بُرگ تے وارِ وٕیسی، سونتھ ہے سالہٕ آو

تمُی آسہٕ ژُومژ لولہٕ ہتھن کارِ پتھن ستی
یا آسہٕ شوٗنگمُت میانہٕ دِلہٕ کیٚن نارِ تتھن ستی
نتہٕ کیاز وۄشلیومُت چھُ بالن ژھایہٕ صُبحک واو
مُژراوی بُرُی تے وارِ ویٚسی، سونتھ ہے سالہٕ آو

یہ نظم بیلہٕ مےٚ پوٚر تتہٕ وۄتھ گرز ''بیٚیہٕ پرُو، بیٚیہٕ پرُو۔'' یہ اوٚسُس دستار پچا دِتھ کوٚٹھ ژٔٹاہ نالِی ژہنتھ، ہوٚکھمُت، صٔحتہٕ کٔنز تیٚوت کمزور زِ ؤزنُس اُسم شیٚتھ پونڈ ؤتھی ہتی، مگر کیاہ نام اوسُم دِلس وُبدُر تِلان، یمہٕ نِے دوہَن اُس شیخ صأبَن ''کوِٹ کشمیر'' تحریک شوٗروٗ کٔرمٕژ۔ مےٚ اوس جیرِ آمُت، دٔپیوم کانٛہہ ؤتہٕ ہاوٕکھا گوٚژھم سمکھُن تیٚتھ زِ یہ ہاوِہَس پٔنٛژ دأدی۔ 1931ہٕ ہَس منٛز بیلہٕ ذِمہٕ دار نِظام حکومَتہٕ باپتھ جدوجہد سپٕز شوٗروٗ، تتھ جدوجہدس لوٗگ میانہٕ نِے اُردو شارَن پیٚٹھ کٔن......
''مزدور کا خواب''، ''مزدور کی موت'' تہٕ ''میرا کشمیر'' یِم تژ نےٚ نظم پرٕے یہ مےٚ تِمہٕ نِے جلسن منٛز تہٕ پُلسن نیٚوٗنس رٔٹتھ۔ مےٚ گرٕے یِکھ خانہٕ تلاشی۔ سورٕے اُردوٗ کلامہٕ نیٚو پُلیسن ضبط کٔرتھ۔ تِمہٕ پتےٚ گوس یہ بمار تہٕ تِمہٕ پتہٕ دژاس 1946ہٕ منٛز بیٚیہٕ یہ مارگس منٛز پھُٹمُت شرپر ہتھ۔ اَمہٕ پتہٕ چھُنہٕ مےٚ خبر زِ کیاہ سپُد۔ اَکھ زبردس اِنقلاب ووٚتھ۔ یہ اوٚسُس تحت الشعورِکی پأٹھی اَمیُک اَکھ اَنگ بنیومُت۔ شیخ صأب آو تژ اوسہٕ۔ مُلکس گیہٕ تانہٕ باگےٚ۔ یہ اوٚسُس جیٚمہٕ، دوٚیم دانہٕ گاڑِ کبتھ نیرٕ نبرَ مگر وٚتس کشیرٕ۔ اَتہٕ اوس ژوپأری اَنہٕ گوٚٹ۔ مہراج صأب اوس ژوٗلت۔ لوٗکھ اُسی ؤتہٕ پیٹھ نارٕ زألِتھ یِتھ بچہٕ بٔندوٗق ہتھ پہرٕ دِوان۔ یہ ووٚتس راتھ کیٚت لال چوک تتہٕ کوٚرہَم لوٗکو گیرٕ۔ شام لال صرافس تہٕ جیالال کیلمس پیٚیہٕ نظر۔ تِمو پرٕزنووس۔ ژٔنی جوراہ دِتی ہمہ ستی تہٕ وۄتھس گرٕ۔ تتہٕ اُسیٚ بدلےٚ کمتام روزان۔ یہ ژاس ہمسایَن ہُند گرٕ۔ ژون دوہَن ہُند بسری بتہٕ کھیوٗم۔ صُبحن ووٚتھس چھٔسن زنانہٕ تہٕ کوٚرژھاران زِ

تِم کٔتہٕ چھِہ۔ واتان واتان ووٚتُس امراکدل۔ پَتہٕ مَتہٕ پٔزٕ ژھٕی توٚ کُس وُگہٕ ووٚنی گو ظأہِر۔

ژٕ چھُکھ کٔشیرِ ہُنٛد جوان
تٕلُن ژٕ نے چھےٚ آلُک نِشان
ژٕ گَنڈٕ کمر تہٕ تُل کمند                ستارٕ سون کر بُلند
کٔشیرِ ہنٛز ژٕ شان بَن
ژٕ میٖرِ کاروان بَن
کٔشیرِ پاسبان بَن
ژٕ نار چھُکھ اَلاو چھُکھ                ژٕ یاونُک جَلاو چھُکھ
اگر ژٕ سوٚنتہٕ واو چھُکھ
ژٕ نیر اَوٚبرٕ تَلٕی کھٔتِتھ                ژٕ نیر کوہ تہٕ وَن ژٕٹِتھ
شہید نے ژٕ شان بَن
ژٕ میٖرِ کاروان بَن
کٔشیرِ پاسبان بَن

بہٕ اوسُس یہٕ نظم ہیتھ ووٚتھمُت مُجأہِد منٛزِل۔ تِمن دوہَن أسی لوٚکٕٹ جوان تِتہٕ سٹیج رٔٹِتھ۔ مےٚ ژٕچِہ مِتِس کُس پٔزٕ ژھِ ہے۔ اَتھَس کٔبتھ أس نظمس موٗرَن موٗرَن لکنہٕ یتیٖ میٖٹ گمُژ۔ اَتہٕ پچھوٗنس نہٕ بہٕ کانٛسہِ أچھو تہٕ کھورَو چھُسکھ ہاوان زِ بہٕ ہسا چھُس سُے۔ پوٚز اَتھ جٔتہٕ جوشَس منٛزٕ کُس پٔزٕ ناوِہم۔ أخرٕ کوٚرمےٚ جِگرِ تہٕ ووٚتُس سٹیجس نِش۔ اَتہٕ چھُ کُستام سَردار کیاہتام پَران۔ مےٚ ووٚنمکھ "مےٚ تہٕ دِیِوٕ زٕ مِنٹ۔ ضِلعہٕ صَدرٕ اوس غلام محی الدین قرٕ۔ تِمٕو وُچھ میٖون شوٗنٛڈ تہٕ دوٚپُن نَہ۔ بہٕ اوسُس بیچور ہیُو۔ أخرٕ پییہ بخشی صأبَس مےٚ پیٹھ نظر۔ ووٚنُس اَمَن سأزٕ مِنٹ دِیُٛس۔ شیخ صأب آو

اَمی وَقتہٕ۔ مےٚ وۆن بَخشی صاۂبن وولہٕ پَر۔ پتہٕ لیلا وبلا پَرکھ۔ مےٚ پۆر یو ہے بأتھ۔ سارِنے گو دَم، عَقلہٕ بقل گیکھ۔ ژ ے مِنٹ لگی بأتھ پَرنس۔ یِگاہ چھُس بہٕ نینٛدرِ ووتھان ژِ سوم ناتھ زِتشی پیوٚ وأتتھ۔ دوٚپن اَز چھُ جلسہٕ خبہٕ کَدلہٕ۔ توٚ ہ یِیوٚ تور مگر بأتھ ہبتھ۔ مےٚ دوٚپمس یہٕ بأتھ چھنہٕ تتہٕ پَتہٕ پَرن۔ تتی پَر بہٕ بَدل بأتھ

بہٕ بایہٕ پَننہٕ کیاہ وَنے

ژےٚ گژاوٚ گرنہٕ وارِیاہ

ژےٚ کِلہٕ تہٕ چھی گرِزِ سبٹھاہ

مگر مےٚ یوٚ ڈ چھُ تأجبا

ژےٚ دیوٚ نہٕ کینٛہہ تہٕ گوٚ ے پَسنٛد    ژھینی ژےٚ پژأنی قأدبند

غولأمی ہِندی فریب۔ فَنٛد

اَتُس تَمے ژےٚ بأری چھا

پَتے ژےٚ سوے بگأری چھا

بَرتھ ژےٚ اَشکہٕ ٹأری چھا

چھنا تمُس تہٕ ماے چأنٛز

آزاد تیمی کوٚرُے وَطن    آباد تیمی کوٚرُے چمن

چھنا تمُس تہٕ ماے چأنٛز

سُہ پھیوٚر پانہٕ جیلہٕ نے

ژےٚ یتھ حقوٗق میلہٕ نے

علیٰ ہٰذالقیاس تَمہٕ دوہہٕ پٔتھٕ گوس بہٕ کشیرِ مشہوٗر تہٕ مےٚ لوٗگ نہٕ پَتہٕ کُنہٕ وَقتہٕ شأیری تھوٚپ۔ یوسہٕ مےٚ پَننہٕ خبہٕ، مُحبتہٕ تہٕ مایہٕ ستی بڑ وَنٛتھ گنہٕ وُچھ۔ زَن مےٚ سَمجھ پٔنٛز مأج، یوسہٕ کینٛہہ وُری بڑ ونٛتھ سورگواس اُس گأمژ۔ بہٕ آس نہٕ اَتھی کُنہٕ۔ باسیوٚم

گُستام آلو چھُ مےٚ پانٔس کُن لمان۔ سُے آلو یُس میٲنٛ مأج تمہٕ وِزِ گگراُ وِتھ اُس وَنان۔

مَنہٕ کُے مےٚ بِگلہٕ ٹوٗر ژۄرِ ژۄل
مَتہٕ سوٗنتہٕ وَتم کونہٕ۔ پھۄل
کمہٕ شایہٕ رۄدُم ژھایہٕ۔ ہۄل
گوٚ زانہٕ کُٔی ہِنٛز مایہٕ وۄل
کیاہتام چھُ گومُت بُلبُن

(سوٗندر دید)

یہٕ گگراوُن چھُ مےٚ اَزتہٕ یاد۔ یہٕ گگراوُن روزِ مےٚ دوہے یاد۔

دیناناتھ نأدِم

☆☆☆

# نعرۂ شباب

ووٚتھِن چھِم
ووٚتھِن چھِم جنٛگک ساز سامانہٕ لٲگتھ
کرُن گتھ گرِس پتھ مےٚ پرٕوانہٕ لٲگتھ
تہٕ دیوانہٕ لٲگتھ
پٔنُن خوٗن دِتھ چھِم وَطن شولہٕ ناوُن
مےٚ چھِم تازٕ یاوُن
مےٚ چھِم تازٕ یاوُن، مےٚ چھِم تازٕ یاوُن

لڑُن چھِم
لڑُن چھِم محاذَن اندر رَسَر حدن پیٹھ
کھیَن خَندقَن منٛز، وَتَن وَتہٕ پدبَن پیٹھ
پلَن پیٹھ وَتَن پیٹھ
بہٕ قومی سِپاہ چھُس، وَطن چھِم بَچاوُن
مےٚ چھِم تازٕ یاوُن
مےٚ چھِم تازٕ یاوُن، مےٚ چھِم تازٕ یاوُن

تُلُن چھم

تُلُن چھم ، طُفان دُشمنَن لشکَرن منٛز
گرٛزُن چھم مےٚ گگرایہِ زَن مخشَرن منٛز
وَتَن بازرَن منٛز
وٕوزِ لیٖ نعرٕ دِتھ چھم جہاں اُلراوان
مےٚ چھم تازٕ یاوُن
مےٚ چھم تازٕ یاوُن ، مےٚ چھم تازٕ یاوُن

پکُن چھم

پکُن چھم مےٚ جمہوٗرکین مشوَرن پٔٹھ
نظر چھم مےٚ کشیٖرکین رَہبرن پٔٹھ
تہٕ بیٚیہِ کاشرَن پٔٹھ
مےٚ دُنیا چھُ مِلہٕ ژارِ رَنٛگن بناوُن
مےٚ چھم تازٕ یاوُن
مےٚ چھم تازٕ یاوُن ، مےٚ چھم تازٕ یاوُن

پھِرُن چھم

پھِرُن چھم مےٚ نوٚ وروٚخ جماعتَن سماجَن
اصوٗلَن ، خیالَن رُسومَن ، رِواجَن

بڈٕ بن سامراجَن
چھُ دوگنیار کاسِتھ ہشرَ آزماوُن
مےٚ چھُم تازٕ یاوُن
مےٚ چھُم تازٕ یاوُن، مےٚ چھُم تازٕ یاوُن

گرُن چھُم
گرُن چھُم مےٚ پیدا نوٚوُ اَکھ جہاناہ
نوٚوُے آدمانوٚ وزٕمین آسمانا
نوٚوُے نوٚ وزٕمانا
نوٚوُے سونٛت ہَر داہ نوٚوُ ہارشرٕ اوُن
مےٚ چھُم تازٕ یاوُن
مےٚ چھُم تازٕ یاوُن، مےٚ چھُم تازٕ یاوُن

اَنُن چھُم
اَنُن چھُم بُنیِل مارگَن محفِلَن منٛز
مےٚ چمکُن چھُ اکبائی ہتھ وُزمَلَن منٛز
نبَس پیٹھ دِلَن منٛز
چھُ آسُن نہَ آسُن ہَٹاوُن مِٹاوُن
مےٚ چھُم تازٕ یاوُن

مےٚ چھُم تازٕ یاوُ ن، مےٚ چھُم تازٕ یاوُ ن

لیکھُن چھُم
لیکھُن چھُم مےٚ تقدیر نوٚ و مُفلِسن ہُنٛد
یتیمَن ، گلبن ، عاٗرتبن بےٚ بَسن ہُنٛد
موٚ نڈٕ ن بیکَسن ہُنٛد
شوٚنگِتھ قِسمتاہ چھُم یِہُنٛد وُزٕ ناوُ ن
مےٚ چھُم تازٕ یاوُ ن
مےٚ چھُم تازٕ یاوُ ن، مےٚ چھُم تازٕ یاوُ ن

بھَرُ ن چھُم
بھَرُ ن چھُم مےٚ نوٚ و جوش پرٛ انین ترانَن
گرُن کیٛاہ مےٚ فرسوٗدٕ رنٛگین فسانَن
تہٕ پرٛ انین نِشانَن
مےٚ چھُم لولہٕ مَس عالمَس باٗ گراوُ ن
مےٚ چھُم تازٕ یاوُ ن
مےٚ چھُم تازٕ یاوُ ن، مےٚ چھُم تازٕ یاوُ ن

(۱۹۴۷)



# نعرٕۂ اِنقلاب

(۱)

ژٕ چھکھ کشیرِ ہُنٛد جوان　　　　تُلُن ژٕ نے چھےٚ آلُک نشان

وُچھان ژٕ نے کُن چھُ درٛٚس جَہان

ژٕ گنٛڈ گَمرَ تہٕ تُل گَمنٛد　　　　سِتارٕ سون کر بُلنٛد

کٲشیرِ ہُنٛد ژٕ شان بَن

ژٕ میرِ کاروان بَن

کٲشیرِ پاسبان بَن

(۲)

ژٕ نار چھکھ اَلاو چھکھ　　　　ژٕ یاونٛک جلاو چھکھ

اگر ژٕ سوٚنتہٕ واو چھکھ

مَہ روز اوٚبرٕ تَل کھٔٹِتھ　　　　ژٕ نیر کوٚہ تہٕ وَن ژٕٹِتھ

طُفان تُل طُفان بَن

ژٕ میرِ کاروان بَن

کٲشیرِ پاسبان بَن

(۳)

گرٛزٕک تہٕ آبشار زن    پرٛزکھ تہٕ لالہٕ زار زن
کھٔنِتھ شفق تہٕ نار تار زن

چھےٚ چانٛۍ گرٛزتہٕ بیٚیہٕ قدم    ژےٚ تازٕ یاوٕنک قسم
تلُک پیٚٹھ ژٕ زبان بَن

ژٕ میٖر کاروان بَن
کٲشیرِ پاسبان بَن

(۴)

ژےٚ کیاہ گرُن چھہٕ حاصلس    مہ پرٛاروونٛۍ ژٕ قافلس
ژٕ نیر بڑوٕنٹھ منٛزلس

دِوونٛۍ اِرادنِ جلوٕ    چھہٕ وتھ تہٕ صاف ترٛ اودٕو
ژٕ سون زوُ تہٕ جان بَن

ژٕ میٖرِ کاروان بَن
کٲشیرِ پاسبان بَن

(۵)

مَہ روز ووٗنی غمُک اسیر ژےٚ کیاہ گری تُفنگ وتیر

ژےٚ راٲچھ چھےٚ پَنٕنۍ کٔشیر

ژٕ گَنٛڈ سلحہ تہٕ زین جنٛگ ژٕ پَننہٕ خوٗنہٕ جامہٕ رَنٛگ

مُرتھ ژٕ جاودان بَن

امیرِ کاروان بَن

کٔشیرِ پاسبان بَن

(۶)

وَدُن رِوٗن یہِ شبنمُک اُسُن پھولُن چھُ گُلشنُک

وَطَن یہِ زِنٛدٕ تھاوُنُک

چھُ اَکھ اصوٗل کارگر ژٕ سَر پَنُن نِثار کَر

شہیدِ نوجوان بَن

امیرِ کاروان بَن

کٔشیرِ پاسبان بَن

(۱۹۴۷ء)



# گژاو

ژٕ نے بھایہِ پَننہِ کیٛاہ وَنے
ژٕ نے گژاوِ گرٕنہِ واریاہ وَنیٖ ژٕ نے گِلہٕ تہِ چھی سبٹھاہ
مگَر مےٚ بۆڈ چھُ تاَجباہ

ژٕ نے دِلُو نہٕ چھے یہِ کینٛہہ پَسنٛد ژھینٛی ژٕ نے پرٛٔاُنٛ قاُدو بَنٛد
غولاًمی ہٕنٛدی فریب وفَنٛد نُمتھ یہِ سَر تہِ گۆوے بُلنٛد
ژٕ نے دِلُو نہٕ اَوے کینٛہہ پَسنٛد
کھۆتےٚ گگَن تہِ چاوژٕ نے کھۆتےٚ نبَس تہِ ناوژٕ نے
ہُژ یوے مول تہِ بھاوژٕ نے
ژٕ نے دِلُو نہٕ چھے یہِ کینٛہہ پَسنٛد؟

نہَ دِیُن خراج وباج چھے نہَ پژون سامراج چھے
پٔنُن ژٕ نے لۆکہٕ راج چھے!

گَتھاہ وَنےَ بہٕ صاف صاف خطا مگَر مےٚ تھٲوِزِ معاف
اگر بہٕ زیادِ وِیۆٹھ وَنےَ مۆ دُر وَنےَ نہَ ٹیۆٹھ وَنےَ
ژٕ نے چھے نہَ شَرم چھے نہٕ ننگ ژٕ نے چھے نہٕ جوش یا اُمنٛگ
نَظر تہِ ژھۆٹ دِل تہِ تنگ
نےَ تَژ وَنتہٕ بے دَرنگ

اَتھس تیٚمۍ ژےٚ بأرِ چھا؟ پیٚتےٚ ژےٚ سوے بیگأرِ چھا؟
بُرتھ ژےٚ اَشکہٕ ٹأرِ چھا؟
ژےٚ دِوُنہٕ چھےٚ یہ کینٛہہ پَسنٛد
وُچھن ژےٚ گُن چھُ دژُس جَہاں زَگتھ چھُ چأنۍ دِژےٚ گَران
ژٕ توتہٕ واےٚ وِےٚ گَران
مےٚ نوٗن چھامےٚ چاےٚ چھا تہٕ کأنٛسہِ تہٕ میأنۍ ماےٚ چھا
چھنا تٔمِس تہٕ ماےٚ چأنۍ ؟
آزاد ییٚمۍ کوٗرُےٚ وَطَن آباد ییٚمۍ کوٗرُےٚ چَمَن
چھنا تٔمِس تہٕ ماےٚ چأنۍ
دِیتےٚ ژےٚ سوکھ تہٕ شأدۍ ییٚمۍ تٔلۍ ژےٚ دوکھ تہٕ دأدۍ ییٚمۍ
چھنا تٔمِس تہٕ ماےٚ چأنۍ
سُہ پھیوٗر پانہٕ جیلہٕ نٔے ژےٚ ییٚتھ حقوٗق میلہٕ نٔے
چھنا تٔمِس تہٕ ماےٚ چأنۍ
گُلِس مَنٛدِس أنِن ژےٚ زِبو اِرادٕ نٔے دیُتِن جِلَو
ژٕ توتہٕ واےٚ وِےٚ گَران
مےٚ نوٗن چھامےٚ چاےٚ چھا تہٕ کأنٛسہِ میأنۍ ماےٚ چھا
نَسأ تٔمَن چھےٚ ماےٚ چأنۍ
ژٔلۍ ییٚمو تھرٕ بن ژےٚ پوش ییٚمَن چھُ لوٗٹ مارروش

نسأ تمن چھےٚ ماے چاۓنۍ
یمو گُلن وُڈأ و خاک — یہُند عمل چھُ شرمناک
نسأ تمن چھےٚ ماے چاۓنۍ
یمو ژٕنے گرِ تہٕ بارزألۍ — یمو ژٕنے شُری تہٕ بأژ گالۍ
نسأ تمن چھےٚ ماے چاۓنۍ
یمن ژٕنے مارنک جنوٗن — یمن ژمن چھُ چون خوٗن
نسأ تمن چھےٚ ماے چاۓنۍ
یمو کشیر زأج چاۓنۍ

تہٕ زانہٕ ہے بلاے چاۓنۍ
ژٕنے کیاہ یمن کتھن سٕنن — ژٕنے چھےٚ پٔنن بٔنن وٕنن
ژٕنے چھےٚ نہٕ نوٚن ہکھ وٕدن — قصوٗر تٔس تہٕ ہکھ لٕدن
آزاد تیمی کوٚرُے وطن — آباد تیمی کوٚرُے چمن
پتےٚ نسأ ژٕ بوز سأ
دٕ ماہ ٹھٔہر تہٕ روز سأ
خبر دٕیس یہ کیاہ گوٚمُت — تمِس یہ کونہٕ ظون پیوٚمُت
یہ کوہ مری تہٕ بانہال — پہاڑ، مرگ، وٕن تہٕ بال
تھٔوے نہٕ أندی أندی مےٚ زٕن — مےٚ آسہٕ نہٕ یتھ وطن
پھوٚلی نہٕ زٕن مےٚ دارِ پوش

کٲشِرِ زَن کھسی نہٕ بوش

پیٚیِہ ہے نہٕ سوٗنتھ وارِ نے | نِشاط شالہِ مارِ نے
وُزِ ہے نہٕ پوٗنژ ناگہٕ نے | وُچھن نہٕ گوش باغہٕ نے
بووے کھَھن سبھ تہٕ ڈاکھ | گرٛھن زمینہٕ کھَو تہٕ چاک
امیُک تہٕ کیٛاہ مے اوس غَم
مے توتہٕ آش روزِ ہسم!
مے نوٗن چاے واتہٕ ہے | تہٕ ہَتھ بلاے واتہٕ ہے

(١٩٤٧ء)



---

یہ نظم پٔر نادِم صأبن 1947ء منز جیہ کٔڈِل چوکس منز۔

# کٲشِرِ ہُنٛد دعویٰ

مِلہٕ ژارِ سٕتی دُنیا منٛز چھُم یکسان بَناوُن
مےٚ چھُ ہیوٚنٛد تہٕ مُسلمان بیٚیہٕ اِنسان بَناوُن

ہیوٚنٛد میلہِ سِکَس سٕتی، ہیٚنٛدِس سٕتی مُسلمان
وۄن کُمی یِمَن بیوٚن بیوٚن چھ، کُنی ماجہِ ہِنٛدی سنتان
کاٚسِتھ منٛز حَسدٕکی کُنٛڈی چھُ گُلستان بَناوُن
مےٚ چھُ ہیوٚنٛد تہٕ مُسلمان بیٚیہٕ اِنسان بَناوُن

شمشان بنٛیومُت چھُ ہندوستان پاکِستان
تَنہٕ خوٗنہٕ برِتھ جامہٕ ؤلِتھ ہیوٚنٛد تہٕ مُسلمان
مَس لولہٕ کُے چھُم بازرَس اَرزان بَناوُن
مےٚ چھُ ہیوٚنٛد تہٕ مُسلمان بیٚیہٕ اِنسان بَناوُن

موٗزوٗر ہِنٛدِس حاصلِس زَردار کَریا ژوٗر؟
ٹُلہِ کیازِ گُلِن گیوٗر گرِتھ مانٛچھ ٹُلر ویٗور
جموٗر لَلِن ہُنٛد چھُ عالی شان بَناوُن
ہے چھُ ہیوٗنٛد تہٕ مُسلمان بیٚیہِ اِنسان بَناوُن

کوٚت تام زَرَس بوٗش، سَرَس تاج اَمیٖرَن
کوٚت تام آسَن وول رَتَس زاگہِ غریٖبَن
تقدیٖر آدم سُنٛد ہے سبٹھاہ جان بَناوُن
ہے چھُ ہیوٗنٛد تہٕ مُسلمان بیٚیہِ اِنسان بَناوُن

یتھ جایہِ کُنےٚ آسہِ دِلَن شوق، کُنی تراے
کُن جوٗش، کُنےٚ ہوٗش، کُنی ماے، کُنی راے
تتھ جایہِ چھُم نوِ لولہِ کےٚ اَستان بَناوُن!
ہے چھُ ہیوٗنٛد تہٕ مُسلمان بیٚیہِ اِنسان بَناوُن

(۱۹۴۷ء)



# سو وِز

سو وِز ییٚلہِ میۆن غأرتھ سینہٕ دأرِتھ نیرِ طوٗفانَس
پھُٹَن دَنٛد ہَردٕ واوَس زرد رَنٛگ گرٛزھ کالہٕ اَسمانَس
گَرزھن گگرایہِ دَم پھُٹۍ ترٕ کھَسہِ زردار شیطانَس
ترٛٹَن شاہ لوسہِ نَبہٕ گرٛزی کۆل گرٛزھتھ بیٚہہِ دۏر وأرانَس
سو وِز ییٚلہِ میۆن غأرتھ سینہٕ دأرِتھ نیرِ طوٗفانَس

سو وِز ییٚلہِ میأنۍ ہمتھ ژونٛگ لأگِتھ پھیرِ اَسمانَس
ہٕسَر لگہِ وُزمَلَن دِن ہأج باوَن چاک دامانَن
لَگَن سونہٕ شرٛانہِ بے گس عبتھٕ تنمن مُفلِس کوہستانَن
وأٹِتھ گنٛڈِ نار. اوٗبرَس تارگن وُزِ ریٚہہ شمع دانَن
سو وِز ییٚلہِ میۆن غأرتھ سینہٕ دأرِتھ نیرِ طوٗفانَس

سو وِز ییٚلہِ میأنۍ رَحمتھ واو لأگِتھ اَژِ گلستانَس
ووتھُن تھۆد بَرٕ گمتۍ گُل تھۆد وأتھِتھ گُلزار وُزناوُن
یمبرزَلہِ لولہِ پھوکھ لأیِتھ گلابَن نار وُزناون
سُہ یُس گرِ دون گُنٛۓ سیتار تچھی تارٕ وُزناون
سو وِز ییٚلہِ میۆن غأرتھ سینہٕ دأرِتھ نیرِ طوٗفانَس

سو وِز ییٚلہِ میٲنۍ سیرت چھوٚنہِ لاگتھ نیرِ دامانس
خیالَن مُشکہِ امبرینِ تمنا وَچھ ژٕٹتھ نیرَن
بہارِکۍ جامہِ وٕلۍ وٕلۍ رٕے گٕمتۍ اَرمان پوٚت پھیرَن
بُڈتھ حسرت لوٕکٕٹۍ گُوٕھی گوٕھی کھٔسَن دَوِ دَوِستَن ہیرَن
سو وِز ییٚلہِ میٚون غاُرَتھ سینہِ دأرِتھ نیرِ طوٗفانس

سو وِز ییٚلہِ میٲنۍ حکمتھ شیرِ پھُٹمُت بخت اِنسانس
گجر ژٕلہِ بے زَبانَن زیوٚ ہجر گژھِ دوٗر تدبیرَن
غلامَن پیٚمن وُسِتھ زولانہِ گژھِ ژَن سوٗر زنجیرَن
موٚزوٗرَن بوٗش کھَسہِ محنت گٔشن ہُرِ نوٗر تقدیرَن
سو وِز ییٚلہِ میٚون غاُرَتھ سینہِ دأرِتھ نیرِ طوٗفانس

گُنٕۓ گوٚژھِ دون جَہانَن لولہِ مَس گژھِ عالمس جأری
جمہوٗرک تاج دِتھ گرِ راج لاچأری تہِ نادأری
وَسَن یون زوٗن تارَکھ بِرِ یِہِ پتھرِس پیٹھ سمَن سأری
سُمِتھ دِن میٹھی شیٖرَس نأدِمَس آزاد اِنسانس
سو وِز ییٚلہِ میٚون غاُرَتھ سینہِ دأرِتھ نیرِ طوٗفانس

(۱۹۴۷ء)

☆

# یرادٕ

وُشُن وُشُن ووزُل ووزُل ووزُل ووزُل وُشُن وُشُن !
وُشُن وُشُن ووزُل ووزُل چھُ خون میون!
جوان چھُس طُفان ہیوٗ طُفان ہیوٗ جنون میون

مےٚ شوق چھُم کشیرِ پیٹھ فِدا گژھُن تہٕ جان دیُن
بہٕ واو چھُس مےٚ کیاہ کرِم بہٕ آوُلن بہٕ آوُلن
مَلکھ بُتھ پرٛیا ڈلن اندر بہُن کھٔسِتھ بہُن
بَنُن چھُ یوٗپ دُشمنَن چھُ دیُن لہُن چھُ دیُن لہُن
توٚے توٚے وُشُن وُشُن ووزُل ووزُل

بہٕ شاد چھُس کرُن وطَن آزاد چھُم آزاد چھُم
کھٔشِش کٔڈِتھ کرُن چمن آباد چھُم آباد چھُم
وَدُن رِوُن پتم تہٕ وارِ یاد چھُم مےٚ یاد چھُم
نوٚوُے مےٚ جوش چھُم نوٚوُے یَرادٕ چھُم مُراد چھُم
توٚے توٚے وُشُن وُشُن ووزُل ووزُل

دَزٕن دٕ زِتھ گرٛزُن ےٚ کوٚر اِشارٕ نارٕ وُزمَلو
تَلَک پٹھُک ےٚ بوو سیر بے قرار زَلزلو
رَگَن ےٚ خوٗن یوٚر نوٚوُے شہید مزارکو گلُو
شہَن وُپھُن ےٚ ہوو زبو ےٚ اَدٕ بَہارٕ بُلبُلو
توَے توَے وُشُن وُشُن ووزُل ووزُل

یٔنِہر زَلن تہٕ سوٚمبلَن اَچھَن چھُ نوٚو خُمار ہیُو
غریب گرٛپِستِس گران اَمیر زارٕ پار ہیُو
بُڈتھ وومیدنے چھُ لوکچار نوٚ بہار ہیُو
دِلَس اندر ےٚ پرٛون وَلولا چھُ بیقرار ہیُو
توَے توَے وُشُن وُشُن ووزُل ووزُل

دَزَن چھِ میٲنٕ وَن تہَیم قرار کیٛاہ قرار کیٛاہ؟
رِوَن چھِ میٲنٕ گُل تہَیم ےٚ وار کیٛاہ ےٚ وار کیٛاہ؟
بہٕ کونسلَن تہٕ فاصلَن تہٕ پرٛارٕ کیٛاہ بہٕ پرٛارٕ کیٛاہ؟
تُلُن ےٚ نار چھُم گربم ےٚ نار کیٛاہ ےٚ نار کیٛاہ؟
توَے توَے وُشُن وُشُن ووزُل ووزُل

یَراوِ چھُم بہٕ ہاوِ یاوُنک بہَار عالمَس
بہٕ سوٗنتہٕ واوِ پأٹھی گرٕ جِگر نِثار گُلشنَس
رَنگَن بہٕ پَننہِ خوٗنہٕ کھارِ مول بہٕ وارِ شبنمَس
بُنتھ بُنٛیل تہٕ نار گرٕ بہٕ لارِ لار دُشمنَس
تَوَے توَے وُشن ووزُل ووزُل

(۱۹۴۷ء)

☆

# نۆ وچھ اُدی صُبحن

نۆ وچھ اُدی صُبحن
اَکِس سبزِ زارس
اَنْدٕ رژ ھایہ ہۆل
مایہ مۆت اَکھ جوانا
حسین باغوانا
سبتھاہ ٹیک
تہٕ اُویُل تہٕ زاُویُل
قلم ہیوٗ
چھیوٗمُت تہٕ ہۆ کھمُت
ژمیوٗمُت تہٕ تھوٗ کھمُت
مگر

بولہٕ وُن سازٕ گۆر
تازٕ دَم ہیوٗ
پَران اوس ترانا
حسین باغوانا
پَران اوس

گران اوس

سُہ اَڑ پھولیمن ٹۄ رِےنِے رِکھ زَبان

گاسہٕ تیٚجَن بیٚیہٕ مۄ رِےنِے رِکھ زَبان

گران اوس

گُلَن رِکھ زَبان

بُلبُلَن رِکھ زَبان

لَنٛجَن رِکھ زَبان بامَن رِکھ زَبان

گُلمن رِکھ تہٕ بیٚیہٕ اَڑ کلمن رِکھ زَبان

تہٕ مومہٕ چۄوٕنمن بَتہٕ پھلمن رِکھ زَبان

زَبان ساز اَمہٕ بولہٕ وٕنہٕ ساز گرُی

اُمِ حسین باغوانَن

ژوولپأری باغَس رٕسیٖلُ نَغمہٕ وۄہرُن

مۆ دُرمیٖوٕٹھ اُدیٖلُ مولُل نَغمہٕ وۄہرُن

تہٕ اَتھ نَغمہٕ سے مَنٛز پٔتُن ساز بۆ ڈٕوِتھ

ہیوٚتُن زِندگی ہُنٛد حسین ساز وایُن

حسین ساز وایان، وایان وایان

کُرِن زِندگی ہٕنٛدی نٔوی نقش پأدا

قدآور جوان

أرِ تہٕ دٔرِنوی
قد آور جوان
بولہٕ وٕنؠ خوش پوٗنؠ
مگر رُت تہٕ ہیوٚت باغوان
رُت حسین باغوان
ژُٹ ژٕھنتھ
أچھن ژھبتہٕ گوٚمُت زِندگی ہُند اثر
میٛیٹ نہٕ بأژن شُر بن رکھ
حسین باغوان
مگر ضایہٕ گومُت
تہٕ بٔیہٕ ہایہٕ گومُت
یوٗ ہے چھا لیکھان ٹوٗٹھ تقدیرِ قومُک
یوٗ ہے چھا تھران رٕتی تہٕ ہیٚتی سازگری
یوٗ ہے چھا گران زِندٕگی حُسن پأدا
یوٗ ہے چھا گگن میانہٕ نۓ بولہٕ ناوان
یوٗ ہے چھا بہار رَس ڈبکس ژٔری چھاوان
یوٗ ہے بٔنیو واماشٹر؟

(۱۹۴۷ء)

# پژژھُن چھُم

وٕچَن پۄرٕ کٔنز گاش لۄگ باشہِ گرنے
سیاہ بٔختہٕ نٕے موختہٕ دامانہٕ جٔرنے
اَما آو پٔنجرن پہٕ ما بَر مُژٔرنےٚ
نٔبس پیٹھ کھٔسُن چھُم سِتارَن پژژھُن چھُم
پیٹھےٚ بانہٕ کمِن نو بہارن پژژھُن چھُم

گُلَن، بُلبُلن، لالہٕ زارَن پژژھُن چھُم
ژٕنتھ سینہٕ بالَن، پکُن ژھالہٕ مارَن
پلن باج ہتھ داج دیٚن کوہسارَن
چھُ کُس شوق آبَس اَندر گژلیہِ مارَن؟
ۓ اَنہٕرِ کٔشنے آبشارَن پژژھُن چھُم
پیٹھےٚ بانہٕ کمِن نو بہارن پژژھُن چھُم

گُلَن، بُلبُلن، لالہٕ زارَن پرٛژھُن چھُم
گَسُنٛد خۄنِ اَرماں چھُ بالا دَربن مَنٛز
گَسُنٛد گُمہٕ چھِ لرزاں پاں ژادربن مَنٛز
گَسُنٛد رَتھ چھُ زوتان وُنہِ ہی تھربن مَنٛز
نِشاطَن پرٛژھُن، شالہٕ مارَن پرٛژھُن چھُم
پیٹھےٚ بانہٕ کٔمن نو بہَارن پرٛژھُن چھُم

گُلن، بُلبُلن، لالہٕ زارَن پرٛژھُن چھُم
چھِ کٔمی خۄن دِتھ، چھۄنہِ دامانہٕ جُریٕمتی
پٔژن ماز دِتھ ساز و سامانہٕ گُریٕمتی
ژٕٹھ نَم تہٕ ژَم کٔمی چھِ دُردانہٕ گُریٕمتی
وَچھو تلہٕ کٔبنہٕ موختہٕ ہارَن پرٛژھُن چھُم
پیٹھےٚ بانہٕ کٔمن نو بہَارن پرٛژھُن چھُم

گُلن، بُلبُلن، لالہٕ زارَن پرٛژھُن چھُم
خیالَن پیٹھے ٹھانہٕ کۆت تام روزَن
بےٚ حبس قہر و طوٗفان کۆت تام روزَن
شوٚنگِتھ میاٖنۍ اَرمان کۆت تام روزَن
تہٕ مغروٗر سَرمایہٕ دارَن پرٛژھُن چھُم
پیٹھَے بانہٕ کمن نو بہارن پرٛژھُن چھُم

گُلَن، بُلبُلن، لالہٕ زارَن پرٛژھُن چھُم
جمہوٗرُک ہِشَر آسہِ یَس شولہٕ ناوُن
عوامُک بَجر آسہِ تھزِ شایہِ تھاوُن
پَرٛیا شوق تَس اَڈوتےَ نیٚندرِ ساوُن
موٚزوٗرَن پرٛژھُن، کاشکارَن پرٛژھُن چھُم
پیٹھَے بانہٕ کمن نو بہارن پرٛژھُن چھُم

گُلن، بُلبُلن، لالہٕ زارن پرٛژھُن چھُم
زَرَس بوٗش، زَردارنٕے، راج روزِیا؟
ژھ‌ربن لورِ گُٹہٕ تَن سَرَس تاج روزِیا؟
اُکِس ژوٗر تہٕ ہُر بیٚاکھ موحتاج روزِیا؟
وَچھس پیٚٹھ کھُسِتھ تاجدارن پرٛژھُن چھُم
پیٚٹھے بانہٕ کِمن نو بہارن پرٛژھُن چھُم

گُلَن، بُلبُلن، لالہٕ زارن پرٛژھُن چھُم
چھَہ اکِہ شایہِ دَولَت تہٕ حشمت تہٕ راحت
تہٕ بیٚیہ شایہِ ژٕ تَن ژھربر، فاقہٕ، غربَت
چھِہ کمہِ شایہِ تم ہیٚتھ قلمدان غیرت؟
اُدیبَن تہٕ فنکارن یارن پرٛژھُن چھُم
پیٚٹھے بانہٕ کِمن نو بہارن پرٛژھُن چھُم
گُلَن، بُلبُلن، لالہٕ زارن پرٛژھُن چھُم

(۱۹۴۹ء)



# سونتھ تہٕ ہَرُد

وۄتھی باغچ کُکلی کوٗکوٗ کٔری جَل تہٕ قُمری مَنہٕ ناونےٚ
وُچھی سونتہٕ کہِ واوُک ہوٗ ہوٗ آمُت باغہٕ بیرٕ وُزناونےٚ
گاہ لۄگ گٔژھہِ ہتی مُتۍ گرِنے
شَبنم لۄگ باغَس پھۄتی بَرنے
مےٚ چھُ باسان شایَد اوٗ بَرس تَل وُزمَلہٕ لٔج مَس مُژراونےٚ
پٲژٕ مَستَس عطر تہٕ پھٲلہٕ مٔلتھ
روپہٕ ہشِر تَنہِ سونہٕ سُنٛد جامہٕ وٲلِتھ
گمہِ تیٚہہ سان نوٗر ریٚہہ آمُت چھےٚ نۄوجور گُلن تھکہٕ ناوِنےٚ
کۄہہٕ پیٹھی پاں ژادَر ہِکچہٕ کٔرِتھ
روٗنہِ دامانَس چھونہِ موختہٕ جٔرِتھ
پۄت زوٗنہِ وٕتھتھ ڈُلہٕ پکنےٚ پیٹھ آہرٕ مۄت یاوُن چھاونےٚ
ییٚنُمبرزلہٕ نےٚ سَر نۄمرأوِتھ
واوَن ژھُن شَبنم چھکرأوِتھ

مالنٕ شیچھ بۄزِتھ مہرٕ ینٕز زَن وآرِو گرِ لُج اۄش ترٛاونےٚ

نۆو بوش چھُ کھۄتمُت پوشہِ تھربن

باوِ ڈٕ گُلہٕ نٕے تےَ بنگرِ نَربن

دوہنٕے ہُنٛد دودِ شُر پَنہٕ پوٚنپرُ کھونہٕ کھونہٕ پھر وِتھ لُج ہاونےٚ

اَنٛگ دیٛت کوٚنگ جامَن آرِوَلن

رَنٛگ پھیٖر گلہِ ٹۄریو ہٕندی جہِ ڈَلن

موصوٗم لالَن سیٛنٛدِ نالَن پیٹھ آرٕش مَسوَل اَسہِ ناونےٚ

اَمُنٛک پأغاماه ہیتھ فِطرت

آرٕش گُل واو تہٕ شبنم ہیتھ

اَفسوٗس فَقط اِنسانٕے یوت آو ناو پنُن مَنٛدِ چھاونےٚ

مزدوٗرَس نۄرَس ژۄر گرِتھ

زَردار پنُن دامانہٕ برِتھ

سَرِ بأزرٕ پھیران ناز گرِتھ آدمی مازَس مولہٕ ناونےٚ

رَتہٕ قطرن ساندِن بَتہٕ کنٕز کنٕز

غلہٕ دارَو دِیہِ گتھ مأرِتھ ژٕھنٕز

پٹھ دژاءمتی بُتھ نِے غازِ مُلِتھ اَستانَن دَشہِ ءمژ راونےَ
ہَلمَن کبتھ ہیےَ ہیےَ موہرِ تۂ زَر
وُنہِ پھیران فَرہنگو باُزیگر
سونہِ ءسنٛزٕ ہَتھکَرِ ہتھ دَلہِ نِے تَل آءمتی اَسہِ ییٚہِ ژٕ ھلراونےَ
ووٚلہِ زیر دِمَو اَز طوٗفانَس
مظلوٗمَس بے گَس اِنسانَس
الہِ قو دَرتھ چھَلہِ چھَلہِ گرٛ ژھِ عالَم ییٚلہِ وُ زمَلہِ ءبن شٛیچھ باونےَ
نوٚو سوٗنت جمہوٗرُک دِتھ تاجاہ
دژ امُت دِنہِ چمنَس نوٚو داجاہ
أنٛدریُم دَرٕ دَرٕ ہتھ اَزناٗدِم آمُت پزٕرَس وُزناونےَ

(کونگ پوش جلد ۱، شمارہ ماہ ستمبر ۱۹۴۹ء)



# بہٕ گوٚنہٕ اَز

بہٕ گوٚنہٕ اَز
گُلن تہٕ بُلبُلن تہٕ سوٚمبلن تہٕ مَسوَلن
ہُنٛدُ ے خُمارٕ ہوٚت
تہٕ مارٕ موٚت
موٚ دُر موٚ دُر تہٕ ہنٛد رِ ہوٚت
سُہ نغمہٕ کانٛہہ
بہٕ گوٚنہٕ اَز سُہ نغمہٕ کانٛہہ
تہٕ کیاز اَز...... تہٕ کیاز اَز
غُبار گرد جنٛگچی کھٔشن چھےٚ رَنٛگ مَسوَلن
تہٕ دٕہی بُشنٛگہٕ جنٛگہٕ کی ژٕٹن چھہِ چونٛٹھ بُلبُلن
تہٕ سوٚنبلن اَپارِ یپور گرٛوھان چھونٛ چھُ ہانٛکلن
تہٕ وُزملن ہٕتھ اُچھن چھُ زال زَن
کھٔنٛتھ چھہِ کوہ تہٕ بال زَن
تہٕ کالہٕ اوٚ بُرسنگرن وٕلِتھ چھُ نال زَن
بہٕ گوٚنہٕ اَز
تہٕ کیاز اَز چھہِ جنٛگ باز جالساز ہوٚل گٔنڈِتھ

## کٲشرِ میانہٕ زاگ ہیتھ

بہٕ گیوٚنہٕ اَز

بہٕ گیوٚنہٕ اَز، نشاط، شالہٕ مار، آبشار، لالہٕ زارکے

نرم نرم

پشِل پشِل

تہٕ سبز سبز شبنمک سُہ نغمہٕ کانُہہ

بہٕ گیوٚنہٕ اَز سُہ نغمہٕ کانُہہ

تہٕ کیازِ اَز تہٕ کیازِ اَز

بےٚ وایہٕ جایہٕ جایہٕ تاپہٕ کرٕ ایہٕ زَن چھےٚ زاگ ہیتھ

گران چھُ آیہٕ گرٕ ایہٕ یتھ ژٲلن یہٕ میوٚن باغ ہیتھ

توٚے چھُ شاہ اَنٛدرٕ گوٚمُت گلٔن

چھِ لالہٕ داغ ہیتھ

جوٚیَن چھُ گنگرایہٕ پیٛٹھ تہٕ پہرٕ زَن

سو تے یہٕ ککٕرلہٕ واہ

تہٕ بیٛوٚٹھ ہارِ وَنچہٕ اَبرٕ زَن

بہٕ گیوٚنہٕ اَز

تہٕ کیازِ اَز چھِ جنگباز جالساز ہوٚل گنٛڈِتھ

کٲشِرِ میانہِ زاگ ہتھ

بہٕ گوٚنہٕ اَز
بہٕ گوٚنہٕ اَز نَو بہَارِ بالہٕ یارِ کے اَمارِ گٲے
رَنگاب رَنگ ووزُل تہٕ ہور
نیٖول ووزُل توٗت تہٕ شوخ

نَغمہٕ کانٛہہ
بہٕ گوٚنہٕ اَز سُہ نَغمہٕ کانٛہہ
تہِ کیٛازِ اَز...... تہِ کیٛازِ اَز

بہارِ ہے چھےٚ لار ہَرِ دِ واوِ کے زہارِ چی
وَنَن اَنٛدَر راَوارِ تازٕ شوویا چھےٚ نارِ چی
سَکھَر چھےٚ آدَمس تہِ آدمی ہنٛدے شِکارِ چی
یٔنٛبرزَلَن تَوَے ٹٲپس چھےٚ بَنہٕ گٲٹہٕ
ہَوا ژھٕنٛتھ پیٖومُت
تہِ ہی چھےٚ تھَرِ بچارِ ژھبنہٕ گٲٹہٕ
بہٕ گوٚنہٕ اَز
تہِ کیٛازِ اَز

تہِ کیٛازِ اَز چھِ جنگباز جالساز ہوٚل گٔنڈِتھ
کٲشِرِ میانہِ زاگ ہتھ

بیہ گیوٚنہٕ اَز
بیہ گیوٚنہٕ اَز کھَہَن کھَلَن تہٕ ڈورِنیے
اَنٛد رٕسہٕ داںٛدٕ واٚلی ہاٚلی سُنٛد
ننٛبدَن ہُنٛدُ ے سہٕ گُمہٕ بٕرتھ
تہٕ نغمہٕ کانٛہہ
بیہ گیوٚنہٕ اَز سہٕ نغمہٕ کانٛہہ
تہٕ کیٛازِ اَز تہٕ کیٛازِ اَز
کھَہَن چھُ لاوِنہلہٕ آو، داوِداٚوی زُونٛیوٚ مُت
کھَلَن چھُ ہالوَن ہٕنٛد ے پِنگ تہٕ پاٚرٕ زَن پیٛو مُت
ڈبکَن پیٛٹھے چھُ خوفہٕ ستیٚ گُمہٕ تہٕ زَن شُٹھِتھ گوٚمُت
پلن چھُ آوِلُن ژوپاٚری گتھہٕ گران
تہٕ گاسہٕ تاٚنی کرٕ ییٹھو کرٕ ییٹھ
موٗل زَن چھُ رَتھ ہَران
بیہ گیوٚنہٕ اَز
تہٕ کیٛازِ اَز چھُ جنگ باز جالساز ہوٚل گُنٛڈِتھ
کٔشیرِ میٛانہِ زاگ ہیتھ
بیہ گیوٚنہٕ اَز، بیہ گیوٚنہٕ اَز
توٚ تام یوٚ تام نہٕ

کوہ تہٕ بال

کھاہ تہٕ ڈوٗرٕ

گُل تہٕ پوش

زَگ تہٕ پزٕ ون

قُمرٕ کُکِل

تہٕ بول بوش

ہَرُ د تہٕ سونتھ

وَن تہٕ باغ، جوے تہٕ آب، ہی گُلاب

شالہٕ مار، لالہٕ زار، آبشار، نوبہار

زوجہِ بال، بُرزٕ بال، تنگہٕ بال

شیشہِ ناگ

واوجَن

وارٕ کارٕ خوفہٕ روٗس تہٕ پہرٕ روٗس تہٕ اَہرٕ روٗس

بہٕ بیٚیہٕ وُچھن

تہٕ ژھمبرٕ میلہٕ وُن

سُلی

سُلی۔ سُلی

یَرادِ میأنٕ بیٚیہٕ اَسَن، لَسَن، بَسَن

تہٕ رَتھِ کھَسن مُراد میأنۍ

تہٕ ٹوٗٹھ میوٗن، نُنٛدٕ بوٗن، باغ سون

یوٗہے پَنُن پَنُن وَطن

یہٕ ییٚیہٕ وُچھن

آباد، آزاد تہٕ خوش یُوٗن، بہار ہیُوٗ

تہٕ لوٗ ولو کِچار ہیُوٗ

یہٕ گیوٗتیٚلی۔ یہٕ گیوٗتیٚلی

ییٚتےٚ توٚ تام گیوٗنہٕ گیوٗنہٕ زانٛہہ

سُہ نیٚنٛدر رِموٚت، خُمارٕ ہوٚت

یہٕ سوز کانٛہہ

توٚے یہٕ پیٚرٕ، اَز یہٕ پیٚرٕ، وَتھ یہٕ شیٚرٕ

بٕھی تہٕ پیٚرٕ سمی گرَکھ

یہٕ پیٚرٕ تیز توٚ و قلم تہٕ شرٛاکھ ہیٚتھ

تہٕ دُشمَن تہٕ رَہزَن

یہٕ پیٚرٕ پھیٚرٕ ٹھاکھ ہیٚتھ

ڈوگُر قلم تہٕ دروت ہیٚتھ

یہٕ پھیٚرٕ جایہِ جایہِ، شایہِ شایہِ، پَنٛنہِ آیہِ

پرٛتھ بلایہِ دروت ہیٚتھ

ڈوگُر قلم تہٕ دزٕ وت ہٮ۪تھ

یَراڈ ووت پرٕوت ہٮ۪تھ

رُمو رُمو بہٕ گُمہٕ کڈِتھ چھلن بہٕ ٹوٹھ باغ سون

بہٕ نُنڈ بون

بالہٕ یار......لوکچار

چون میٚون

تہٕ کھُہہ تہٕ کھَیہٕ، کھوڈتہٕ لیہٕ بہٕ نورٕ ستی پٔژٕ رٕ وکھ

بہٕ گٕنہٕ از

بہٕ نیرٕ از

ڈوگُر قلم تہٕ شٕرٕ اکھ ہٮ۪تھ

یَراڈ اکھ بےٚ باکھ ہٮ۪تھ

(۱۹۵۰ء)

☆

# مےٚ چھم کأم باقی

مےٚ چھم کأم چھم کأم چھم کأم باقی
مےٚ چھم واریاہ کأم
باقی
سبٹھاہ کأم، ۂژ کأم، روٗ زِتھ گٔمژ کأم
واقعی
مےٚ چھم کأم باقی

مےٚ چھم اَوی لبن زاَوی جارَن سَنٛن
لولہٕ نارَن سَنٛن
نوٚ ے شوقہٕ کلمن لالہٕ زارَن سَنٛن
نوٚ بہارَن سَنٛن
موٚ زوٗرَن سَنٛن، کامگارَن سَنٛن
بالہٕ یارَن سَنٛن
تہٕ تہندِ بن دِلاوَر اِشارَن سَنٛن

یٚیہٕ خُمارن سٟتۍ
مےٚ چھم بُتھی پھِرِ بن حوصلن ژھوٕ بٔرُن
تہٕ لَرِلوہ کرُن
تھزن ہمتن ہٕتی لَرِلوہ کرُن
تہٕ نۆو گوڈ بٔرُن
اِرادن نۆو بن چھم مےٚ نۆو گوڈ بٔرُن
تۆ اَز وَنُن
نۆن وَنُن
گرٕ پستس چھم وَنُن، کاشکارس وَنُن
نانگارس وَنُن
جاں نِثارس وَنُن
تَس تیمس
میأنی پأٹھی بن چھ وُنہِ کأم باقی
سبٕٹھاہ کأم، رِژ کأم، روٗ زِتھ گرِٛش کأم
واقعی
چھےٚ تَس کأم باقی۔

تِمَس یَس وُچھِتھ داند اَلبانہٕ بڑ وٚنہہ بڑ وٚنہہ اُڈی پٔری تڑ اوَن
تِمَس یَس چھُ یاوُن کولَن ناگہٕ راوَن ہُنڈُ ےپادناوَن
تِمَس یَس چھُ پڑاگاش صُحِن ڈیکَس نوٚو کلابوت چھاوَن
تِمَس یَس چھُ نوٚ وسونت کُن تل یِوَن یاونک سپر باوَن
تِمَس یَس کوہَن ژھایہِ گگرایہ ءگس ءگس گرِتھ وَلوَلَن پھاپھلاوَن
سُہ یُس تاپہٕ کڑاین اَند رزوٚژٕتھ دوہ تہٕ دبَن راوِ راوَن
تِمَس یَس چھِ ڈارَن اَند رڈٕنگی جہِ پیٹھ لولہٕ مَژٕ رأژ راوَن
تِمَس یَس ہَرُ دکوم بٔرِتھ دامنَس سون جٔرِتھ نیٚچھِ ناوَن
سُہ یُس

فالہٕ کےنوکہٕ ستی پڑتھ وٚہرِ ماجہِ بُترأژ نوٚ ولون لیکھن
تِمَس یَس

چھِ بُتراتھ پڑارَن وُڈٕ ریپٹھ
مُرِس کیتھ رِزق ہیتھ
ءکنکھ ہیتھ، مِکأے، وُشکہٕ، مونگ، مُٹھ تہٕ ماہ ہیتھ
مُسُر ہیتھ رُماہ ہیتھ
بُدٕج، رأنی، گیوزیر، برز پادشاہ ہیتھ
مےٚ چھم ازوَنُن

کاشکارَس وَنُن

نانگارَس وَنُن

بےٚ قرارَس وَنُن

تِمُٔس یَس چھےٚ زُٔٹ نالٕی

تَس یَس چھےٚ یَڈٕ خالٕی

تَس یَس کرِٕہن ژٔرم

تہٕ گَسہٕ آہٕتی نَم

اَتھَن خاأز پیٖرٕژ

زَنگَن ژٔرم شرو کیٖرٕژ

وُٹھَن ہاے پیٖرٕژ

شُر بن وَہ سو تیٖرٕژ

سُہ یُس فالہٕ کےٚ نوکہٕ ستی پڑتھ وُٗہَر

ماجہٕ بُترأ ژنوٚ ولون لیکھن

پُٹھ لون پَنہٕ نُے

چھُ تَس لول لیکھن

ژٔٹھ خون پَنہٕ نُے

چھُ تَس لون لیکھن

تمِس یَس مُہتھ گُل ژوان ہَرِ دِ کالے
ژہان رَتھ، مُہان فلی کڈان زٔٹ چھِ نالے
مےٚ چھُم اَز وَنُن تَس
ژٔتھ بڑیڈِ جاٗ گرِدَرَن
وڈ دَرَن
سۄ درَن ہِتھِ
پَنٕنی ماٗج بُتراتِ ساتھ ژ واپَس
جگر دۄر
تہٕ زُواوٗر
گٔرِتھ ووتھ
گُمر گنڈ
ژ اکیأنی ہتھ ووتھ...... گُمر گنڈ
یہِ پٹ پژ أنی ہتھ ووتھ...... گُمر گنڈ
پَنٕنی ماٗج بُتراتِ پھِروُن ژ واپَس
ژ شیرُن تہٕ پاٗرُن
ڈیکس دژہ، بتھِس گِنی، أچھَن زال کاسُس
وَچھَس بیرِ شیرُس تہٕ زنڈ زال کاسُس

ژٕ رَفتار آرَن ہُنٛدٕ ےسوٚی گرُن چھے
ژٕ دَب چھے گرٕ ژ آبشارَن کولَن ستۍ
ژٕ چھے چوٚنٹھ ژرِ یاوٕنے ہُنٛد پھرُن
پَنٕنہٕ بُتراٚ ژُگن
ژٕ کاسٕژ ہوکھے چھے
ہِہتھ بنٛجرن وُڈرنِ بیٚنہٕ گریوَن
ژ ہِن ژٕکھ ژٕ چھی دِژ
گگرواٚج پوٚرٕ وِژ
ژٕ سُہلابہٕ ہےسپنہٕ داٚرِتھ چھُ روزُن
مگر ووتھ کمرٕ گنٛڈ
ژٕ بُتھ ژٕٹھ تمَن
یم بَدَل بُتھ گرِتھ زاگہٕ چھی لاگنۍ چانہٕ پزارَن
تمَن یم چھہِ وُنہٕ زال واہرَن
تمَن یم گرِتھ اٚٹ
فرہنگن تہٕ جنگ باز جادوٗ گرن ستۍ
چھُ وُنہٕ زال واہرَن
ژٕ ماپورنۍ اَز

ژ ما پھُکھ کُنۍ اَز

کُمیُل پھُکھ ژ پھُکھ ہول ییٚہِ گرۄس پھُکھ

ژ پھُکھ واریاہ واریاہ واریاہ اَز

ژٔ ے چھے مأج بُتراتھ اَز رأ چھدَر

ییٚہِ ژہنڈی رِتی گبرَ

دُنی یہکی ہألی سأری

کُملی کامہِ پێٹھ زُوژٔن وألی سأری

تۄ ے ووتھ سَکھر گر

ژ پگھ مٔژلس کُن

ژٔ ے چھے کأم چھے کأم چھے کأم باقی

ژٔ ے چھے واریاہ کأم

واقعی

ژٔ ے چھے کأم باقی

(۱۹۵۰ء)



# جنگ باز خبردار!

ٹھہر یانے بڑوٹھہہ مئہ پکھ فساد فتنہٕ کینژھا ہتھ
ژٕ بم تہٕ گن مشینہٕ ہتھ، موگر کوٗروہٕن یہٕ سپنہٕ ہتھ
ہیرو شما، یہٕ چھونیہ یتھ کرٕکھ ژٕ لوکچار وُچھ
گرزن چھِ آبشار وُچھ نِشاط شالمار وُچھ
وطن یہٕ میٚون چھے بیدار نوبہار وارٕ وُچھ
ارادہ اُستوار وُچھ، تِلو تیٚوژنگل تہٕ نار وُچھ

ژٕ کیٚیر چھے چھِ چاڑٕ توپہٕ بَم تہٕ گولہٕ کارگر
فساد جنگ تہٕ فِتنہٕ شر، تہٕ سون تہٕ چاند مہرٕ زر
ژٕ ما وُچھِتھ مزدوٗر کامگار کاشتکار وُچھ
حیاتکےٚ خُمارو وُچھ بونیول چھُ بیقرار وُچھ
اَمُن پَسند ہمتن اُچھن چھُ ژٕاپہٕ جار وُچھ
ارادہ اُستوار وُچھ، تِلو تیٚوژنگل تہٕ نار وُچھ

غریب ووتھ بچور ووتھ ژٕ کیاہ کرکھ ژٕ کیاہ کرکھ؟
جمہوٗر ووتھ ژٕ کیاہ کرکھ؟ مزدوٗر ووتھ ژٕ کیاہ کرکھ؟
آزاد اَنٛج چھِ لشکراہ تہٕ بے شُمار وُچھ
کرن چھِ سر نِثار وُچھ، چمن چھُ نوٚو تیار وُچھ
رگن اندر گربکن یمن چھُ خوٗن جوش دار وُچھ
ارادہ اُستوار وُچھ، تِلو تیوٗنگل تہٕ نار وُچھ

یِمیٚک غروٗر چھے فناہ سہٕ چون سامراج گوٚے
خراج گوٚے تہٕ باج گوٚے، زرین تخت و تاج گوٚے
پتھر پیومُت تہٕ زٕعی گُمت مومُت چھُ تاج دار وُچھ
گُمت محل وُجاڑ وُچھ، تہٕ بہہِ سُند بہار وُچھ
گران بخت پایہِ بے بسن چھُ زارِ پار وُچھ
ارادہ اُستوار وُچھ، تِلو تیوٗنگل تہٕ نار وُچھ

غُلام چاْئٕ جایہِ جایہِ اَستہٕ اَستہٕ خستہٕ گے
ذٔلیل خارپست گےٚ، شیٖشٕٹھے شُٹھت بستہٕ گے
ووٚزُل یہِ ہانگ ہو، کران چیانگیے چھُ لار وُچھ
چھُ چین از بیدار وُچھ، پھولن چھُ لالہٕ زار وُچھ
دماہ ٹھٔہر، وُچھکھ ووٚزُل ژٕ ویتام پژار وُچھ
ارادہ اُستوار وُچھ، تِلو تیوٗنگل تہٕ نار وُچھ

ژٕ بجُرِکےٚ وٚدُن رِوُن مٔیہ یاوُنک یہِ بوش چھُم
ژٕ بےحِسی مٔیہ ہوش چھُم، ژٕ نے چھے جوٗن مٔیہ جوش چھُم
وُچھکھ ژٕ زِندگی دِلُک یہِ میٖون لالہٕ زار وُچھ
وُشُن ووٚزُل بہار وُچھ، کٔشیرِ ہُنٛد امارٕ وُچھ
ژٕ کالہٕ کمن لَنڈبن پھسیتھ پکاہ چھُ میٖون یار وُچھ
ارادہ اُستوار وُچھ، تِلو تیوٗنگل تہٕ نار وُچھ

(کونگ پوش، جون ۱۹۵۰ءِ)



# یا شاہ ہمدان

یا شاہِ ہمدان

أسۍ تہِ چھا اِنسان

کٔمۍ دۆپ اِنسان

ژھیٚیِہ أس پہٕرا

تَتھ تہِ وَسہِ قُرقیا

بُتھِ سٕخ وتہٕ چھُم

خأٔلی چَنٛدِ چھُم

ژےٚ تہِ کیٛاہ مےٚ تہِ کیٛاہ

یاشاہ ہمدان

أسۍ تہِ چھا اِنسان

(کونگ پوش، نمبر ۱، ۱۹۵۰ء)



# مےٚ چھَم آش پَگہٕچ

(۱)

مےٚ چھَم آش پَگہٕچ
پگاہ شولہِ دُنۍ یا

دوہَس گاش ہرِ گُل تہٕ گُلزار پزٕ زلَن
ژٕمِپَس بِسَر لگہِ تہٕ سبزار پزٕ زلن
وَچھَس منٛزٕ ہُمس لولہٕ پھموار پزٕ زلَن

پگاہ شولہِ دُنۍ یا

کرٕوٗل لاگنَے مے گوٗھن اُچھ کرٕ اُلی
وَسِم دود تہٕ بَبہٕ ٹینٛڈۍ گرٕھن مےَ ووزٕ اُلی
تہٕ دَہہِ وٕہرۍ دَشہٕ ہار پیہٕ سون ساُلی

پگاہ شولہِ دُنۍ یا

کَنَن گوٗھِ مےٚ چاں میاں ژٕلبم وٕ ےتہٕ وایے
وَچھَس تَل مےٚ ژٕ ہہ ژٕ ہہ کربم آیہٕ گرٕایے
لَبن لوسہٕ گُٹھۍ بےٚ کھسِم مؤلہٕ مایے

پگاہ شولہِ دُنۍ یا

''ہُہ'' بُرٕژ رنہِ تَل گَن تھٔوِتھ بوزِ لوٚت لوٚت
تہٕ تھٔز کاٗرتھاوِتھ سُہ ہیٚیہِ نیرِ پوٚت پوٚت
تہٕ وَنہٕ وُن ہمس پوٚترٕ مائِلس ہہٕ سوٚت سوٚت

پگاہ شولہِ دُنیا

یِنَم سٔدرٕ پٔنِنے وَدٕ وچھے مُبارک
ہہٕ چھُس پوٚترٕ مأج چھٔترٕ بوٗنی فِکرِ تارک
ہمکھ کوچھِ ہیوٗنی اَزہہٕ ماکینہہ تہِ یارک

پگاہ شولہِ دُنیا

دَپان جنگ چھُ ووتھٕ وُن
پگاہ گوٚژھ نہٕ سَپُدن
پگاہ شولہِ دُنیا
پگاہ گوٚژھ نہٕ سَپُدن

(۲)

مےٚ چھُم آش پٔگہہ
پگاہ وادٕ چھُم تَس

ہہٕ دوہ لوسنٕہ ہیوٗتھرٕن ژھایہِ پژارس

تہٕ ہی مال زَن لولہٕ تےٚ مایہٕ پڑارَس
گژھبس ژ ریٖ غم کیٛاہ چھُ بےٚ وایہٕ پڑارَس

پَگاہ واوِ چھُم تَس

سُہ ییہٕ مایہٕ موٚت ژھایہٕ ہوٚل گژایہٕ مارَن
یہٕ آسےَ تٔمس مالہٕ کتیٖ پوشِ ژارَن
کربم کتھ یہٕ روشس تہٕ چھوٗ لگہٕ اِشارَن

پَگاہ واوِ چھُم تَس

سبٕٹھاہ ہونگنہٕ رٔڈ تَن یہٕ تھوٚ کٲربون کُن
تہٕ ییٚلہٕ دٔلی رَٹُھم تیٚلی وٚچھس اَدِ اُچھَن کُن
رَٹُھم نالہٕ اَدِ اوٗش دَرُن ماچھُ مُمکِن

پَگاہ واوِ چھُم تَس

تھٔوتھ کٲرکو چھِ منٛز دِلکی دٲدی باوَس
تہٕ روپہٕ سیٖنکی داغ نذرانہٕ تھاوَس
پزژھس بوژےٚ گوٗ لا جتھس لولہٕ داوَس

پَگاہ واوِ چھُم تَس

وَنہِم دوہ چھِ نزدیک ژھوہ مارِ یاوُن
چھُنٔی پاٹھی اَسہِ لول ہاوُن تہٕ باوُن

پٔرتم پَتھ چھُ ترٛ اوُن تہٕ نۆو نچھِ ناوُن

پگاہ واد چھُم تَس

دَپان جنگ چھُ ووتھ ؤن

پگاہ گۆژھ نہٕ سَپُدن

پگاہ واد چھُم تَس

پگاہ گۆژھ نہٕ سَپُدن

(۳)

مےٚ چھم آش پٔگہِ

شُربن مول واتِم

تہٕ تھےٚ بوزٕ آلو تتُھے بزٕ وٕنٛتھ نیرِس!

رَتَن نالہِ مَتہِ زورٕ أندی أندی بو پھیرَس

نٕوِس تازٕ گاسَس پَتھے جاے شیرَس

شُربن مول واتِم

تھٔکِتھ آسہِ آمُت گوڑٕنی پادنارَس

تہٕ موٚتھ دٔگ دِوان وٕلی وٕلی ننٛدٕرِ پاوَس

تہٕ نٔکھ چی گھڑٕ بزٕ وٕنہہ کنی نظرِ تھاوَس

شُر بن مول واتھم

گھرِ منز نُوی گُل تہٕ گُل زار آسَن

مےٚ چھِٹھِ جانہٕ گنہٕ واجہٕ طوٗ مار آسَن

جیٚس خَتَن ہأج کِتی دیٚار آسَن

شُر بن مول واتھم

یوٚ نہٕ عیز کِتی أسی پلَوٗنُوی بَناوَو

تہٕ گٔچھِ پوٗتی جوراہ تہٕ قربان تھاوَو

جبس ژاٹہٕ باجَن شِر ہِن بأ گراوَو

شُر بن مول واتھم

دَپان جنگ چھُ ووتھِ وُن

پَگاہ گوٚ ژھ نہٕ سَپدُن!

شُر بن مول واتھم

پگاہ گوٚ ژھ نہٕ سَپدُن

(۱۹۵۱ء)



# سون وطن

سون وطن پوش ہیٚو
تاوٕ ہوٚت یاوٕن بہارُک شالہٕ مارُک گوشن ہیٚو
معصن ہُند جوش ہیٚو
نوٕ پوشاکک بوش ہیٚو
سون وطن لولہٕ نیاین ہُند شہُل سر پوش ہیٚو
پھولہٕ وُن پمپوش ہیٚو

اَسہِ وطن گلزار ہیٚو
زن بوتھس رنگہٕ رنگہٕ چھُ کھوٚتمت لالہٕ نبے ووزٕ جار ہیٚو
توشہٕ وُن سبزار ہیٚو
سون وطن نوجوانی ہُند وُشن خُمار ہیٚو
بالہٕ پانٹک یار ہیٚو

اَسہِ وطن اُچھ گاش ہیٚو
کورِ مالِس دُجہِ گنڈِتھ زن پاسہِ سونہٕ چی چاش ہیٚو
پوٚرٕ گژھِ ووٚزٕ آش ہیٚو

دودٕ چون پڑا اگاش ہیٚو
گامہٕ مورینہٕ زٕن مٮ۪کتھ اوٗ نمُت اُچھَن ہُنٛد گاش ہیٚو
یاوٕنٛچ گنٛڈٕ باشہٕ ہیٚو

اَسہِ وَطَن رُت گام ہیٚو
ژھَل رُووِتھ زٕن بونہِ شہُلِس گریستِس آرام ہیٚو
ڈل وٕہس پٮ۪ٹھ شام ہیٚو
آدنٛک بادام ہیٚو
تریلہٕ ہٮ۪تھ زٕن گامہٕ پٮ۪ٹھ یُژ کال ووٗتھمُت مام ہیٚو
ماجہِ ہُنٛد مومہٕ دام ہیٚو

اَسہِ وَطَن جاموار ہیٚو
اونٛگجہِ پوٗ ژٕنت سُرٕنہِ تلہٕ کوٗ ڈٹوپہ گریوگُلزار ہیٚو
رِپشُمک شیٚہجار ہیٚو
توسہٕ اژل وار ہیٚو
ڈون ہچہِ پٮ۪ٹھ تورکہِ چھان کھوٗتمُت زٕن لوکہٕ چار ہیٚو
آسنٛک اَمار ہیٚو

أسی چھِ اَمیُک رأ چھدر
أسی جیٚمکی، پڑٕ ژٕھکی، لداخکی بیٚیہِ چھِ کأشرٕ تی گبر
أسی چھِ وَطنٕکی رأ چھدر
سأنی ہمت اَتھ سپر
گُس چھُ جوٗرتھ زِندٕ گیٕ ستۍ مینہِ تے گُس انہِ جِگر
أسی چھِ وطنٕکی رأ چھدر

لَل دیٚدِ ہٕنز آواز ہبتھ
حبہٕ خوٗتوٗنہِ للومُت یُس لُلہِ اَنٛد رسُے ساز ہبتھ
زِندٕ گی ہُنٛد راز ہبتھ
أسی چھِ ازٕنو ساز ہبتھ
سوٗنتہٕ واوُک بولہٕ وُن
خوش موٗدُر انٛد از ہبتھ
أسی چھِ ازٕنو ساز ہبتھ

(کونگ پوش، ۱۹۵۱ء)

☆

# کأشرِ یُٹ وُزِ وان

پوشن دیُت صَدا
شیرِ کشمیر شیخ محمد عبداللہ
پوشہِ موٚت اِنسان، روشن وَلوَ لا
شیرِ کشمیر شیخ محمد عبداللہ

شوقہِ رَکس سَرَس مُکمل تار دِتھ
وُپھ تُلِتھ کھوٚت آسمانَس زَلزلا
شیرِ کشمیر شیخ محمد عبداللہ

ہیوٚند، مُسلمان، سِکھ تہِ عیسأے پوشہِ ذأژ
گُلشنَس مَنٛز شولہِ وِنٛز رٕنٛگین بأژ
چھُس خوٚدی پیٛٹھ رأضی پانَے بوٚڈ خودا
شیرِ کشمیر شیخ محمد عبداللہ

نیٚنٛد رِوُزنأوِنٛز کوٚرُن بیدار قوم

اِنقلابکہِ نغمہٕ ستی ہُشیار قوم
دِل گرِتھ دِلدار وۄتھ زَن در دِلا
شیرِ کشمیر شیخ محمد عبداللہ

فاقہٕ پھٔری حأران دوہَس نَم ژَم ژٔٹتھ
أسی وُٹھ پھیشان دوہے أساۄٹتھ
مُنزِلس نِش وأتی اَسہِ پڈ ووٚ منزِلاہ
شیرِ کشمیر شیخ محمد عبداللہ

زِندٕگی ژأرِتھ ہشَر گوٚرُن دوہے
کُن خوداماٗنتھ کُنبر ژوُرُن دوہے
بوز ناوان، سوز زَن اوس بُلبُلا
شیرِ کشمیر شیخ محمد عبداللہ

(۱۹۵۱-۵۲ء)

☆

# گوٚنہٕ ماتٕس موتٕک شرٕ کرِ کیاہ؟

شیٚچھ گیہ شامَن گامہٕ شہارٕ، پھیر ژوپارٕ
باغَن تہٕ جَنگلَن پھیر ژوپارٕ، لُج پژٕ ژھٕ گارٕ
لُج پژٕ ژھ گارٕ رُت نُندٕ بوٚنے، توہہٕ ماوٕچھوَن
مہجورا سوٚنے، توہہٕ ماوٕچھوَن، توہہٕ ماوٕچھوَن

بُلبُل لوٚگ گُلزارَس پژٕ ژھنےٚ، یارَس پژٕ ژھنےٚ
رُوٕمِش لُج رٕنب آرَس پرژھنےٚ، آرَس پژٕ ژھنےٚ
یارَس پژٕ ژھنےٚ، مالیٚن کرٕ وٚنے، توہہٕ ماوٕچھوَن
توہہٕ ماوٕچھوَن، مہجوٗر سوٚنے، توہہٕ ماوٕچھوَن

ہی تھرِ گَن تلہٕ یاوُن آمُت، شرٕ اوُن آمُت
سوٚنتس شیٚچھ بتھ شرٕ اوُن آمُت، شرٕ وکنن ژامُت
شرٕ وکنن ژامُت، جَل بولہٕ وٚنے، توہہٕ ماوٕچھوَن
مہجور سوٚنے، توہہٕ ماوٕچھوَن، توہہٕ ماوٕچھوَن

---

مہجور سُند پیدأیش...... تہٕ وفات 9/اپریل 1952ءکاشرِ زبانٕ ہُند اکھ بہلہٕ پایہٕ شاعر۔

شبنم دژ امُت پےَ ہێنہِ لالَن، سَنگَر مالَن
وُزمَلہِ شێچھ پژژھ سَنگَر مالَن، ہےُ ووٗتھ بالَن
ہےُ ووٗتھ بالَن، گُل اَسہِ وُنےُ، توٚہہِ ما وُچھوَن
توٚہہ ما وُچھوَن، مجبوٗر سونےُ، توٚہہِ ما وُچھوَن

مَسوَل دژاہِژ چھٕنٛدرێمژ ہِش، ہٕنٛوٗرێمژ ہِش
لوٚ ہٕژ اَشہِ گرِژ، ہٕنٛوٗرێمژ ہِش، لٔج ہێیہِ پرُسِش
لٔج ہێیہِ پرُسِش، کھَنٛڈٕ گرووُنےُ، توٚہہِ ما وُچھوَن
توٚہہ ما وُچھوَن، مجبوٗر سونےُ، توٚہہِ ما وُچھوَن

یٔنبرزَلہِ دیُت بوٚمبرَس آلَو، دوکھ لَد آلَو
گُلہِ والَس کُن اَچھ پھِرِ پیاَلو، گرٛز تُل لالَو
گرٛز تُل لالَو، دِل پھولہِ وُنےُ، توٚہہِ ما وُچھوَن
توٚہہ ما وُچھوَن، مجبوٗر سونےُ، توٚہہِ ما وُچھوَن

لوٗلَس وۄنۍ دِتھ ہولاہ ژھارَن، ہولا ژھارَن
حُسنَس عشقاہ پَتہٕ پَتہٕ لارَن، پرٛژھ لوکچارَن
پرٛژھ لوکچارَن، یاوُن میوٗنۍ، توہہِ ما وُچھوَن
توہہ ما وُچھون، مجوٗر سونۍ، توہہِ ما وُچھوَن

سنطوٗرَس وۄژھ ٹھرہ ٹھرٕ تارَن، ووٹنٕچِن تارَن
سارَنگہِ لَرِ پھیٗر دیُت لوکچارَن، پرٛژھ سیتارَن
پرٛژھ سیتارَن، رُت وَنہٕ وونۍ، توہہِ ما وُچھوَن
توہہ ما وُچھون، مجوٗر سونۍ، توہہِ ما وُچھوَن

☆

شێچھ گیہِ شامَن گامہٕ شہأری
باغَن تہٕ جنگلن پھیرِ ژوپأری
گِلہِ وۄن واوَس، واوَن لالَس،
لالَن پیالَس، پیالٕ گلہٕ والَس
گلہٕ والَن پھِر مے خانَس منز

مےَ خانَس منٛز ؤڑھ ہؤل ہالےَ
بانَس تہٕ بانَس ئُج ٹھسہٕ رارَے
زَن گوآلو، مہجوٗر کوٗت گو، مہجوٗر کوٗت گو!

پوٗت پھیرِتھ آو آلَو واپَس
ییٚتی چھُے...... کوٗت گو؟

لالَن ژھایے ماران گڑایے ییٚتی چھُے، کوٗت گو؟
یاؤن رایے، بے پَروایے ییٚتی چھُے، کوٗت گو؟
آرٕ وَلَن منٛز، سندٕ جہِ ڈَلَن منٛز ییٚتی چھُے، کوٗت گو؟
دودٕ شُری للہٕ وان، أشی پھیر مولہٕ وان ییٚتی چھُے، کوٗت گو؟
الہٕ بأنٛی گاران، کمی لبن ژھاران ییٚتی چھُے، کوٗت گو؟
موٚ زؤرَن نِش، رنٛجوٗرَن نِش ییٚتی چھُے، کوٗت گو؟

نٔو آش مَنہٕ وان، پڑاگاش پنہٕ وان
مہجوٗر زِنٛدٕ چھُے، زِنٛدٕگی مَرِ کیٛاہ؟
گونہٕ مانَس موتُک شَر کَرِ کیٛاہ؟

(۱۹۵۲ء)



# ڈٕل ہاٹزنہٕ ہُنٛد گیوٗن

تازٕ تازے مےٚ اَزٕ مےٚ ڈٕلے ہے
ہے ووٚلے ہے ووٚلے ہے ووٚلے ہے
پھٕلیہٕ وانٛگَن تہٕ پاَرٕ مہٕ اَلے ہے
ہے ووٚلے ہے ووٚلے ہے ووٚلے ہے

مَرٕژٕ وانٛگَن تہٕ وانٛگَن چھِ بیٛوٗن بیٛوٗن
مَس مَلر ہِوی رُوانٛگَن چھِ بیٛوٗن بیٛوٗن
ناوِ مَنٛز چھِی گران ٹھولہٕ ٹھولے ہے
ہے ووٚلے ہے ووٚلے ہے ووٚلے ہے

تازٕ مُجہٕ بُدی چھِ ہلہٕ ژھایہٕ زوتَن
ڈینٛبہٕ گوگجاہ ووزِج بیب خوتَن
زَن سنٛگرمالہٕ نیٖ لٔج پھٕلے ہے
ہے ووٚلے ہے ووٚلے ہے ووٚلے ہے

ہے ژےٚ پڑھی پیٚنز تُلی ووٕنی سبٹھاہ چھے
دژاگہٕ نے مأری کیٛاہ دِی ژےٚ راہ چھے
اَتھٕ رَٹی پَتھ تلَے ہَے ژَلے ہَے
ہَے ووٕلَے ہَے ووٕلَے ہَے ووٕلَے ہَے

کیٛاہ وَنےَ پُتٕرمہٕ بڑبسوارِ پیٛایَس
زور اأسم نٕہ لُٹھی زورٕ دژایَس!
دوٕد ہبڈُر ترٛوومَے پھٕرِ تلَے ہَے
ہَے ووٕلَے ہَے ووٕلَے ہَے ووٕلَے ہَے

آرٕوَل چھوٚت سُہ چھُم واٹہٕ مُج ہیوٚ
چھوٚن تہٕ نوٚن ترٕہ ہوٚت شینہٕ ٹُج ہیوٚ
اوٚش ہَران آب زَن پیٹھ کھلَے ہَے
ہَے ووٕلَے ہَے ووٕلَے ہَے ووٕلَے ہَے

نَستہِ پمپچھاہ گُرِتھ مأژ سُنٛد ہیٚو

ریٚشپہِ بُتھ زَن لوکٕٹ ماجہِ ہُنٛد ہیٚو

لیٚمبہِ چھُ پمپوش پھوٚلمُت ڈَلے ہے

ہَے ووٚلَے ہَے ووٚلَے ہَے ووٚلَے ہَے

زَن کَنَن چھُم گرٛشھان شُری وَدُن ہیٚو

زَن وَچھَس تَل گرٛشھان چھُم برٛژھُن ہیٚو

اَز مےٚ دِبدی چھُم سبٛھاہ پوٚت گَلےَ ہے

ہَے ووٚلَے ہَے ووٚلَے ہَے ووٚلَے ہَے

(۱۹۵۲ء)

☆

# گراو

بُراتھ چاێنہِ دَیہِ زر دارَن کیٛتھ
بوچھِ بوچھِ خاێلِص ناوارن کیٛتھ
آسہِ یہِ غُربتھ اِنکارن کیٛتھ
پَزٕ ہ چانٕہن اقرارَن روزِیا؟

دۄ دمُت کھاہ ہۄکھمُت کھَل آسن
بیکار گرن منٛز ہَل آسن
بیتاب اگر وُزمَل آسن
پھل وُڈٕ وُڈٕ اَنبارَن روزِیا؟

جمہوٗرِچ سوداگأری چھے
آزأدی منگنَس خوأری چھے
زردارن ہنٛز سردأری چھے
اِفلاس یہِ نادارَن روزِیا؟

تہذیب چھُ خاُلص خونخوأری
وتھِ خونچہ پژتھ طرفس جاأری
ییٚلہِ ہینہٕ وِنہِ چی آسہِ دینداأری
پَژھ ویدن تہٕ سیپارَن روزِیا؟

چمنَن منٛز ژوٗربن ریئے لُجمژ
پوشو کنہِ باغَس سوے فوٗجمژ
واوِ ہردنہِ ییٚلہِ آسہِ ہی گجمژ
تیٚلہِ یاوُن گُلزارن روزِیا؟

اِنسان چھُ وحشی دُنیادار
اَکھ أکِ سُنٛد خونُک دعوادار
یوچھِ ییٚلہِ آسہِ کھتن پیداوار
تیٚلہِ زر ووٚنی زردارَن روزِیا؟

(۱۹۵۲ء)

☆

# اَمنچہِ اپلہِ پٹھ دَسخط

مےٚ دۄپمَس کاکدس پٹھ کَر ژٕ دَسخط
اَچھن گُن تَس وُچھُم کیٛاہتام سَپدُم
وُپھری زَن وُڑر پٹھ شام سَپدُم
تَسنٛز تمہٕ چشمہٕ پھۄلیٛمتی ہی وٕتھر زَن
یمبرزَلہٕ بۄمبرٕ رۄس بے گاش جوراہ
دِوان سۄدرَس چھِ وُنی آکاش جوراہ
دوٚدَے پیالَن اَپز کھۄرٕمژ چھےٚ تھُر زَن
چھُنِتَس پمپوشہِ ہیٚہِ زامُت گۄبُر زَن
پژگاشَس زَن کھۄٹمتی کاشہِ جوراہ
سنٛگرمالَن ہنٛزٕ ے گِنٛدٕباشہِ جوراہ
کوہَس پٹھ ناگہٕ پوکھربن منٛز اوٚبُر زَن
مُدَے گنٛڈِتھ چھِ پژاران زَن پژگاشَس
ژھنڈان موںہِ پھۄلی چھِ پوٚنَس شبنمَس منٛز
وُچھان زَن تِم چھِ لوٚ ہُتی عالمس منٛز
زٕژَن ہنٛدی پاٚٹھی دوران زَن چھِ راتس
مےٚ دۄپمَس کاکدس پٹھ کَر ژٕ دَسخط

وُٹھن پیٹھ وِسنہٕ لۆگ موصُم اَسُن تَس
ہیوٚتُن ٹاربن اَنٛدر زَن یُپ کھَسُن تَس
قلَم ساران واراہ اوٚش روٚٹُن پَتھ
مگر بُتھی پھِری زٕ پھبری ٹاربن کھَسنہٕ لگی
موٕللی ڈُردلنہٕ زَن ڈُکہٕ ویرِ زاءمتی
چھِہ نوٚرَس وُچھنہٕ باغَس ٹوٚری دزاءمتی
گگس ترٛووُکھ اُچھر والَن اَسنہٕ لگی
موچھے مَنٛز اَتھٕ رُٹِتھ ووٚتَم یہِ لوٚت لوٚت
سَداہ وٕری شے اُچھن ہُنٛد گاش رووُم
وَچھے تلہٕ گُے مےٚ جِگرُک کاش رووُم
بموَ گگولَو مےٚ کوٚرہَم یاوٚنَس سوٚت
وَدُن سُری پیٹھی مےٚ گَو ووٚنی وَدنہٕ ہَرگِز
اُچھر والو دِنَن دِژ اُش پھیرٚبن دون
پَتھر پیٚیہٕ کاکدس پیٹھ موکھتہٕ لَرزَن
ہوٚکھِتھ گَے روپہٕ پُٹُس پیٹھ سونہٕ اَچھر زَن
چھِہ اَمنَس رأچھ وُنہِ تَم شولہٕ ماران

(۱۹۵۴ء)



# گُلالہٕ تہٕ شأعِر

گُلالاہ چھُکھ تہٕ رُت چھُے ناو چوٗنُے
کھاہَن بیرن بُٹھٕن چِکہٕ چاو چوٗنُے
موٗلُل سوٗنٛتس چھُ سوٗنہٕ کھوتہٕ بھاو چوٗنُے
خیالن میانہٕ نٕے پیراو چوٗنُے
خبر ما چھُے مےٚ کتِھ گٔنٛز لالہٕ اونمکھ
بھران یِم زِنٛدٕگی ہنٛدی پیٛالہٕ اونمکھ
تہٕ دُورِ موتہٕ سٕے دِتھ ڈالہٕ اونمکھ
مےٚ پَنٛنٕن شارٕنٕے مَنٛز سالہٕ اونمکھ
بتِھس ووشلُن کھوٚتُم بوچھِ ستی گوٚبرس
مےٚ تمہٕ ستی وارٕ روٗنگ ووزٕجار چوٗنُے
سُہ اوٚش یُس ژٕ وِرٕ ٹاریو روٗچھ لولے مَنٛز
بنوٗوُم شبنمُک تُٹھی ہار چوٗنُے
اَمارن میانہٕ نٕے یِم داغ تھَنہٕ پیٚے
تِمن داغن مےٚ تھوٚو انہار چوٗنُے
کُرِیم رتہٕ ژٲنٛگی ہشہٕ اَچھِ، گاش زوٗرُم
چھپووُم راتھ کیُتھ اخبار چوٗنُے

دِلُک دُب دُب تہٕ جِگرُک خوٗن مِلہِ وِتھ
شہیدن ستی تھوٗم مِلہِ ژار چھونے
تہِتھے ارمان گے رتہٕ داٗوی میاٗنی
تہِتھے یاوٗن سپُد رنگدار چھونے
وِچھس منٛز یُس تہٕ شہلیٛو زانٛہہ میٛہ سوٗنٛتس
کچھس منٛز شولہٕ وُن سُے نار چھونے
وَتھر چاٗنۍ زاٗوی جارَس ژھوہ بھرن نا؟
میٛہ اُویُل سپنہٕ تھوٚو تَن دار چھونے
کَدٕی وَتھ میانہِ قلمن زنٛدٕ گی گن
توٗے لوٚب وُزمَلو رفتار چھونے
ژٕ بوٗزتھ وُن میٛہ رَتھٕ گُنٛز لالہِ اونمکھ
بھران نو زِندگی ہٕندی پیالہِ اونمکھ
تہٕ دُوری موتہٕ ہیٚے دِتھ ڈالہِ اونمکھ
میٛہ پَنٛنن شارنے منٛز سالہِ اونمکھ
نَتے اوسکھ گُلالاہ رنگہٕ واہ واہ
موٚیاہ پیٛوٚشتاہ زِتنٛیاہ ہوا واہ
ژٕ ژٕنتھ کانٛہہ یاوِ تھوِ ہی کوٚتھ کاجس
نَتے لُتھرِس گُنٛے لگہِ بکھ خرابَس

(۱۹۵۵ء)



# کأشرِس شُرِ سُنٛد ترٛانہٕ

لوٗکُٹ چھُس بو کأشُر مےٚ ناوٕ نوٗ بہار
جوأنی مےٚ وبس یار چھُم لوکہٕ چار

مےٚ تارُک بُتھ چھُم نبس پیٹھ کھسُن
گُلاباہ بُتھ وارِ منٛز چھُم اسُن
مےٚ چھُم تا قیامت لسُن بسُن
أچھن منٛز مےٚ نأنیان حیاتُک خُمار
لوٗکُٹ چھُس بو کأشُر مےٚ ناو نوٗ بہار

مےٚ چھُم خوش یِوان زلزلن ستی گِنٛدُن
طُفانن اندر وُزملن ستی گِنٛدُن
بُتھ یُوپ نیرُن پلن ستی گِنٛدُن
مےٚ کُن وُچھِنہٕ کأنٛپان اجل خوٗن و خوار
لوٗکُٹ چھُس بو کأشُر مےٚ ناو نوٗ بہار

بنُن آشہِ رستن ہنٛزے چھُم مےٚ آش
اُنُن گٹہِ زلس منٛز مےٚ پرزُک چھُ گاش
مےٚ چھُم ہر وِزِین زِندگی ہُنٛد تلاش

بٕنتھ لۄز کرِ ظُلمتس لارِ لار
لوٚگُٹ چھُس بوٚ کأشُر میٚہ ناو نوٚ بہار

خیالَن نوین چھُم کرُن رہبری
مثاوِن میٚہ چھُم زرگری نے زری
میٚہ ژھارِین چھِ مزدوٗرِ ہشِر بہتری
کریم کیٚاہ میٚہ بدکار سرمایہِ دار
لوٚگُٹ چھُس بوٚ کأشُر میٚہ ناو نوٚ بہار

نہٕ لاچار تھاوَن نہٕ نادار کانہہ
نہٕ بوچھِ ہوٚت نہٕ بیکس نہٕ بیکار کانہہ
نہٕ باقی تھَون مسلہِ دُشوار کانہہ
کرُن چھُم نوٚے اَکھ جہاناہ تیار
لوٚگُٹ چھُس بوٚ کأشُر میٚہ ناو نوٚ بہار

بوٚ کُس چھُس؟ بوٚ کیٚاہ چھُس؟ ژٕے بھاوے یہ سِر
عوامُک بوٚ دِل چھُس، جمہوٗرُک ضمیر
میٚہ کشیٖر بَب، مأج چھُم نوٚو کشیٖر
گریکَن چھُم رگَن منٛز میٚہ رَتھ جوشدار
لوٚگُٹ چھُس بوٚ کأشُر میٚہ ناو نوٚ بہار

(۱۹۵۷ء)

☆

## زِتنہٕ

### نظر

تھوٚ دۄژھ، أچھ ٹاربو کھٔرِ، اَژھٕ رٔژ ہش
دژایہِ نبرَ
ژون طٔر فاتَن، ژھٔنڈ آیہِ کڈِتھ بیٚیہِ ژایہِ اَنْد ر
موٚنہِ پھٔلی وۄنُس کیٚاہ تام گٔژ تگو
اَسہِ ماپھےٚ خبر؟
اَسہِ وُچھ أچھ ٹیٹھاہ
پَتہٕ أشی دَدرایاہ



### وٕرٕج

اَتھ دارِ چھُ پیٚومُت پژاگر زَن
مُژراوُن دِیہِ چِھ
وُنی تُلہِ عالَم
وٕرٕج زَن زام چھَ نوشہِ پیٚمژ
گاہ مُژرُن وَرگاہے دِیہِ وَر
پژتھ گتھِ پٔٹھ ژالنیٚ پام دوہے



(۱۹۵۷ء)

# کاٗٹھی دَرواز پٮ۪ٹھ گرِ تام

کھرو کہٕ وٕنی پھٕلیا
لٕکہٕ ارساتھا
تارَن پٮ۪ٹھ پٮ۪ٹھ
گٲژ جہِ جَما تھاہ
زَنگہٕ تژیہِ ہٕنز گرٛکھ
تاپھاپھولہٕ وٕن
گرِ مُٹھی ہلماہ
زَلہٕ وٕن زَلہٕ وٕن
ٹِکہٕ داوجہٕ گُل
رَنگ وولہٕ سیمٹی
موصُم ہاوَس
پوٗرِ چھوٚپٲمتی
"توٚت کیاہ باچھکھ"
پوٗنَس پی پَن
دُف دِتھ گیہٕ کوٚت
ﮮ تہٕ گوٚڈِ پی پن

''توٗت کیٛاہ باچھکھ''
ترٛیشاہ چھمہٕ ہا
گتر بو گُر پھٹ
نوٗو گُر ہیمہٕ ہا
''وہ شلُن زَن چھے''
بُتھ وہ پھریٛوٗمُت
تھوٗ کمُت تھوٗ کمُت
شاہ تیزیٛوٗمُت
''پتھ کیٛاہ باچھے''
وونی دِمہٕ ہاتھکھ
کھوورِ بَبہٕ تل
دھک دھک دھک دھک
ئوجغرأفی
عملی ہِند ساہ
نِو کأپی کیٛت
کا کد دَستا
''توٗت کیٛاہ باچھکھ''
ہیٛکہِ نَے پکِٕ تھے

وأتے گَرٕ ووٕز

میےٚ چھَنٕہ ہٮکٕہ تھےٚ

ژوکہٕ ژٕزٕ ہٮکھٕ بی

یہٕ چھےٚ ٲزلاوَر

أچھِ نٕے بوچھِ چھَس

اَتھ چھُنٕہ باوَر

ہوِش ہا گوٚبرا

نَچ بی موجی

لُج سَیہِ پیٹھ گُن

وولہٕ کھونہِ لَلہٕ وَتھ

اَجہِ أچھ گاشا

چھَم چاأنی سَتھ

وَلہٕ ساأ مالِیا

گوٚبرا ٹاٹھِیا

ڈٕبلَس پوٚنسَس

سوٗرٕ ے دُزٕ یا

"توٚ ت کیٚاہ با چھُکھ"

بہٕ تہِ وُچھِ لیلا

اُکی ہے پوٚنسس
دِلہٕ ہُنٛد ساٚلا
ناٚوِد کٲدلَس
نَکھہٕ گوتھکھ یٚن
آنٛس بُلبُل
میٚنہٕ گوٚ ژھ اَکھ دیٚن
ہکھہٕ بی کانٛل
اَتھ چھامولہٕ وُن
یہٕ چھُ پوٚ ژھ سوٚنٛتھ
ژلہٕ وُن ژلہٕ وُن
ہوش ہا گوٚ براہ
نَچ بی موجی
اُڈی ہے پوٚنسس
پاواہ لٲجی
"چھ کیاہ دِدی چھُس"
"اُچھ پوٚ رتھوی نے
بیٚہہٕ میانٛن سان
پھوٚلی نے، ژوی نے"

یِنُہ زَلہِ گوٚنٛد
نَژِوِنٛ تارَکھ
زُنہِ ماجہِ أنٛدی أنٛدی
بادآمَن گربکھ
دوران تہِ گوران
کینٛہہ چھُنہِ پرَوا
وَنٛد تہِ چھُ بڑبکہِ وان
سُے تھاوبس شَہہ
اوٚنگوٗری آسمان
کاژِر پھُلیاہ
نُو جغرافی
عملی ہُنٛد ساہ
گنہِ تلہِ کےٚ چھُم
رأچھی چھےٚ مہَس
کوٚٹ چھُم کأہل
دَے میٛون رٕچھنَس
کُہو چہِ تلہِ چھوٚت
وَن بالوِ کیٛاہ؟

أڈنیگ سون چھُس

لوِ دَہہ یاباہ
شأمس ءستی گو
میُل سونہأرِس
نیٚلس زَن کھوٚت

چھوٚت اَٹہٕ بأرِس
لُجی سَیہِ پیٚٹھی کَنی
مےٚ چھےٚ چأنی سَتھ
اَجہِ اُچھ گاشو

یہٕ ہا کھونہِ للوَتھ
وۄنڈِ مے زُوژےٚ
گُمہٕ چھِ آءمتی
مالہِ چھِ پھٔلی زَن
شُرٕ کنٮ۪ن ژاءمتی

(۱۹۵۸ء)



# ژھٹھ

ٹُکھ رٕتھ آمژ اَز بال ژُٹتھ

پرٕتھ کأنٛسہِ سَنان

پرٕتھ کأنٛسہِ وَنان

بۄزِو اَسہِ پیوشِن

مُبارک توہہِ لۄگن

گَلہٕ نَلہٕ وٕج ژادَر لۄگو

پانَس ژایہِ اَنٛدر

ژھَٹہِ گوٚیہِ ہَتَگ

تمُی اوٗن ہلَمَس کیتھ شیٖنہٕ ہلَم

(۱۹۵۸ء)



# باپوٗ

یٚمی شوقَن وَنہِ کوٚڈ گٹہِ مَنٛزٕ گاہ
یٚمی شوقَن وُزٕنوو سوٗنٛتہٕ ہَوا
وُپھ ہیچھنوو یٚمی پٕتٕر گوٗمُت شاہ
تٔسی شوقَس ناو کوٚرُکھ گاندھی
تٔسی ٹوٚٹھ لقَب دیُت اَسہِ باپوٗ

یٚمی سازَن شوٚزراو پَزٕرٕچ نَے
یٚمی سازَن اَسہِ تھاو صٕحیٖچ شَے
یٚمی اَسہِ دِژ وِزِ وِزِ پٔز آگَے
تٔسی سازَس ناو کوٚرُکھ گاندھی
تٔسی ٹوٚٹھ لقَب دیُت اَسہِ باپوٗ

تیٚمی جبرٕوتَن درٕسی ٹھاکھ پھُٹرٕری
ظُلمکی وَنٛد ہیبتٕ ناکھ پھُٹرٕری
لوکہٕ کہِ پھوکہٕ ستی تیٚمی شرٛاکھ پھُٹرٕر
تٔسی جَبرٕوتَس وۄن اَسہِ گاندھی
تٔسی ٹوٚٹھ لقَب دیُت اَسہِ باپوٚ

یُس تارِ صِدا گگراے بَنٛیوو
بالَن کھوٚت واوِچ گرٛاے بَنٛیوو
سۄدرَس آنٛچ ٹھتھراے بَنٛیوو
سُے تارِ صَدا تٔسی وۄن گاندھی
تٔسی ٹوٚٹھ لقَب دیُت اَسہِ باپوٚ

(۱۹۵۹ء)



# نابدتہٕ ٹٹھٕ وبنہٕ

بجلی بتہٕ أندی أندی مہٕ جو راہ
وزِکس پیٹھ مہرٛنی مہرازا
ہُتھ گلو شِہلِس تَل ٹیکہٕ ہٹِنی
وُنی دزاہرٕ ووٗبِہ رٔنی چوکہٕ لِوتھ
گستانی سائلی وُڈنہٕ أندری گُمہٕ ڈُلی
سوٗمبُل مُشکَن وٗری چَس دَکہٕ دیُت
مَنز گائمی چھُ پھوٗلُمت ژنڈُن گُل
نیلس پَردَس وٗژھ تھَتھرارے
کلپترا ما شرٛانَس دزاہرٕ
گُلدانَس مَنز دوٗن ٹورِبن پیٹھ
دوٗن سَرپن ہُنٛد آکارا ہیٛو
أندی پکھی سوٗدرا شیشے ناگَس
پمپوشس تھَنہٕ پیٛومُت بزٕہما

بُگر بن گو چھونے چھونے آنہٕ أنٛدری

مےٚ چھُ باسان رأژ ہٕژ باہ آسَن

ہُتھ پَردَس پٔتۍ کٔنۍ گَتھہٕ گَتھ ہٕش

دوشٕوے دارِو کٔنۍ أچھ جورا

کأژاہ بَچہٕ کأژاہ مایہٕ برٕتھ

مُدیا وُتھ گُمہٕ جارا گلنا

ریشم ریشَم نَرمی نَرمی

کھٕرٕ پَتچہٕ چھےٚ وٕژھٕ شِنہٕ مأنٛیا

بۆنٛیا بجرا بیٚیہٕ شیٚہجارا

سَروا سبزرا بیٚیہٕ وونٛژارا

سونہٕ پَچھرن وُپھ تُج عَرشَس کھۆت

دِوٕ مِنہٕ مَرِ ووٚتھ لأے پکہٕ نارَس

کٔلتی ما گرٕنٛز آلو دیُت

بِلکہٕ مَنٛز شاید شُر تھَنہٕ پیو

أچھ تووٕر لَبہٕ پٔتھ تَصویرَن

مۆزرێنہِ گٲر دَہہِ دۆہی رِٕنس گتھ

ژٕنڈرَم لۄسِتھ نێہہ گٹہِ اَنڈ ر

چھۆت رَخ لٲ گتھ مَریم لۆت لۆت

ہُمہِ کوہہٕ داۂنز گٲیہِ ژچھ دِتھ کۆت

سَحَرس بُتھی ہےٕ ووٕشلنز کھارا

گٮ۪نہٕ تێہجہِ چھےٚ ووزلیمٕژٕ اۆبَرس

چھَلہٕ چھانٛگر گٲیہِ داوَس زُلفن

گَچھ سوُرے گَو گُمہٕ ٲری باغَس

ہێرِ بونہٕ اُوِج زاُوِج ہی تھٲر

مَنٛز باگَن تھزرا ووٕگنٛیارا

نابد ٹٹھٕ وبن ٹٹھٕ وبنہٕ نابد

پٲچ شُکنتلا بێیہِ مالیٚن گُن

(۱۹۵۹ء)



# شبنم شبنم

شبنَم شبنَم شبنَم شبنَم سٕری سٕری کٔمی یوٚر پوٚشَن لول
ترٛاوِو اوٚبرُک گرِفَر ترَترَ وُچھیتوَ ننہِ اَسمانُک سرٛیہہ

اٲخِر کوچَو کوچَو پھیرِتھ، پانےٚ پانَس نِشہِ ووت پاز
اٲچھ ووزلٲوِتھ دَنٛد ٹکراوِتھ، اٲتھی چھہِ وَنان میخانُک سرٛیہہ

ہوچھِ مَرِ ہَرِ آے کاٲتیاہ بامَن، اٲڈی گٔیہِ برِ اٲڈی پامَن لگٔی
وُنہِ مالوٚژ لِتھ گٔیہِ ووشِہ داٲدِس، وُنہِ ما ہوٚکھ دامانُک سرٛیہہ

دُنٛیا پاٲوِتھ دُنٛیا داٲری، وٲراگس ہتی مولہِ وِنٛی کتھ
آرِبلَن ہنٛزِ گس مُٹھ مالےٚ، کٔمی روٗچھ پَزِ وٲرانُک سرٛیہہ

نادِم صاٲبو ماے تہِ موٚحبتھ، داے تہِ دوٗپ سمسارکی وِہ
ییمہِ تِمہِ رَنٛگہِ مُلہِ مایہِ گُرِتھ یوٗز مُلہِ تَلہِ پَنہِ نے پانُک سرٛیہہ

(۱۹۵۹)



# چاٲنِس پرِس نگھہٕ

بَب اوسُم ویوٗد، بُڈی بَب سُہ نہٕ کینٛہہ
بَڈٕ بُڈی بَب سُہ چھُ ناواہ گنہٕ نےٚ
تَمہِ پَت کُن گُس گُس بَب، بُڈی بَب
تہٕ چھُ ہِر پَتھ کالَس پگھہٕ نےٚ تَل
سَنگہِ پارَس اٲلِس مَنٛز رٲژھہٕ رِتھ
سونہٕ کاناہ گَتہِ تام چھٕمپی گاٲمٕژ
کینٛہہ رَژٕ رَژھہِ رَژھہِ سیکہِ زَن مِلہٕ وِتھ
آبَن انہِ مَژٕ للہٕ وِتھ سُلہٕ وِتھ
سوٚنٛبرِتھ ساٲوِتھ اَسہِ گوٚر وَس تتھ
دیٚدِ ہُنٛد ڈیٚجہِ ہوٚر ہیٚنہِ ہُنٛد ہَٹہِ پھوٚل
بَڈٕ بُڈی بَب اوس ناواہ سُہ تہِ موٚٹھ
تَمہِ بزٕوٕنہہ ہِکمَت اُدین ریٚچٕن
یا تاٲزی بَٹ نَتہٕ کانٛہہ کلہَن
یوٚت واٲتتھ پھِو یاد مےٚ سورُے

چاۓنس پیٚرس نگھہِ ییٚلہِ ووتُس
کیٛاہتام ووتلیٚوم أندری أندری
کمیٚ تام پڑانٮ۪ن داجہِ پیٚٹارَن
ٹھان تُلِتھ نیٚو، مُشکِنٕ اَدفر
میٛانٮ۪ن دِلہِ چٲن کھُٹربن گاہ پیو
خوٚنٔن زَن لٔب خوٚنٛچ خوشبوٗ
ماز نٔمن، نٔم مازَس ژھارَن
چاۓنس پیٚرس سٔمیٚن سوٗت سوٗت
اَتھہِ ڈاۓلِتھ رَنگ بُجرُک وٕشُمت
شاسترٕ اَچھرو، کاشرِ أہی
کمیٚ تام میٛنٛتھَرن جُرٕ جُرٕ تھوٚپرٕ
اَسہِ دوشوٕنٕ ہُند جَد یا اَمجد
کُنہِ محلَس ییٚتی آسہِ پرٛتھوُمت
لول، موٚحبتھ، میٛچھَر ٹاچھِر
ییٚتی کُنہِ رَنگہِ لَرِ منٛز آسہِ بوٚسُمت
حَسبَس نَسبَس میٛل اَسہِ دونٕہٕ وٕنٕ

بڑانٛدِ تہٕ بَر لَرِ سانے یکجا
تأزی بَٹ، شاہمیر تہٕ سوٚیا
یوٚت وأتِتھ پوٚ یاد مےٚ سوزُرے
ژیٚتہِ آسی گُنہِ کوچَس مَنٛز پیٚتہٕ
مےٚ ءستٲن لُٹھی رَنٛگ لوٚٹھ گینٛدمُت
ژیٚتہِ آسی زانٛہہ نَرکٲنٛز قلمَس
گتھا تراُوِتھ بِسمِ اللہ لیوٚکھمُت
ژیٚتہِ آسی مِنبرَس مَکتبہِ پتھ
بَبہٕ سِنٛز ژھیٚٹ میٚٹ بَتہٕ ہَن کھیمژ
عیدٕ تہٕ ہیرٕژ کیٚت ژیٚتہِ آسی
ہارَن گینٛدمُت یارَن ءستی
ژیٚتہِ آسی پَزٕ گتھِ نپٹھ زانٛہہ زانٛہہ
ہَر گرٕنَس ژوٕنَس مَتھ گومُت
ژیٚتہِ آسی وَژھِ وأنٛجہِ یوٚ ژھمُت
واے خودایا میانہِ کٲشرے

اقط

بوچھِ روٗس پٲزۍ کَنٛز سو چھ گوٚژھ آسُن
ژٕنیٚتہٕ آسی وُچھ ژَکھ کھٔژٕمٕژ
خَر سوتہٕ ساٲوۍ مُدَو لَلہٕ وان گُری
ژٕنیٚتہٕ آسی ژَکھ ژاپٕزۍ پیمٕژ
وولہٕ اَز بیٚیہٕ اکہٕ لَٹہٕ بُئے بارٕنۍ
اَکھ اٲکۍ ہٕندۍ دوکھ سوکھ کھوکھٕ لاوَو
بیٚیہٕ اَز پاوَو یاد تیٚمے دوہ
لَلہٕ ہٕندۍ واکھ تہٕ نُنٛدٕ ریشٕنۍ شرُکۍ
یُتھ اٲندۍ پُکھٕر بَسکِین ییٚمہٕ شہرٕکۍ
نٕندرِ وُزٕہَن اَسہِ گُن وُچھہَن
اَسہِ گُن وُچھ وُچھہَن پانَس
پانَس وُچھ سَنہٕ ہَن پانَس

(۱۹۵۹)



# وُنَل

نہ َ چھُ بُتھ تھَر اَتھ

نہ َ چھَ صوٗرتھ کانٛہہ

اَن زانٛی خیالاہ موٗٹھمُت

شاید ترٛشیومُت

کُمی تام پرٛژھُس ناواہ

دوٗ پٔنٛس ژٕ ےگٔیکھ وُنَل ؟

کولہِ بٔٹھی بٔٹھی پچ لوٚت لوٚت

کھٔرش کوچوٚ کنٛی

وَتہٕ مینان، رَ ژِ رَ ژِ بڑاوان

دوٗنوَ ے نَرِ گلہٕ ناوان

زَن غَم دُنیا!

پرٛ بتھ کانٛسہِ سَنان!

پرٛتھ کانٛسہِ یِیٚہ زَن وُنہٕ والان

ہَنگہٕ مَنگہٕ ژٕلہِ گُنہِ دَزِ گلہِ اٚءٕخر

اَکھاٚ کٕ سُنٛد بُتھ دیوٚ اٚسی تہٕ وُچھو

(۱۹۵۹ء)

# گاسہٕ تُل

یتھ گاسہٕ تُلِس گیہِ میٲنٛز وَنَن

سرٛیہہ اوٚسُس تیٚلہِ اوس پوٚٹ پشُل

واوَس تہٕ نَمَن تاوَس تہٕ نَمَن

وَنٛدِ راٲژن مَنٛز از رووُس سرٛیہہ

کرٛژچھر ہٮ۪تھ پزاٲوِن اَپزے تیٚہہ

وِز یتھ ڈٕج تتھ ڈٕج ذاتھ پَنٛنٕز

کھورِ تلہٕ دژایَس بُتراتھ پَنٛنٕز

پھوکہٕ ستیٚ پھٹہٕ، وَکہٕ ستیٚ چوٚرِ گژھبس

ریٚہہ ہاٲوٕنُس وُچھی تَو سوٚر گژھبس

(۱۹۵۹ء)



# ژٲر

مےٚ چھُ دژ امُت گُستام ژٲر کٔرِتھ
ناخچَے لار ریٚوس چھٹہِ پوشرٕ ژھارنہِ وار بن منٛز
اُچھ ناٹہٕ کٔرِتھ تتھِہ لووُس اَز تام رَنگہٕ ژھایَو
دوہ دبن گُزر ریٚوم زوٗنم مےٚ لوٚب
ییٚتہِ کنہٕ نیٚوٚ سورُے کٔمی تام گو مےٚ پھرِتھ
ٹیٚکو تا پکو سوٗتکو ہَرِ دِکو رَنگ
رہتہٕ کالہٕ چھِہ ژھانٹہٕ، تہٕ شیٚپنہٕ شَرِط
اَسہٕ وُن شوقاہ، وِسہٕ وِنی ماے
پژبتھ کُنہِ ڈُو دِتھ گو ژٲر
تہٕ ووٚنی کیٛاہ چھُم باقٕے!
اَکھ پھُٹمژ کانگر
تتھی منٛز شیٚپنہٕ ٹُجاہ۔

(۱۹۵۹)



# یہ چھُ میٚون وطن

یہ چھُ میٚون وطن یہ چھُ چون وطن!
یہ چھُ سون وَطن نُندٕ بون وطن!
اَتھ وَطنَس سأنِس تاپٕے پھٔتی
گُنہٕ رودٕ نہٕ شرٛانہٕ تہٕ گُل لَوٕ ہٕتی
گُنہٕ شِہٕنَن ہرٕی یہ چھُ دیٚتُھمت پٔتی
سونہٕ روپہٕ ہتی کیاہ مولہٕ وون وطن
یہ چھُ سون وَطن نُندٕ بون وطن!
بالَن سِہٕنَس وو کنیار بُلنٛد
قدِ رعنا تھٔدی دِوَدار بُلنٛد
ہیمالَس روپہٕ دَستار بُلنٛد
تھدِ پایہٕ دوہے اَسہٕ زون وَطن
یہ چھُ سون وَطن نُندٕ بون وطن!
جنگلَس منٛز ژَند نَک دار شِہُل
مَرگن پٮ۪ٹھ شوٚ دسبزار شِہُل
ویٚتھِ ہُند بوٚٹھ، گنگہٕ ہُند تار شِہُل
شہجارُک مالنٛز کرُون وَطن

یہِ چھُ سون وَطَن ‏ ‏ ‏ ‏ نُنِدٕ بون وطَن !

لَچھِ وۄبُر چھُ لَچھِ پھِرِ زامُت نۆو

پَتھ گومُت بیٚیہِ بۆ وۄنہہ آمُت نۆو

سون کھۆتمُت کَھوَچہِ دۆ امُت نۆو

نوِ آیہِ پکُن گۆ ژھ پۆ ون وَطَن

یہِ چھُ سون وَطَن ‏ ‏ ‏ ‏ نُنِدٕ بون وطَن !

کھاہٕ نٕے رویَس زَن گێنژ دۆ اہۆ

اَکھ گنٕز لَچھِ لِٹہِ زاہۆ پیاہۆ

زَن لکھمی باگہِ چھےٚ ییٚتۍ آہۆ

پَدِ پَدِ موکھتک ورشون وَطَن

یہِ چھُ سون وَطَن ‏ ‏ ‏ ‏ نُنِدٕ بون وطَن !

کھیتَن منٛز ہیۆل ہیۆل ووشلیومُت

کھَلہِ نٕے منٛز پھۆل پھۆل ووسہِ آمُت

ینٛدرازَس زَن ژٕندرمہٕ زامُت

امبَر امبَر ییٚتہِ سون ''وطَن''

یہِ چھُ میون وَطَن ‏ ‏ ‏ ‏ یہِ چھُ چون وَطَن

یہِ چھُ سون وَطَن ‏ ‏ ‏ ‏ نُنِدٕ بون وطَن !

اَسہِ پَزِ اَتھ وَطنَس لول بَرُن

رُمہٕ رُمہٕ گُمہٕ پَنہٕ نے موکھتہٕ جرُن
نوٚ آیہ نوٚوُ سے تقدیر گرُن
نَلہٕ نَکھہٕ گرٛزھہِ پوٗشُن سون وَطَن
یہ چھُ سون وَطَن ۔۔۔۔۔ نُنٛدٕ بون وطَن!
رَنٛگہٕ رَنٛگہٕ گرٛزھہِ سورگاپوٗ رِنٛبُن
اَنٛگہٕ اَنٛگہٕ ناژُن بیٚیہِ طوٗر رِنٛبُن
لَنٛجہِ لَنٛگہٕ پھولہٕ وُن بیٚیہِ نوٗر رِنٛبُن
یُتھ دور سے پرٛزٕ نادون وَطَن
یہ چھُ سون وَطَن ۔۔۔۔۔ نُنٛدٕ بون وطَن!
وُنہِ ذَکہٕ زَدسِتا اوٗش ہاران
وُنہِ دروپدی سأنۍ سترس پرٛاران
وُنہِ شاہ تھوٗ کُمت اَسہِ اَمارَن
وَلہٕ نوٚو لِکھو اَتھ لون "وَطَن"
یہ چھُ میون وَطَن ۔۔۔۔۔ یہ چھُ چون وَطَن
یہ چھُ سون وَطَن ۔۔۔۔۔ نُنٛدٕ بون وطَن!

(۱۹۵۹ء)



# کاُپھتہٕ زولہٕ

وُچھ وُچھ۔ ہاہا ہۆ ہۆ

ہۆ ہَم ہَم ہۆ

مۆ ہَم ہَم ہۆ

ٹاربن پِیٹھی پِیٹھی پوشہٕ گونڈرے

ہاے ہاے

نٟنڈرے نٟنڈرے

مایا مایا

ژٕلہٕ وٕنی ژھایا، ڈٕلہٕ وٕنی گرٕایا

زَلہٕ وٕنی ترٕایا

ہۆ ہۆ ہاہا

نیلہٕ ناگاہ، اُلہٕ پۆتراہ

رازاہ۔ رازاہ

سوتہٕ اللہ ازا

مۆ ٹھمُت بازاہ

ساسا ماگا۔ ماگارے سا

رَو کھَسہِ بالَس ۔ أچھَن لگَے ۔ پچھٕن تارے

سُے بو وَنِدے پأری یے

سو دِلہِ گتھا طوطَس وَنتےَ ہأری یے

گٕنڈی دامأنَس لأری یے

گُس تام، کیٚاہ تام

کوٚت تام وژ امُت

سأٔلَس مٕژی بازآری یے

ہاہا ہوٗ ہوٗ ہوٗ ہاہا

سوٗ ہَم، ہَم سوٗ، سوٗ سوٗ

سوٗ سوٗ

ہوٗ

سوٗ

(۱۹۵۹ء)



## نظم

تصویرس پیٹھ وَقتَن تھَکھ دیُت  
اَکھ اَکھ گُل کھۄت مُتۍ مُتۍ دڑاو  
کاکد وَرقَس جَنگل سائنٛیُن  
تیمی روٗٹ وَتہٕ پۄد سُے توٚت ژاو  
پَنہٕ نی شَہہٕ کھَسہٕ وَس کھٔژ وَرگَس  
نَتہٕ گَتہٕ جَنگُل، نَتہٕ گُس واو



## نظم

ہَنگہٕ مَنگہٕ ڈیٛوٹھُم، رَنگہٕ پرٛزِنووُم  
ہِکہٕ آم آلَو شاہ گوم بَنٛد  
ناو ہیٚرٛ وَمَس زیٛو گٔے نبٛگلِتھ  
وُٹھ سُوی نَم، بتھِ دِژنَم پیٛنٛد  
بَرمَنٛدنِن روٗٹ اوٗنٛد پۄکھ روٕتلی  
وُزملہِ زَن ہیٚتۍ ہاوِنی دَنٛد

(۱۹۶۰ء)

# آلَو

کوہہٕ پیٚٹھی کنٛز لاران وٕتھی

تھَدِ ہَٹہِ آلَو یَڈِ ہَٹہِ آلَو

گَنہِ کھشبر بوٗمٕژی، شِنہٕ سٕدرو پیٚٹھی

چھو کہٕ لَد پٕدی، سیٚنٛس شوخ نِشان

پھوٗلی پھَنٛبہِ توٗمبہِ نےٚ پیٚٹھ لأوی گولاب

کٔمی زیٛوٚن ثواب

یون وأتی آلَو چھلہٕ چھانگرِ گےٚ

چھو کہٕ لَد وَنہِ آے یکہٕ وَٹھٕ چکہٕ پٕچ ہش

کوہہٕ دأمنی ہونو یوٗز

تہٕ لأجِکھ وو پھرارے

میٛرِ ژٕٹکھ تہٕ تھوٚد اَسمان تُلگھ

شُری کھیٛنٛچ کھَنٛڈ آیہِ گرَوِنیرِ تھ

آلَو چھِ ژٕلان بڑ وٕنہہ بڑ وٕنہہ بڑ وٕنھ

تہٕ پَتہٕ پَتہٕ شُری لاران

کربکہٕ نادتُلان

چھے ٹاومتیوٕ چھے ٹاومتیوٕ

ووڈِ پیٹھ چھے زاگان کاومتیو

یہِ تہٕ بوزاَ کھڈانب

کٔری زیٚن ثواب

(۱۹۶۰ء)



# ژٕتٕس چھےٚ

## (۱)

ژٕتٕس چھےٚ کیٛنٛہہ وٕری بڑوٕنٛہہ تاپہٕ دوہَہ اَکھ
پٕتٕرمہٕ پہَرے وُشنہٕ أش وانہٕ ناأوِتھ
پٔنٛنٕز تمنا لولے مَنٛز ژٕوٕرِ ساأوِتھ
دِلٕچ وُبراے ہبتھ سوٕزٕے مےٚ أہی
مےٚ دوٕپےٚ لَس تہٕ اَس تھوٚد شانہٕ پڑأوِتھ
ژےٚ ییٚژھی نےٚ لولہٕ باغٕچ پادشاأہی
ژےٚ ترٛووٕتھ از سہٕ وُنٛیاہ نہَوٕناأوِتھ
مےٚ گٔیہٕ لاوبن اَمارَن رو سِیاأہی
وُچھان گرٛژھ میٛون وُنٛیاہ بڑوٕنٛہہ ہَنا پگھ

(۲)

مےٚ لُکٕہتۍ شاٹھِ کأتیاہ ٹأٹھۍ ارمان
گٔمتۍ میانٮ۪ن خیالن شاہ پریشان
ژٕنے ترٛوٚوتھ پوش پُژٕنتھ لول میٚونُے
مےٚ گٔیہِ گربکھ دِتھ پھُلےٚ منٛز سونٛتہٕ وآران
چھُ وٚزمَلہِ ٹارِ کھوٚتمُت اول میٚونُے
وُڈرِ پیٹھِ ہٕتۍ بوجاہ وُٹھ چھُ پھیٚشان
اَماراہ ترٛیشہِ ہوٚت ییٚژ کول میٚونُے
ژٕبَس پأوِے گتھاہ اَکھ کوٕ کھٕژٕے ژٕکھ؟

(۱۹۶۰ء)



# ڈل بٹھٕ بٹھٕ

ژٕنے تہٕ واتی گُنہٕ وِزِ وأرۍ — ژٕ پگھ ہلہٕ پأرۍ لگے
وٕتھی گرزِھ نے بَرٕنبن تأرۍ — ژٕ پگھ ہلہٕ پأرۍ لگے
وُچھ شولان ڈل چھُ ژوپأرۍ — ہَواشی شی چھُ گران
بِرۍ بزۍ بگہٕ رٕسۍ سونہأرۍ — مَلَر ژِھی ژھی چھِ گران
لوہ لنگرس یم تہٕ چھِ لأرۍ — ژٕ پگھ ہلہٕ پأرۍ لگے
ژٕنیتہٕ واتی گُنہٕ وِزِ وأرۍ — ژٕ پگھ ہلہٕ پأرۍ لگے
ژٕ یٕنبر زلہٕ ہٕنز ڈوٗلی — چھَ رَسہٕ رَسہٕ وِگنہٕ گیوان
بوٗنبرٕ پھیران ہیتھ جوٗلی — چھَ زن سٕنزِ یأسی دَوان
یہٕ چھُ پَردیسی بنجأرۍ — ژٕ پگھ ہلہٕ پأرۍ لگے
ژٕنیتہٕ واتی گُنہٕ وِزِ وأرۍ — ژٕ پگھ ہلہٕ پأرۍ لگے
ہُہ چھُ پیلس کھنہٕ چنہٕ وان — چھِ اَتہٕ ووٗنی زأرۍ بَسان
تیلہٕ اَسہٕ شوٗٹھن بھگوان — ہِری سرکأرۍ کھسان

گُم روخ بأدِ تیمی سمسأری ژِ پگھ ہلِہ پأری لگے
ژیٚتہِ واتی گُنہِ وِزِ وأری ژِ پگھ ہلِہ پأری لگے

وُچھ باغِ نِشاطچ شان خزانَن ٹھان تُلِتھ
کوٚر پرُی زبروَنہِ شرٛان نیٚنڈر ِ بھگوان تُلِتھ

رُدِ پھیٚری چھِ ژلان ننہِ وأری ژِ پگھ ہلِہ پأری لگے
ژیٚتہِ واتی گُنہِ وِزِ وأری ژِ پگھ ہلِہ پأری لگے

قد سَروَن کوٚڈمُت طے مگر موِ ما ڈیٛوٹھن
اسمانس دِنہِ کھوٚت سے مگر موِ ما ڈیٛوٹھن

یہِ چھُ ازلے شاید زأری ژِ پگھ ہلِہ پأری لگے
ژیٚتہِ واتی گُنہِ وِزِ وأری ژِ پگھ ہلِہ پأری لگے

پمپوشو کوٚڈ یینہِ وول وُچھان اَسی مزِ گری گری
گوڈ خاندر پتہِ دیوول نوان چھکھ رزِ گری گری

اَی اَپرن مأری ہچأری! ژِ پگھ ہلِہ پأری لگے
ژیٚتہِ واتی گُنہِ وِزِ وأری ژِ پگھ ہلِہ پأری لگے

یِم بٔنگلہٕ چھِ آسَن وآلی       یِہُنٛد دُنیا چھُ اَلگ
ہُمہٕ پہَرِ چھِ زَخمَن کرٛآلی       یِہُنٛد دُنیا چھُ اَلگ
أڈی عاأقل أڈی یێتہٕ چأری       ژٕ پگھ ہلہٕ پأری لگےٚ
ژێتہٕ واتی گُنہٕ وِزِ وأری       ژٕ پگھ ہلہٕ پأری لگےٚ

یِہٕ چھُ مَنٛدر اِشبر وأتی       یِہٕ گھنٹا أتی چھےٚ وزان
ہُمہٕ چھُ اَستان با بَرکأتی       چھُ گَمہِ خُبہٕ نعت گربزان
اَسہِ چھِنہٕ مَنٛزٕ دوسہٕ دیوأری       ژٕ پگھ ہلہٕ پأری لگےٚ
ژێتہٕ واتی گُنہٕ وِزِ وأری       ژٕ پگھ ہلہٕ پأری لگےٚ

ژَکھ کَتھ پٹھ زَن چھےٚ شاپھ       ٹُلان چھُکھ تَنٛبلہٕ تٔتی
سیٚوٚن کیٚوٚن کھبتھ ترٛاوَکھ ڈاپھ       گرٛھی زَن شہَہ ژٕنےٚ پٔتی
موٚت گُر چھُکھ بہٕ لگےٚ پأری       ژٕ لوٚت پگھ پأری لگےٚ
ژێتہٕ واتی گُنہٕ وِزِ وأری       ژٕ پگھ ہلہٕ پأری لگےٚ

(۱۹۶۱ء)



# نظم

اَز تہِ بۆ زُم مُشکِھ پوشَن پہوِ چھٔنِتھ

اَز تہِ بۆ زُم سوئزلہِ رَنگ نیٚوٚ زَن ژٕہتھ

اَز تہِ بۆ زُم شبنَمس شِہہ مار پہوِ

اَز تہِ ڈیٚوٚ نٚٹھُم شُری اَسُن رَتہٕ دأوِ گو

اَز تہِ بۆ زُم وَچھِ تَلُک سرٚ یہہ سوسہٕ نوِ

اَز تہِ ڈیٚوٚ نٚٹھُم مأے زِنٛدٕ وٚلِ گیہِ وَٕتسی

بُز دِلا ہو بے زَبانا بے قِلا

یۆت بۆ زِتھ چھُے نہٕ ژٕکھ ہیٚوٚ ژےٚ لگان

یۆت ڈٕیشتھ چھُکھ نہٕ وولسنہٕ زانہہ یِوان

گوس گُمہٕ سٔری گَتھ گلے یم کیٛاہ گرو

گُس سَنا ٹھُک گَران گُس چھُوِ ٹھُک ٹھُک

ٹھُک ٹھُک بَرَس

مےٚ گَیم ٕگٹھِ گوجہِ گرٕ کیٛاہ ٹھُک ٹھُک

واوِ صُبحُک آو شاید چأنۍ سَنہٕ

(۱۹۶۱ء)



# واو

وُنۍ اوس پیٚتی گو بالہٕ ترِتھ۔ واوُک ہوٗ ہوٗ

تھَپھ ترٛ اُوِتھ ژۄل

تَنٛہٕ لاُوِتھ ژۄل

مَنہٕ ناُوِتھ اُنۍ تون سال گرِتھ۔ واوُک ہوٗ ہوٗ

تھٲوی ٹیپاٹیپ مےٚ پیٛالہٕ برِتھ۔ یوٚت آونہٕ کاشہہ

دۄراے بُجم

وٕتھ ژۄ رِژٕ جم

گتہٕ آوسہ زاشہہ، برٛ ژاونہٕ کاشہہ،

پھُٹ موٗختہٕ سہ اوسم مالہٕ گرِتھ

وِرِ گرٛشہٕ ھنےٚ تھَرِ پیےٚ پوش ہرِتھ۔ ترٛنیو وگوٗ گوٗ

وَتہٕ پَدِ نےٚ تھَوِمَس چشمہٕ جرِتھ۔

مَنہٕ موٗختہٕ لَواہ

دوہ روٗشِتھ گو

وَتہٕ شامُر پیو

لوتہٕ لوتہٕ ژۄل اُندی کنۍ ماشہٕ مرِتھ، زَن سوٗنتہٕ ہَوا

گُس تام پوٚک کنۍ تل ناوپرِتھ، خوش بو خوش بو (۱۹۶۱ء)

# شہلہٕ کُل

شِہلہٕ کُلاہ عظیم زیٚٹھ تہٕ زیوٚٹھ زَن چھُ جَد پٔژٕن
وسیع تہٕ باگہٕ بوٚ رُت رأیلاہ بُلنٛد قَد پٔژٕن
وُہر تہٕ وأنٛس بےٚ حساب
تھزر بجر تہٕ لاجواب
زمین اَتھ چھُ گوڈ تہٕ آسمان اَتھ چھُ حَد پٔژٕن
شِہلہٕ کُلاہ چھُ جَد پٔژٕن

چھَ بۄرگ بۄرگ اَتہٕ رُژھی، لنٛگن لنٛجن شُمار کیاہ
وُتھر وُتھر چھُ تازٕ دَم، پٔتر سدا بہار کیاہ
سبز سبز چھُ نوٗر رٕہیوٚ
یہ سوٗنٛتہٕ کٕے سرٕ رٕہیوٚ
سکِتھ یہ سور گہٕ وولُمت چھُ دِوتھو چنار کیاہ
شِہلہٕ کُلیٚک بہار کیاہ

گہُل چھُ سوٗنٛتہٕ اوٗبرٕ کٕے یہ زُلفہٕ کٕے سمنٛدر راہ
شِہُل ژٔنڈُن لوتے چھُ شبنماہ ہَران خوش ہوا

ئرٕ ھێُل چھُ زٔنتہٕ لولہٕ ہۆت
مےٚ جِگرٕ ہُنٛد یہِ نالہٕ مۆت
زٕسێُل چھُ پوشہٕ نۆلہٕ سُنٛد یہِ نۆجہٕ آلواہ
شِہُل چھُ سونتہٕ خوش ہواہ

دَپان اَتھ گوڈس چھُ پڑا کھ زٔنمہٕ امر بتھاہ پیٚوُمُت
دَپان دَستہٕ پاک اَتھ دَیَن چھُ پانہٕ ڈولمُت
چھیٚیتوٚ نہٕ اَتھ یہِ رَنٛگ زانہہ
مُلیہہ تتیوٚس نہٕ ہنٛگ زانہہ
سگِتھ اَلال خان آسمانٕز گنٛگہٕ پولمُت!
دَیَن چھُ پانہٕ پولمُت

یہِ ژھورلولہٕ سان آسمانہٕ کیٚو جَناوَرو
یہِ کوٚنچھ مایہِ سان شَش جہاتہٕ کیٚو دِلاوَرو
دۆ پَکھ لَسو بَسو یێتی
گنٛدو، درو گو اَسو یێتی
زیٛود، زُوَو، پھولو، نوٚو ویٚیتی پَٔنُن سمت گرو
یہِ دۆپ حسیٖن جَناوَرو

چھہِ پڑٕنۍ تہٕ چھیٚتۍ تہٕ ہارٕ کیٚنٛہہ تہٕ کیٚنٛہہ چھہِ زَگ تہٕ شامہٕ رٕنٛگۍ
چھہِ کیٚنٛہہ ترٕکۍ تہٕ کیٚنٛہہ بُجۍ تہٕ کیٚنٛہہ ییٚتۍ تہٕ کیٚنٛہہ فرٕنٛگۍ
مگر یِمن چھہِ اٰلۍ ییٚتۍ
یِمَن چھہِ ماجہِ ماٰلۍ ییٚتۍ
یِمَن چھہٕ عید ییٚتۍ، ویٚشاٰکۍ ییٚتۍ تہٕ ہوٗلۍ رَنٛگ بِرٕنٛگۍ
کُنۍ چھہِ پڑٕنۍ تہٕ شامہٕ رٕنٛگۍ

چھہٕ بول بوشہِ واریاہ وَزان زَن چھےٚ بَنٛسری
سرٛود، طبلہٕ، نوٗٹ، سِتار، راگ سوے اسووری
ٹرِوٹرِو تہٕ گوٗپیو
چرِوچرِو پیوٗ پیوٗ
صدا چھُ بیوٗن، اَواز کُنۍ یِہاٰے چھہٕ ساٰنۍ بَرتری
وَزان زَن چھہٕ بَنٛسری

(۱۹۶۲ء)



# باراں کوٹ

گمرس منز ژاس

تہٕ باراں کوٹ کوٗ ڈُم نالہٕ

اَویزان ترٛ ووُم کوٹہٕ ٖکلس پیٹھ

ہنگہٕ منگہٕ پھیٖوٗرس پوٗت

تہٕ یڈ برٕتھ نظراہ گرمس

باسیوم زَن چھس بےٗ

اَتھ کوٹھہٕ ٖکلس پیٹھ اَویزان گومُت

پھیکی تہٕ تمےٗ، نرٕ زیچھہٕ تمےٗ، بنیہٕ شانہٕ تمےٗ،

سےٗ قامتھ زیٹھم زیوٗٹھ، تہٕ نالُک آرٕ تہٕ سےٗ

بٹنن ہیرٕ بونہٕ کاجہٕ کہٕ وژسہٕ ستی پٹی ہِوی ڈٗلی ٖمتی

وُچھنا کوٗ رمس ہیرٕ بون پوٗختہٕ

تہٕ بَر مُژ رِتھ وژاس پانہٕ نبرَ

وژاس پانہٕ نبرَ اَمہٕ تھانہٕ نبرَ

ایوانہٕ نبرَ، دوٗکانہٕ نبرَ

گم تام زٲنۍ جوراہ آکھ

پرُ ژِ ھ ہکھ

ہےتَس جَنتھ گارُن

توہہِ مایئتہِ کانٛہہ باقۍ پَتھ کُن نیب نِشانا؟

زٕٹ پٕٹ کانٛژھا یاکل پوشا

کاکدوُ رقا تازٕ کلاما؟

یوٗت گرِتَس اوس لاٚرِتھ آسان باراں کوٹاہ

''اَہَن خَض اوسُس کوٹ سُہ اوس ہیٚرِ ولنٛجہِ اَویزان

گوڈٕ ماووتھٕ آوتَتھ کُن وُچھنَس

پَتہٕ لوگ اکہِ دوہہٕ پانَس پانَس

یوٗت تام آومُو اُفق لوگ تہٕ پَتہٕ تژ وواَنٛد کُن

کیٛنٛہہ دوہہ گیہِ آوجَنٛدٕ گوٚرا اَکھ تٔسی کُن اٲخر

''توہہِ گتھ لگہ، ہے؟

اَسہِ خَض اوس بکارٕ ے اَدبی میوٗزیم باپَتھ

توٚہۍ وٲنۍ تَو کانٛہہ نیب تمنٛگ

بێیہِ گَس توہہِ گُنہٕ وَن؟

دۄہ وُنہِ یییہِ أتھی ؟

کتھ سأ وَنہِ یییہِ گتھ یییہِ اَتھِ اَز؟

جَنٛدٕ گٲری وانٛس جَنٛدٕ اَنٛبارا

گتہِ ژھأرِ وتوٚہی

ووٚزٕ گو البتہٕ نیب سُہ یُہٕ زِو

ٹیب کٔڈِتھ اَسترس پٔٹھ أ ءِسس

ہرِٕ ہرِٕ لیبل

''شیخ اِلٰہی ٹیلر ماسٹر''

(۱۹۶۲ء)



# زِنٛدٕ گی

زِنٛدٕ گی چھَنہٕ کھَسہٕ وَس وُ ہہ ناٲجن

زِنٛدٕ گی چھَنہٕ پھرٛ بکہٕ وِفی واٲرٕنج بَس

اَتھ زِنٛدٕ گی اَکھ اَکھ پَن چھُ اوٗ دُر

یوٚ تام سرٛ یٚہہ چھُس توٚ تام ہاوَس

پگہ پگہ پھِر ناوُن حسرت کانٛہہ

کوٚ تامَتھ تھٲوی زبس نالَس تھَپھ

تھَپھ ترٛاُ وِتھ

زاٲنی زِبتھی پھِرِ زِنٛد گی ژٕنڈ لاٲیی

پرٛژِ لوٚنٹھ پٔنٕنی نو ہاوی زانٛہہ

(۱۹۶۲ء)

☆

# ٹاواہ......ٹاواہ

ہَچہٕ ترِٛش اَکھ تُٕج پھراءِٹکۍ کاون
وُپھ تتھ گُلۍ تیہرِس پیٚٹھ کھارن
لَنٛجہِ پیٚنٹھ تھأوِن چکہٕ ملہٕ ڈٕکھرِتھ
واوِ رِنٛگا اَکھ آیہِ تہٕ ترٛ اَوِن یون گُن
ٹُلہٕ گُلۍ کاوَن وَنہِ کٔڈ جَل جَل
اَنہِ گٔٹہِ تھأوِن ہیٚوٗر گُن کھأرِتھ
زاگا ہیتھ اوس ٹُلہٕ گُلۍ کاواہ
تٔمۍ نِی جَل جَل ہیٚوٗر گُن کھألِتھ
کھوکھرِس مَنٛز تھأوِن ڈٕکھرِتھ
روٗدِ چھوٚلاہ پیٚوٗ وترٛشی پیٚیہِ یون گُن
بونہِ پیٚپھکۍ کاوَن لٔب وَتہِ پیٚٹھ
ژھوپہٕ دوپہٕ تھأوِن وٕتھَرن پٕشرِتھ
بوزَو کوٚت تام واو تھوبس سیٚوٗد
نَہ چھےٚ ترِٛشی ٹھٔہران نَہ چھُ گُنہِ اولا
اَسہِ ووت صُبہٕ پیٚٹھ بوزان خأرلص

ٹاواہ ٹاواہ ٹاواہ ٹاواہ

(۱۹۶۲ء)

# پاںژادَر

گر گر گرار گر گررر گررر
گر گر گرار گرر گررر گررر
مَکَر آبہٕ وِنٕ وَسہٕ دِتھ دژسہٕ
گر گر، گررر گر گرر گررر

•

جَر جَر جرَرَر جرَرَر جَرَرَر
جَر جَر جرار جرر جرار
شَر شَر شرار، شرر شررر
شر شر شرار شرار شررر
رَسہٕ رَسہٕ چھُ گَران آرٕ مَشَر
شَر شَر شرار شَر شرر شررر

تَرٕ تَرٕ ترار تَرٕ ترار تَرٕرر

تَرٕ تَرٕ ترار تَرٕ ترار تَرٕرر

کولہِ مَنٛز ووتلے یہِ روٗدِ یُرَ

تَرٕ تَرٕ ترار تَرٕ ترار، تَرارَر

سَر سَر سَرزَر سَر سَرار سَرارَر

سَر سَر سَرار سَر سررر سرارَر

ووپھِ ڈَنٛجہِ میٚژِ شۆرپ پاں ژاوَر

(۱۹۶۲ء)



# موت

تَرِتک تابُک تَرِ۔ تم۔ تَرِ تَرِ
وُنہِ چھم وائلنجہِ تھَرِ۔ چھَم۔ تھَرِ تھَرِ
شَرِشک شاپُن شَرِ۔ شَم۔ شَرِ شَرِ
سَرگم پوش گیہِ بَرِ۔ گم۔ بَرِ بَرِ
دَردُک داسُن دَرِ۔ دَم۔ دَرِ دَرِ
پُرنَم اَچھ لَجہِ دَرِ۔ نَم۔ دَرِ دَرِ
زَرِزک زامُن زَرِ۔ زَم۔ زَرِ زَرِ
وَچھ دَم، ہَٹہِ اَرِ سَرِ۔ دَم۔ سَرِ سَرِ
پَرِپگ پالُن پَرِ۔ پَم۔ پَرِ پَرِ
تَچھِ نَم اَبہِ سَنہِ وَرِ۔ نَم۔ وَرِ وَرِ
لَتہِ کرٕم موٗٹھ میٚتہِ گَرِ۔ کرٕم۔ گَرِ گَرِ
ہَرمک ہامنی ہَرِ۔ اوم۔ ہَرِ ہَرِ
مُنٛز گوٚل اوٗش وۄتھ جَرِ۔ تَم۔ جَرِ جَرِ

(۱۹۶۳ء)

☆

# ہے ژۄ رو ہو

ہے ژۄ رو ہو

ہے بۆ ژۄ رو ہو

گُلۍ تہرِس پٔٹھ چھوٚونہٕ اَکھ ٹنگ

پینہٕ ترٛ اٚوینٛن وأليٛن گٔبل لٲ یتھ

رۄدٕ شینہٕ چھُ وزامُت تاوَن زد

ڈُھس دِتھ سینہٕ تہٕ ژھٔٹھ ژأليتھ

یہِ چھُ ہۄنٛ اٚڈِج

پَرٕ ماتھوٚنَس شیٖنَن رۄدَن

یہِ چھُ توتہِ تیٚتھُے!

ییٚلہِ دیۄس توٚہۍ لاژو تہٕ فِکرِ ترٛبس

وَنہِ کُہو پیٚوم گَرٕ

پلہِ نَے یۆ دلاژو، تیٚلہِ تھلۍ تون

سَرِ ژۆ یۆتھ گُل

پانَے وَسہِ یون گُن بتھۍ پھیٚر ٹنگ

پھُٹہِ اَخر شنکرَنۍ پژأنۍ مٔکھو

(۱۹۶۳ء)

# گرٕژہٕ پھیٚر

یَتھ سیٚکہِ لِس مَنٛز سٕنٛز اوٚرٕ ژ کھور
بوٚن بوٚن بوٚن تام
اَتھ چاٚنِس پٕدی آ کاٚرس پیٚیہِ بُکہِ آب بٕرِتھ
آبَس چھُ پیٚٹھ شیم تَہہ بےٚ خَرکَتھ
تَہہ مَنٛزی اَکھ تارَکھ زٕ ژ ژوٚک ژھارنہِ وٕ ژھ
ژٕ کہِ گنہِ پھَلہِ سٕتی کھیٚوٚن چوٹ
ہیٚوٚر کھٕنٛزٕ وٕ پھ لاٚ یِتھ
پیٚٹھ ژھوپہ دوپہ ژھوپہ دوپہ چاٚنِس وَچھِ ووگنیا رَس
ژرِ بچہِ زَن پھوٚر چھُس ووٹہِ لایان
پھرٕ بک پھرٕ بک، پھرِبک، پھرٕ بک
ژےٚ تہِ کَنَن کیٚس
مےٚ تہِ اَچھَن وُتل
اَکھ اَکِس چھِ اَسی اَز مُد یہِ وُ چھان
سمساَرس دِتھ ژُو دان
رٕ چھِتھ، پاٚلِتھ، پیٚترٕ تھ
پَتہِ نَیہِ ناوِتھ، پگہِ ناش کٔرِتھ
پٕدی آ کاٚرس، وَتہِ صاف کٔرِتھ

(۱۹۶۳ء)

# زِندہ بادشام جی

ژیٚنؠ گوٚے ناکَنن نوٚ وگوٚن باجہِ سانے۔ دٕہری باجہِ سانے

تھوٚ کُکھ کیا زِلر اَڈ وَتے کیا زِ تڑ اُ وتھ

چھَ وُنہِ کاُم باقی ننبدٕر کیا زِ پڑ اُ وِتھ

ویٚتُھ خون باغس پھُلے کونہِ چھاُ تھ

چھِ نو وِزیِوان! کونہِ ژٕنے تہِ آ ژھ ناُ وِتھ

گرُن یَس پَزیا تَس مَرُن باجہِ سانے۔ دٕ ہری باجہِ سانے

یہِ ونہٕ ہَم تہِ بوٚ زُم
کھٕنتھ چھا؟ خَبر چھَم

خَبر چھَم زِ وٮ۪تھ وارہ باپتھ ژلوٚ سکھ

خَبر چھَم میٚہ کونگ وارہ باپتھ ژلوٚ سکھ

دِیتُھ زُ وہیوٚ تُھ زانہہ تہِ ماپتھ ژلوٚ سکھ

اِرادن نوبن تھف کرِتھ گتھ ژلوٚ سکھ

تسلی میٚہ چھَم زِنٕدٕ چھُکھ باجہِ سانے۔ دٕ ہری باجہِ سانے

ژٕلۆسکھ تہٕ گوٚو کیاہ؟

شوٚنگتھ ناررو زِیا؟

ژٕلۆسکھ زِتنۍ چاٗنۍ مالوسہٕ ہرگز

زِتنۍ بنہٕ تمبر براوٕ مالوسہٕ ہرگز

تمبر بنہٕ تیٚوٚنگل براوٕ مالوسہٕ ہرگز

تیٚوٚنگل نار بنہٕ براوٕ مالوسہٕ ہرگز

توٚے نوٚو گوٚن چھس گوٚن باجہٕ سانے۔ ڈٕہرۍ باجہٕ سانے

(۱۹۶۳ء)

☆

# وطن

وطَن ، وطَن ، وطَن سانے حیاتک بہار
تھکِتھ لالہٕ زار پژ زلُون خُمار
وطَن سون سانٮ۪ن دِلَن ہُنٛد قرار
وطَن بالہٕ یار، وطَن ، بالہٕ یار

یہِ سون پوشہٕ مالٕنۍ یہِ اَسہِ شیرِ تاج
یہِ سون بأے راج یہِ سون مہرٕ داج
سبٹھاہ رُت تہٕ ہیٚوٚت توشہٕ وُن پوشہٕ زار
موٚلُل موکھتہٕ ہار
وطَن سون سانٮ۪ن دِلَن ہُنٛد قرار
وطَن بالہٕ یار، وطَن ، بالہٕ یار

سَگُو مُت چھُ أمۍ سانہٕ لولک گولاب

سبٕتھاہ بےٚ حِساب، حُسنِن لاجواب
چھہِ ایحسانءِکتیٚ بےٚ حد بے حِساب
نہٕ سُم چھکھ نہٕ تار
وطَن سون سانٮ۪ن دِلَن ہُنٛد قرار
وطَن بالہٕ یار، وطَن، بالہٕ یار

وُلو از یہِ شیرون تہٕ پأرون زَبَر
گٔنٛڈِتھ دوٗر گَمر، بٔنِتھ رأچھدَر
وَنٛد وس دِل جِگر، آلہ ووس لوکہٕ چار
کٔرِتھ سَر نِثار
وطَن سون سانٮ۪ن دِلَن ہُنٛد قرار
وطَن بالہٕ یار، وطَن، بالہٕ یار

(۱۹۶۴ء)

☆

# کاکدوأنی سِنز ہکھ

کأپی کاکذ اَخبار ءکٕنو

زٔٹ پٔٹ چھُو زَچہِ اَنبار ءکٕنو

پھۆل ہیۆل چھُو کھاأرِن کھار ءکٕنو

دَھن دیا رؤٹُو گرِ بار ءکٕنو

رٔدی کاغذ اخبار ءکٕنو

بۆزِتھ زۆ رڈٕہِشتھ اۆن لأ رِگو

کُمی کیاہ کۆرتوہہِ کیا ژٕۆن لأ رِگو

کھارا کھبتھ سَنہِ کھوتہٕ سۆن لأ رِگو

زبہِ رَہَن کرِو، گُفتار ءکٕنو

رٔدی کاغذ اَخبار ءکٕنو

ہُمی کتہِ اۆن اَتھ گتھِ سَنہِ بے ءقل

تیمی کُن چھۆن، یژھ گتھ وَنہِ بے ءقل

کھوتہٕ وَٹہِ کھۆڈ کیاہ کھنہِ کھنہِ بے ءقل

پرٛتھ کانٛہہ کتھ چھُو پھِرٕ پھیٚار ٕکنو

رٕ دی کاغذ اخبار ٕکنو

ہُمی گُن غاَرتھ، توٚہی مَتہٕ سٔنز تَو

تیٚمی کوٚڈ حاجتھ، توٚہی مَتہٕ سٔنز تَو

وۄب گُن پٔچ وَتھ توٚہی مَتہٕ سٔنز تَو

باقےٕ چھِو نا؟ اَمار ٕکنو

چھُوٕ نۓ تِتہِ رکردار ٕکنو

رٕ دی کاغذ اخبار ٕکنو

(۱۹۶۴ء)



# اَسہِ کوٚر فأصَل

اَسہِ کوٚر فأصَل سیٚزرَس پزرَس روزُن نألی نال
راتچ گٹہٕ کأستھ پزٕ صُبحٕ چھٕ پزٕ سون استقبال
اَسہِ دیُت بِکلہٕ کأپِناتَس اَمنُک دوٚپ سَمہٕ ژارُک داے
اَسہِ تھو پَنہٕ عمن قولن فیلن لَسِنچ بَسنچ ترٛاے
اَز تہٕ گواہ سانے دِل صأفی پزون ہمالُک بال
اَسہِ کوٚر فأصَل سیٚزرَس پزرَس روزُن نألی نال

اَزتام کأتیاہ اوبِرکی یوٚرِ اَسہِ ژھٔمن دِنہٕ یوٚت آے
اَسہِ زأنی سأری پَنہٕ نی بارِنی ، زَن اَسہِ وَچھ تلہٕ زاے
جاناوار چھہِ بیٚون بیٚون باغَس گن سورگُنی چھکھ تال
اَسہِ کوٚر فأصَل سیٚزرَس پزرَس روزُن نألی نال

عألمَس اَدبَس گُمہٕ ءتیٚ سگہٕ وِتھ سَمیَس بدلو تڑاے
اَمنَس تَن مَن آیُت تھأوِتھ أژرَو سأری نیاے
صُبحُک شبنَم لول تہٕ سَتھ ہتھ پڑاران بُرٕ بُرٕ تھال
اَسہِ کوٚر فأصَل سیٚزرَس پزرَس روزُن نألی نال

ڈِے مُشرِتھ أسی لِیہٕ وَڑھ تڑاوو، چشمن کاسَو ژھاے
شِشرَس وَنٛدٕ بَرس وَنٛد پھُٹرأوِتھ سوتَس شیرو جاے
وَطنُک اَکھ اَکھ دِل تھاوَو أسی شَیہٕ ءتیٚ مالامال
اَسہِ کوٚر فأصَل سیٚزرَس پزرَس روزُن نألی نال

اَسہِ گُر اَزتام پزرَس پوٚزا، اَپزِس ژھوٚٹ گُیہٕ جاے
لوٚلَن تھوٚو شہہ مِلہٕ ژارس، شوزرن دِلہٕ ہیے دُبراے
اَسہِ روزِ پڑزِوِنی لولہٕ مَشألیا ٹوٹھ جوأہِر لال
اَسہِ کوٚر فأصَل سیٚزرَس پزرَس روزُن نألی نال

(۱۹۶۴ء)

☆

# صُبح گاہی

سِیاہ مۆٹ ژادراہ زَن راتھ خاموش
حیاتَس موت پھیۆرمُت، آورِینہٕ بَل
یِکیاہ گۆو یک قلَم؟ کیاہ تازٕ ۄستھ پیو
دِنَن گیہ اَنہٕ گٹِس ووڈھ کَڈ خَبر کمۍ
ہَوا تژہریٚو گُلین أندی پکھی ہسَر لۍج
ہُپارۍ رَس کیٚسرہ گیہ اَکھ روت ژھایا
بےٚ شۆنکِس زال ژھیۆن زَلرِس پتھر پیو
تتھےٚ لۍج اَنہٕ گٹِس چھگ بونہٕ پتٕ رَنز
دَبادَب لۍج سَکھر زَن ڈیرٕ وَٹنِس
ۄتل ۄژھ راتہٕ کریلَن بے خبر پأٹھۍ

کمِس نیٚہہ آیہٕ گتہٕ کُس رۆد ژھیٚنھ دِتھ
ۄتَن دوران دَوال گو روت کالَس
گران لۆنگ لۆنگ ڈوچُر دِتھ شَب سِیأہی

کیأرٕ تانٕ گاشہِ لٕتھ اَکھ آیہِ نیرِتھ
موژُنوکھ کوٚنڈ گٲیہِ شرٕ پیٚتھ زَن روت موگَل
ہیوٚتُن بیٚیہِ موٕمتیٚن ٹوٗرٕ بن ووتھُن پھوٚر
پھِرِکٕن ہیوٚت واوِ پھٕنگرٕ بو آیہِ وولہِ سِتھ
اکی زٕژِ زَن سِیاہ وَرقُس یہِ گَت ژھُن
نَتہٕ گُل دَخ پٔرِی نٔر وأژ قافَس
گرٕ ھان دُب دُب وَچھَس تَل بَرِ کاٹھَس
سِیأہی گو وَچھَس زیُٔس نوٗر ووتلیٚو
گُنی شاہہِ کولٓہِ سر چیتھ نیٚو یہِ کٕمی تال
ہُیأرٕ کھوٚت کامہِ دیو وُلہِ مٔنی پہاڑَس
ووٚمیزن کاوِرٕمتی پھوٗرٕ بَنڈ بَنڈ
نیٚبر کَمہِ آشہِ بیٚیہِ کوٚڈ واش نَرِنے
گٔمژ ووسہِ راتھ یَس تھَرِ زاے تَس پوٚش
سنگرمالَن ٹیٚنڈٕ بن رَنگ دود بَن کھوٚت
دَرٕمَن کانٛجہِ شرٕ وکے مٔتی نأر مُشرِکھ
سِیاہ خانَن تہِ ٹٕنگہِ بَر آے نیرِتھ

سوتے ءِژ زتنہٕ کھٕرٕ وأنٛج ہَنا بۆٹھ

اَما زیوٚ پیٛشتہٕ نٕے زُو ژاو شاید

ٹرو ٹٕٹ ٹٕٹ، چرو چیٛں چیٛں، گگُو گو

یہٕ چچ چچ چچ، یہٕ پی پی پی پیٛو ہوٗ

ژٕتھرٕ ہیوٚت ماگ نٕیرتھ آشہٕ ژھاٚرن

ژٕ ستھ آے رَنگ لأرٕتھ روخ بہارِکی

سَبز لیٚدر ریٚو، لیٚدر وو شلیٚو تہٕ شولیٚو

عَبأسس شوخ تیٚہہ گیہٕ وارٕ تیزیٚو

گٕنڈ اَکھ ژیٚہہ کوٚڈن کرٕیہٕنس جَہانٕس

یوٚہے ژیٚہہ کش کڈِتھ گوٚڈے ہے دوہٕنس سُنٛب

یہٕ مَنگہٕ ہا بَس پہأے گوٚڈ وأنٛس آءٕنز

(سون ادب، ۶۵-۱۹۶۴ءِ)



# رنگ آمیز یاداوأری

اَز چھےٚ رَنگ آمیز آوأری یاہ خوش بوے واو
اَز چھُ بێیہِ مجنوٗن اێحساسُک جوٗنوٗنس سَگ دِوان
بێیہِ پھوان زَن یاد سُے یُس یێتہِ دوہَے اَسہِ یاد روٗد
اَکھ مُرشِدُل آلو، یُسُند بُتہِ رأژ ہُند موٗدریر سرٛێہہ
عاشقی ہُند سوٗن تَصور حُبِ وَطنُک لولہِ راز
کأشرِ بن آرَن کولَن ہِنز شوٗدرِ سازِ چ ءگنگراے؟
شینہٕ بالَن ہِندی دوٕزلی تیژتألی ہمرِش ہُند تھزر
آسمانُک حَد، خیالُک رَنَد تہِ ذہنچ زہٹھ وُپھ
خوٗنہٕ گنہِ رَگ رَگ فَقط سیماب بگہٕ ناوان ژوپأری
دُنیا ہَس مَنز یَتھ نہٕ دُنیا روٗد اێحساسُک وُڈو
کورِ ہُند مولا، زنانَن ہُند رفیقا، دَردِلا
ٹوٗٹھ بویا، اَکھ جگر وولا، مگر ژھوٗپ، زَل زلا
مأری موٗنُد اَکھ خاب آزأدی، عَلمِ ہِندوستان
ہِری یہِ کھَسہِ وُن، بال اَسہِ وِنیٚ، زِندگی ہُند خوش خرام
کأشرِ بن ہِنزِ شوٗژِ مێرِ ہِنز اُڈرَن، سَرکش مِزاج
عالمی اَمنُک یَژھَن وولا، بُلنُد اَکھ حوصلا

بیٚیہِ مےٚ پٔتو اَز یاد سُے، یُس ییٚتہِ دوہے اوس یاد مےٚ
تیٚمی وَطَن، ہُندستان آٔخر بَنووُن گُل جہاں
تیٚمی بَرابَر تارِ کانٛج واتہِ نٲون اَنٛد ژوٗپوٚر
تیٚمی دوہے یوٚژھ آدَمس گوٚژھ آدمہِ سُنٛد ناو پیوٚن
تیٚمی دوہے دوٗپ اَکھٲ کس نِشہِ گوٚژھ نہِ روزُن کانٛہہ تہِ بیوٚن
یَس اَکُے گُنزُرک تَصور زَن نِشاطُک سَروِ گُل
اَتہِ چھِ سأری دُنٛیہکی بیوٚن بیوٚن پَنٛنٕ اَسہِ پوشہِ زأژ
اَتہِ چھُ باسان ماجہِ سانے سارِوے زَن دود چوٚمُت
اَتھ مقامَس عشق سَپدان پوٚختہِ شوقُک تاو کھٔتھ
اَتھ مُقامَس پٔتھ چھُ مِصرُک یوٗسِف کنعان پُٔن
اَتہِ فلسطینی مُجاہِد میانہِ سَفرِ کی ہَم سَفر
آب گو آبِ حیات گنگایہِ پٔتھ تا وولگا
اَکھ تَصور اَکھ پَزر، اَکھ بُڈ حقیقتھ زِندِگی
گاہ چھےٚ زوتان زَنتہِ گانٛدھی، گاہ چھِ نہرو دَر دِلُک
ناو، یادا واریاہ، یاداش زَن اَرمان شِلُک
اَز وُڈو گَرَنس چھُ بیٚیہِ شاہ پٲز لولُک بےٚ قرار
اَز بُرَ خوٗنَس چھِ زَن تا شوقہِ سے پھوٚلی ہتی گولاب
اَز چھَ رَنٛگ آمیز یاد آوٲرِیاہ خوش بوے واو

(۱۹٦۵ء)

# سُہ تہٕ اوس دوہا

سُہ تہٕ اوس دوہا
ییٚلہِ اُکی شخصن اُکی زاجیٚو وژونگ
تہٕ لولُک سرٛ یٚہہ مِلہٕ وِتھ اَتھ ژاُنگِس
نارِچ رٚیہہ کھاُرِن ہیوٚ رہیوٚر
ییٚتہِ کانٛہہ زَچہٕ موٚت بے بَس اَتھٕ چھوٚن
اوس تہٕ تٕمی کٔڈ ووُتھ ہش ہَنگہٕ مَنگہٕ
ہے بُنگہٕ گُےٚ دردیوار
لوٚت لوٚت سوٚت سوٚت
ژھوپہٕ ژھوپہٕ مَژٕ پٔگی کاُتیا کاُتیا
اَڈ کھوٚبتھٕی، اَڈٕ مٔری ارمان، اَنٛہری ہاوس
یَتھ ژاُنگِس رٚیہہ اُس پرٛزلان
تَتھ لٔگی چھپہٕ گَتہِ کاُتیاہ دِل ہشیار
تھوٚ ووٚتھ رَسہٕ رَسہٕ بیٚیہٕ شٔہمار
شوٚنگمُت شٔہمار
تہٕ ژاُنگِج رٚیہہ گُیہِ بڑادان بڑادان
بڑادان زَن اُس کانٛہہ وُزمَل

پرٛتھ کانٛہہ دِل چھو کہٕ لد مَنقل

پرٛتھ کانٛہہ خاب بٔنیو واَکھ نرٛؤن شولہٕ دِوان

زَن نارِ مُہل

ہے بٔنگہٕ سہ دُنیا دارَنٕ ہُنٛد دُنیا

ویٚنسرِ تھ پیٚے راج محل

ژاَنٛگِس تیز یٚو وشہہ ووزلیٚو و

نارو نار سپد دُنیا

رَتہٕ ژاَنٛگی بنے یہٕ اُچھ

لَچھِ بٔدی ژاَنٛگی ہیٚتِن پرٛتھ جایہٕ دزٕنی

دُنی یاہ ترٛ ہریٚو و

سہ تہٕ اوس دوہا

ییٚلہِ اَسہِ وُچھ ییٚتہٕ اَمہِ گاشُک گاہ

اَکھ پیٚؤشا اَکھ ژاو آنٛگَن سون

اَکھ دؤرِ چ آوازاہ اَکھ

زَن میٚؤٹھ رسیٚل کانٛہہ آرِ صدا

وُچھ یانٛی تہٕ تانٛی اَسہِ دِل وُپھلیٚو و

اُسی ورٛا اے پٔنٛز ژھیٚنٛز ہتی شہہ ہتھ

پُھولوٗچِن کیتھ دؤپ

أسی سۆنبرٕ ونۆ وگاش

تہٕ پیٛبرٕ ہن زۆل گرٕو

زٕچہٕ شیرٕ وٕمِچہٕ ببٕلٕن منٛز

تۆ ملٕس لوزٕ گرٕو

اَسہٕ وُشنیوٕر تھ

اَسہٕ وُشہٕ نو وشاہ

اَسہٕ وُزنأو وتھ

اَسہٕ رٕژھرأ وستھ

پَتہٕ کیاہ گو رٕکتھٕ گٔژ گو سوٗرے

پَتہٕ انہٕ خودا سانو زٕچہٕ پٕلَو ومنٛزی

ژۆل نیرٕ تھ سوٗنتہٕ شٕہُل شبنَم

تہٕ تیمی لۆب تٔمی کۆر خَم اَتھ

کۆرنَس چھونیا ٹونیا

أسی رۆدی تتھی

تتھی زاتی أسی

(۱۹۶۶ء)

☆

# زِنٛدٕ باد

زِنٛدٕ باد، مےٚ کَھ بَس چوٗنے سرٛ یِہہ

زِنٛدٕ باد، یہِ نَخوٚ تھ اَپزٕ ے تیٚہہ

زِنٛدٕ باد، ژٕ پیٚو کھا اَدٕ کَھ پیٚے

زِنٛدٕ باد، خَبرٛ گَتہِ آیی نیٚہہ

زِنٛدٕ باد، ژٕ گُس کَھ؟ وَلہٕ کَھ بیٚہہ

زِنٛدٕ باد، مےٚ داماہ ژٕ تہٕ کینٛہہ چیٚے

زِنٛدٕ باد، اَلٕے دوٗ د، تھوٚ د چھَس ریٚہہ!

زِنٛدٕ باد، مےٚ اردھم اردھم ژٕیٚہہ

اَسہِ ووت وُچھان یِی حال لَگے

یہِ چھُ سوٗرٕ ے مایا زال لَگےٚ

مِلہٕ ژار کُرِتھ بَد نام سَپدی

گاہ پوٗختہٕ تہٕ گاہ اُسی خام سَپدی

زیوِٚ پیٹھ کھٔسی کھٔسی لیلام سَپدِٕ ی

سون أستھ زَن أسی ترٛ ام سَپدِٕ ی

کثیاہ تام أستھ کثیا ہتام سَپدی

اَسہِ گو اہل کے رَمبال لگَے

یہِ چھُ سوزُے مایا زال لگَے

(۱۹۶۶)



# ویت نام

اَز ڈ۪ٹھِم اَز اِنسان
چھِ کأتیا، کأتیا أسۍ
بیٚون بیٚون تہٕ نہٕ بیٚون باسان
یِمے لَنٛجہِ بامَن
اَنزأنۍ تہٕ زأنۍ زان
ہِشی زَن مَنہٕ کامَن
ہَتھ شَکلہٕ تہٕ گُن اَنمان
ڈَلس مَنٛز سوٚتہٕ ہَوا
موٚت شبنَم موٚختہٕ ہَران
نِشاطُک گُکلہِ صَدا
اَکھأکۍ ہِنٛدِ کھوتہٕ رِتۍ جان
کوہَس پیٹھ پٔرٕوِ شینَس
مَنہٕ شوٚدۍ یوٚدۍ میٹھ زَبان
ژَنٛدَن شیہلتھ سینَس
پرٛتھ ژَمہِ تَل رَتھ نایان
ووزُل زَن رَتھ چھُ وُشن

پرٛتھ ڈٔکہِ زَن نۆرِ رچ کان
سُہ چھوٚت زَگ یا چھُ گرٛہُن
اَسہِ وِنہِ ہوٚنجہِ دَسہِ وِنی چال
پَنٕنی ہِش ماے پَنٕنی
مَس کھاسی چھِ مالا مال
اَچھَن مُرٛ تراے پَنٕنی
ویت نام پَنُن ویت نام
یوہَے زَن سون وَطَن
مِصرُک پرٛزُک پأغام
یوہَے زَن سون وَطَن
اَفریقہ بَنہِ نہِ غولام
گلَن ہالو تہِ گلَن
دِیہِ گاہ سون اَنہِ گٹہِ دام
پھولَن گُل دارِ پھولَن
اَز ڈٲنٹھِم رِتی اِنسان
چھِ کأتیا کأتیا اَسی
مُلہِ تلہِ یہِ چھُ میۆنے پان
چھُ سوزَس ساز کرِتھ

(۱۹۶۶ء)

# زَلرِ زاٗج

اؤ ہ اؤ ہ اؤ ہ اؤ ہ

اؤ ہ اؤ ہ اؤ ہ اؤ ہ

اؤ ہ اؤ ہ سوُرٕ ے گردِ غُبارا

اَنٛدِ وَنٛدِ گردٕ ے گردِ غُبارا

لَرٕ ھِ ہنٛدی ڈیرِ تہٕ ہُرہ اَمبارا

اؤ ہ اؤ ہ اؤ ہ اؤ ہ گردِ غُبارا

قرَنَو پیٹھٕ سَمیَن وٕلی دِنٛی متٕو

وتتُک سوُرٕ ے ژھوٹھ سومبراٗ وِتھ

پۆ دتژ اٲوِنٛ رٕ ھ وَتھ چھنہٕ تھوُٕر

ہایہِ رَ زَوٕستی لِیہٕ تال ترٛ وپہٕ رتھ

لاوِ ہ چھُ سَتھ گرز ژ ہنٛن مونٛن

پدی چھِ گرٕ ھاں وٕسی وٕسی پاتالَس

میٛرِ مہنٛیوٕ ہیَرن پیٹھ پہرس

وش ترٛ اوُن گۆب، شہَہ ہیۆن مُشکِل

ووِبٕ لَلہٕ وان ہر ہانٛگُل کھونہِ مَنٛز

زُوچھُ کھسان ہیَرن، گِگہِ رارَے
اَنٛدِ وَنٛد سورُے گردِ غُبارا
اۆ ہ اۆ ہ اۆ ہ اۆ ہ گردِ غُبارا

بَرٹنگہِ دژاءمتۍ ، زِپہِ بنے ژاءمتۍ
بُڑ جوراپینشَن ہِنہِ آءمتۍ
تھکۍءمتۍ ، ژھینٛۍءمتۍ ، حبسہِ وبسرےءمتۍ
زِنٛدِ پانےَ یٚیمہِ دُنٛی یاہَہ گاءمتۍ
جورِ پٹَن پیٹھ نقشہِ نِگاری
کرتاچ موہِژ زرکاری
کٔمۍ تاں ووستَن کیٛاہ تاں سۆنٛچِتھ
گُمِ نام لااٰلہِ چھُ پیٚۄ راہ گۆر رمُت
تُتھۍ پیٹھ گردِ چھُ ڈافاہ دیتُمت
زَلرو تھۆو أتھۍ شافاہ ووٚنِتھ
اَنٛدِ وَنٛد سورُے گردِ غُبارا
اۆ ہ اۆ ہ اۆ ہ اۆ ہ گردِ غُبارا

کھوژان کیٛاہ چھِو؟ بَرمُژراٰ وِو
نظراہ ترٛأوِو دیواں خانَس

ہیرِ بون لَرِ ژھِ کیٔتھ گچھ چھُس کوٚ رمُت
وُڈِ چھُس تھوٚومُت لاوَن زاٰلِتھ
موٕتی ہاوس مُشکنۍ اَدفر
ہایہِ رَزَن ہٕندۍ وُپھ وِنۍ جالَر
زاٰج چھَ کھڑِ مَڑِ علمن علمن
تالو تڑ ؤپہِ رتھ زالوتھوٚومُت
إٓمتۍ کاٰتیاہ گإمتۍ کاٰتیاہ
پڑ ہتھ کانہہ دؤل دِنۍ دِنۍ یێتہِ دڑامُت
اَنٛدِ وَنٛد سورُے گردِ غُبار راہ
اؤہ اؤہ اؤہ اؤہ گردِ غُبارا

لَبہِ پێٹھ پوشہِ پھُلے گُل کاٰری
کلہِ نَلہِ وُرناہ ہێتھ زَن لاشاہ
پَتھ کاٰلکۍ کلۍ موٗنۍ ژِترِ کێنٛہہ
منگوٗلَس تئلۍ ہِل وُدۍ گاٰمژ
لَرِ ژھِ تئلۍ پکہِ وِنۍ، ٹِکہِ وِنۍ ژھایا
ووتھِ وُن یاوُن، کھَسہِ وِنۍ زوٗنا
رٔے گومُت لوکہِ چارُک وِسُناہ
میوٗنۍ دُنیاہ، پڑونۍ دُنیاہ

میٚونُے تاج تہٕ میٲنی اجنٚتا
یِم تصوٖیرٕ چھِہ پتہٕ زَن لاراں
یِم کیٛاہ ژھاراں؟ یِم کٔس گاراں؟
اَنٛدٕ وَنٛدٕ سورُے گردِ غُبارا
اوٗ ہ اوٗ ہ اوٗ ہ اوٗ ہ گردِ غُبارا

وُچھ کیٛاہ وۆل نگھ مایا زالَن
دوٗل دِن ژٕ تہٕ، پکھ نیرو پانٕس
کتہٕ چھےٚ گرٕ کوسہٕ چاٮ۪ن اجنٚتا؟
سہٕ چھُ سورُے اکھ گردِ غُبارا
ہُتھ ڈٕری چَس کُمۍ دٕس تُل؟ مُژرُن
یٚیمہٕ وۆبٕ کنِہٕ کرگاشٕس وَتھ ژٕج؟
دارِہ چھِہ چھٕنجٕرٕ دِتھ، دِتھ روٗ زِن
پٮ۪نہٕ مُژرَکھ، اَتھ پژا کرٕ پٮ۪وٗ مُت
ژھاے چھُ ژھایِ، ژھاین زوٗ چھا؟
مَس گاٲتی تصوٖیرٕ چھِہ کاٲتیٛاہ
پژاٲنٕ کتھا اکھ، عُشقاہ، مُشکاہ
بےحِسیا یانٛدرا، کاٗفاہ
اَنٛدٕ وَنٛدٕ سورُے گردِ غُبارا

اوٗ وٕ اوٗ وٕ اوٗ وٕ اوٗ وٕ گردِ غُبارا

ہے دَم گوٗ وٕ، وولہٕ دأ راہ مُژرَو
واوِ رِنٛگا دِہٕ ییہٕ کُنہٕ کانٛژھا
دہٕ یمہٕ زأ ج پٔتھر پٔبن بوٗن کُن
دِیوان خانَس دہٕ گرٕ ڈِشہَہ پھیُر
لاوِکر وار ووِتھَن تھوٗ دژ ہنٛن
موکھنہٕ دہٕ تصویرن میانٛن
دہٕ پٔبن لرٕ ڈِ ہنٛدی جأدی تہٕ وبگِتھ
ہاییہٕ رَزَن دہٕ لگہٕ ہانٛکلہٕ ژھبن
ووبہٕ پٔبٹھ دہٕ پیٚیہٕ ؤسی ہَر ہانٛگل
ژَلہٕ ڈٕری چَن پڑا کار گرٕ ڈھن ؤتھی
ٹنگ روزَن سیٚدی دہٕ دروازَن
لیہٕ دہٕ شیرَن وَتھ پڑا گاشس
تیٚلہٕ دہٕ نیرِ میٚہ قلمس بیٚیہٕ کش

(فروری ۱۹۶۷ء)

☆

# خدشہِ

(کانوسانیاکس نذر)

کُلِ عالمہٕ کٕمن شہیدن ہٕنٛدِ ناوٕ

ہے مے نہٕ سأ چھنہٕ پأنس تامتھ
وَنہٕ کٔیاہ کٔنٛز ما تُلہٕ کُنہٕ ساتَن
أنی مأنی پأٹھی ہے لأیم
پھُٹہِ تَن رَوقس شیٖشو وأراہ!
بجلی بَتہٕ ہَتہٕ گنٛڈ لِنہٕ لگٕ تَن!
ژھینٛزِ تَن غلطَن کُنہٕ جالارَس!
کٔن ألہِ تَن اوٚنٛگلَس پیٹھ بوٚنٛگلَس
پَشہِ ہَن وُڈٕ تَن دیوان خانَس
نَس کَن ٹلہِ تَن کُنہٕ دَرِ طوطس!
لگٕ تَن سینَس سیوٚد پھوکہٕ ڈوٚنس
ٹھُکھ لگٕ تَن کُنہٕ موکھتہٕ ہارَس
أژہِ تَن کھڑٕوٚپ کُنہٕ موٹرکارَس

تاٗجی پیٚے تَن کُنہٕ مُرتی ؤسی

چھوکہٕ لَد گُرٛشھٕتَن آنہٕ سِنگارُک

اَچھِ مینٛگہٕ قراقُلی کانٛہہ پیٚے تَن

چھِھ لگٕتَن کُنہٕ سوٗٹَس بوٗٹَس

گُرٛشھٕتَن پیٚٹھی کَنٛز کُنہٕ کَنہٕ پوٗتلِس

یکٕتَن بٕری پیٚٹھی کُنہٕ ڈالاٗنَس

گُرٛشھٕتَن برٛنٛگ اَستانُک زَخمی

عاٗباہ تہٕ مَنٛدٕچھا ساٗری سونٛچن

مُلہٕ تَلہٕ موٗت منصوٗر یہٕ پاگل

بُتھی پھیرٕ، فاٗتر، بیٖقل اٰخر

یہٕ تہٕ اوس سہلٕے توہہٕ شٹھٕ بٕلی دِل

وُچھ ساٗ ما چھس پانٛس تامَتھ

سوکھٕ موکھم ماٗیلَن اَز مَنٛدٕ چھاوِن

(۱۹۶۷ء)



# سمجھوتہٕ

یم گُلۍ کٔڑ

گاسہٕ، دژمُن، زٕنڈ گچھ

یمہٕ سیرِ تہٕ سۭمٔٹھ

دارِ تہٕ پَش

مێرِ مۆہنیو زَن پێرِ بَنہٕ زامُت

یہٕ چھے بۆنگلہٕ تَنڈل

ہُہ چھُ جَنگلہٕ گٔنڈِتھ

یہٕ چھُ سوٗرے وَلنہٕ یِوان مێے زَن

ہَنہٕ ہَنہٕ چھُم تیلان

گَنہِ گَنہِ وَسہِ تام سٔرِتھ گرٕ ھان

ژَکہٕ یہٕ تہٕ أندرٕ رکھو کھُر سوٗرے

گتر یۆ بُل بٔٹھ!

آرتلہٕ فونُوس تہٕ صابنہٕ پۆس

أتھی اَز تام اَکھ سَمسار وپیو

اَنہِ گوپھِ ہُنٛدٕ زیٚس

یتھ اَز تام لَچھِ ہُدۍ بتھۍ گیہِ رأسی

تیمی اَز تام ژٕلہٕ وُن کال ننٛگل

تَم گرٕ ژٕز رؤس ژٕہی

ہَتہٕ ہتہٕ ئدی وِہی

سوکھ دوکھ لوے خوے

دٕ ے مالے تہٕ رِشی

ٹاچھَر میچھَر لو چَر کرٕ تیٚچھر

پھولہٕ وُن آدَن مَدٕ مؤت یاوُن

'ووٕنی تٔوی توس سکھ'

زَن اوس نہٕ کہیں

زَن اوس نہٕ کانٛہہ

ترٕ اُووِ گتھ

کانٛہہ لٔہر اترٕ اُووِ

بَس تِی چھُ سبٛھاہ

(۱۹٦۷ء)



# راتکی ترٛیہ پہٕر

راتھ بیٚیہ وۄش

زۄن ہنٛدرِ رگ

ترٛ ہرٛشہِ پیۆت

ژھاے وۆنلی ویٚہہ

وأر نٔی ووڈ

ڈۄرِ پھٕہر ژٕم

باغ وٕنٛسی کھیۆل

زِٹھ دٕرِچ وَتھ

بۄنۍ گٕھِس کرٛنز

اول پَرِنۍ ژٕر

کاو کرٛہُن ٹیۆک

راتھ بُرژ شیٚچھ

زۄن شِنٛتھ رَتھ

ترٛ ترُن شہہ

آنٛپ شۆنٛگتھ دِہ

شوم پھیٚشل نَب

| | |
|---|---|
| بال | وۄگن سرٛ یہہ |
| کرٛ ۄٹھ | گُہُل شِنۍ |
| نیب | سدر سۄن |
| شوق | وُٹھتھ پرٛژھ |
| کرٛ بکھ | ہٕٹس تھچھ |
| کاف | سرِ پھیٖرٛ لۄپھ |

| | |
|---|---|
| راتھ | پٕرۍ کتھ |
| زۄن | مٕژھیٖل گہہ |
| ترِ | تمبرِ تٕتۄ |
| ژھاپنھ | کرٕلۍ اَچھ |
| وأنس | وۄزُم شہہ |
| کال | بہرِ وُپھ |
| اۄش | وُشنۍ ستھ |
| آش | دُوج دیتھ |
| سوٗنتھ | سۄ درِ شے |
| پوش | سٕتر لے |
| بانگ | صٕبحچ شیٚچھ |



(فروری ۱۹٦۷ءِ)

# مَچھِ

(۱)

یَتھ سَرٕ کہِ وُنیٛنٛدٕ راٗزلَس زَن
راٗتی راتس گَس ، موٗٹر دٕو دَو
بُتھی پشجہِ چھےٚ بیٛتہِ وہٕ ہار گَران
اَدٕ صُبحَن گرٕ ہِیٛس أچھ پیٹھ أچھ
أمی ترٕ کہِ پھُٹٕ ہوٗنی ٹوٗں ٹوٗں لوٗگس
پیٛوس نیٛنٛدٕ رِو و تھَن
أچھ موٗ راں موٗ راں کاڈ کوٚ ڈُن
واتُل موٗ کہِ لیٛوس وُنی بُتھ سُر وِتھ

(۲)

سکریٹکی دروزان کرزامن
زسمہٕ ڈٕجبس
وونی ہیکہٕ نہٕ یہٕ ظاہر اس وٕتھ
وُنی اَژِ مچھِ ساساہ اَتھ اَسس
شرٛ ییہٕ شکمس اَتھ
پوٚت شیہلبن زسمن ہوش ییس
مچھِ ساس وٕتھتھ واپس نیربس
گرٛ ڈِ سڑک رؤبۄ دتہٕ ییہٕ سکھرٛن
ییہٕ راتس پٹھ
مچھِ راتس پھیرن کارن پٹھ

(۱۹۶۹ء)



# اُنہٕ...... زِنٛدٕگی ہُنٛد

گوٚمُت چھُ گوٚٹ اُنہٕ زِنٛدٕگی ہُنٛد
چھُ لوٚت ہوٚان شہہ سُہ مَنٛز غُبارَس
نظر چھےٚ تَنٛ بَستہٕ زَن خیالَن
جِگر چھُ وُنہِ لوو نوٚبہارَس
پٕزَس تہٕ اَپزِس چھےٚ بأج وَٹھ ہِش
نہَ ہُتھ نَنان بُتھ نہَ یتھ نَنان تھَر
بوڈیٚو دامانہٕ سانہِ شوٗقُک!
چھِ دٔلی رٕٹتھ أسی چھٕنِس اَمارَس
مےٚ ڈیٚنجہِ کھُر اوٚن اَموب پانےٚ
پَنَس پَنَس دِژ اَلگ اَلگ تھَچھ
یَپأری ژٕج واوِ داو نیٚرِتھ!
ہُپأری وَر ژام گاٹہٕ جارَس
یہِ اوس تاشوق خام پَنہٕ نٔے

دَماہ دَماہ کوٚر اِشارٕنےٚ پَتھ
جوٚنوٚن گوٚژھ پوٚز جوٚنوٚن آسُن
چھوٚنےٚ ہَوَس گر کھٔرِوو دارَس
قدَم تُلُن اوس بجا سُہ تُل نا
قدَم کڈُن کیاژِ ووٚنۍ چھُ مُشکِل
تھَکان چھُ نا پوٚختہٕ شوق شاید
ہُران دُہر ییٚلہِ چھَ اِنتظارَس
یہِ أنہٕ پوٚٹ پَتہٕ زِندگی ہُنٛد
اگر ییٚتھے تھوٚو غِلاف گٔری گٔری
نہَ بُتھ ہسکھ زانٛہہ پَتُن ژٕ ڈیشتھ
نہَ نیرِ کانٛہہ تَر سےٚ زأوی جارَس

(۱۹٦۹ء)



# یِنہٕ والِبن گن

ٹھہٕرِ وٹھہٕرِ وتوٚ ہی
وُتاؤلی مہٕ کٔرِو......ٹھہٕرِ وٹھہٕرِ و
کُنہِ کُنہِ وُنہِ کالہٕ اوٗ بُر چھُ نَبس زَن نال وٕلتھ
نیٚہہ دژ اوچھُ وَتہِ وَتہِ ترٕ دٕنان
وَنہٕ واو چھُ ژھاین أنٛدی أنٛدی پھیرِتھ
پٔدی مینان
کھورموٗرِتھ شبنَم اَرٕ سَرٕ کٔری کٔری دَم ہاران
وُچھ کارِ پتمن وُنہِ بارٕ تتان
وُنہِ ژوے چھےٚ سیاسَتھ أنز راوان
وُنہِ پمپوش گیٛچہِ گٔنڈی گنڈی
أڈٕ أڈٕ چھِ کڈان
الہٕ تژ وجہِ گومُت
وُنہِ پوشن چھِ ژٔھر پٹھ نیرِتھ پھٹٕ پھٹٕ نیران
وُنہِ شوق چھُ راوان سیکہِ لبن منٛز
وُنہِ حُسنَس عشقَس قَد مینان۔ کَمہِ گزٕ مینان
وُنہِ ژٕکھ چھِ لگان کُنہِ گلزارن

وَلہِ
ڈھُیرِ وڈھُیرِ و
دَم دِتھ نیرِ و
دِپہٕ وِز ڈٕلہِ اَسمانَس ڈٕلہِ رَنگ
دِپہٕ
دِپہٕ
مَتہٕ گُری تَو پیٹھ اوٗتاوٕلی
توٚہۍ یُن چھُ پیو
یٮ۪لہِ تاپھاہ پیٚیہِ
یٮ۪لہِ سوٗشتاہ پیٚیہِ
یٮ۪لہِ صُبحا پھولہِ
یٮ۪لہِ......
بہٕ تہٕ آیُوس...... مے ستی کأتیاہ
لٔنڈ نٹک لاس چھُ اَسہِ لوٚبمت
یُس توٚہۍ تہٕ لٔبو

(۱۹۶۹ء)



# گتھ باتھ

نظر لُجِس شایَد أچِ لالَس !
گَس لُج
أمِسے سوتُس شِنگَس لَدس
بێیہِ گَس لگہِ ہے؟ تۄہۍ زانیٖن نا
کُمۍ دِژنَس ؟

پَنہٕ نی پانَن - بێیہِ گُس دِیہِ ہَس
چھُس نا بانہٕ تہٕ بُتھ أتھی لایَق
گتھ پێٹھ دِژہَس ؟

اَپزس پَنہٕ نِس پێٹھ بێیہِ کَتھ پێٹھ
تھَپہٕ تھَپہٕ کٔری کٔری سوتتہٕ سُلی اوس پھُٹنَس آمُت
اوسُس کیٛاہ ؟ پھُٹنَس گتھ آیُو ؟

ہے آمُت لوکہٕ چارَس مَنز چکہٕ چاوچھُ آمُت
حد آسان پژتھ گتھِ حد آسان

رَنگہٕ ٹیٚچہٕ اکہِ زَن بنگہِ ٹیوٚٹھ دیتُنَس
سوٚن تہٕ ووگُن گوس مُشکہٕ تھے سورُے

ہَے یِمہٕ پچھے گَتھ
اُمہٕ ہے کھوتہٕ راہ؟

گَتہِ کاٗتیاہ ییٚتہِ پھَٹِنَس آمتی
ازگل مَنٹِہِ لیٚچہِ چھے پاٹژو

اَدِ تَم کیاہ اَٚخر کیاہ پڑاوان
خدٕ نیرٕن گو بُتھی ہَن زاٗلنی

ووٚنی اوس سَہلے
اَسہٕ، کیاہ، گژھِہَس پَنہٕ نِس پانَس
مَرِ مَرِ تھوٚوُن سائَنس جانَس
ییٚہِ رَژھ کھَنڈ گیہ ڈُبہِ نادُنی یاہ

(۱۹۶۹ء)



# میٔژ

مژٕ ھچی میٔژ
گُروٹ، شوخ، سرٕ یہہ دار، شبنٕمی
پشٕچی پوٹ پشمینہٕ اَوِجی
شہٕچی بونہِ ہُنٛد شاہ، وٕشنی گاوٕ ہُنٛد تھَن
طرحدار زاوجی ملایٕم
چھَہ لوٕ ہٕژ ووٗمید اخیالاہ ملایٕم
مژٕ ھچی میٔژ ملایٕم
میٔہ موٗنٛد آب واراہ
مگر ییٚلہِ وُچھُم دِل جِگر شانٛت سَپدُم
چھُہ زٕن پھرٕ ستہٕ پھٕمب اَزٕ ژووایار یِ ڈٕہرِتھ
اَتھوٗتٕلی میٔہ پوٚک ماجہِ ہُنٛد ٹوٹھ آلو
نظر غاب گییہِ واوہ مالٕن اندر
ہی چھَہ پرٛاران پِستہٕ جارگوٚژھ واو چھاوُن
تہٕ پمپوشہِ پٕٹھی رِکنہٕ وٕتھ اَکھ خیالاہ
چھُہ کُچہِ پوٕت پھٕمبہٕ توٚمب وُنے ماجہِ زامُت

نَرم لوو کلہٕ رُن
گُرس کنیٚ، وُشنیٚ تھنیٚ

مژٕ چھی میٚژ، طرحدار، زأوِجہِ، ملأیم
مژٕ چھی میٚژ ملأیم
گُرٹ شوخ، سرٛیہہ دار شبنمی
رنگو منٛز چھُ رنگ پوٚختہٕ اڈٕ زوو جافُر
اگر دأن کُنڈ لُج وٚسس گوسہ بادأمی
ژوٗ دِشی زوٗنہِ ہُنڈ گاہ، لیٚڈُ راوٗ برٛ سدٲہ
ژنڈُن مأژرِ شرہبتھ
مُنڈِتھ کنکہٕ رٔنگی پوٚٹ
چھُ نتہٕ دانہِ تاپس
سنٛدجہِ ژیرآہرٕ پھوٚلتھ وُڈرِ پٹھی کنیٚ
گُرٹ شوخ، سرٛیہہ دار شبنمی
مژٕ چھی میٚژ مُلأیم
طرحدار زأوِجہِ تہٕ دأیم
چھِ خوش بوگولابس پٹھن راز قأیم
ژ ڈِس منٛز یہٕ دود تھَنہٕ تلُک مُشکِ اَدفر
نتے زاشرِس آیہ زامَن

تُتھے اَس مُژرُن، ہوا نافہٕ سپد یوو
وُزِنؠ عطرِ لُجی بالہٕ پٹھؠ نیٚرؠ پوشَن

تہٕ اَکھ واوِ رِنگ آیہِ زَن پھُللہٕ چھاوان
کونٛگُس مُشکہٕ کوفؠ رللہٕ وان لولہِ مَژٕ

چھَ ہرَنَن شاہَس زٕنتہٕ کوٚستوٗری کھَسہٕ وَس
چھُ عنٛبر تہٕ عوٗد ہ پانہٕ وأنؠ راس کھیلا

خبر ووت دوہ کوٚت؟

اگر روٗ دانہِ نیرہ واہراَ ژمہریٚنٛز
مُشک دار وردَن پھولن یوسمَن
لگہِ دِوے زَن نِشاطَس
طرحدار زاَوجِہ تہٕ دأیم

مرٕژھجی میٚنٛز مُلأیم
چھِ خوش بوگولا بَس پئُن راز قأیم
مرٕژھجی میٚنٛز مُلأیم

اَمیُک رنٛگ وبُو یا پشُل یا پھُمہٕ چھُ
ترُن یاوُشن زانہِ تَن میأنؠ کیٛتھ چھُ
بو ییٚلہِ زاس تیٚلہِ آس اُمی سُند شوز رہتھ
یہِ بَتہٕ مأگی ازٕ لچھ

دہرِ بوج ابدٕ پچ

مێہ لوکچار رژٕنو وامہِ لول بٲری بٲری

پٔنٕزی دبد مێہ راٲوٕم امہِ دبد مێہ لاجم

دِتُن پھاہ یۆ رُن سرٛ یہہ سگُن میۆن باڑو

مگر اَز مێہ گوڈنی گوٚن یۆ زاٲمی سُنٛد

مێہ ماٲخر میٛژ گوٚن زلنہِ کوتاہ

تُتھے آب پۆک رونہِ ہمژَن وَزنہِ

تھجی نارٕ نے مَنٛز

ووگُن سینہٕ بُتراٲژ زَن شولہٕ وُن نَب

بُرِتھ آو دودٕ وُے یہِ ماگاٲو ماجے

ہیوٚتُن لۆت وَزُن سرٛ یہہ میٛژٕ ے لولہٕ ناجِن

تہٕ سۆت سۆت صداہ اَکھ

تہٕ لۆت لۆت مۆ دُر لےَ

رٔسِل ٔ گنگراۓاہ، مرٛ ژھجی تال نغمچ

ہُہ شوٚشوٚ، شہ ہوٚ ہوٚ

یہِ ژٕہی ژٕہی تہٕ ژٕہی ژٕہی

اموب ماجہِ ہیچھِ نووشُر دودنہِ روزُن

ہیوٚتُن دان گُلمِن گوڈلگُن دیٛو کھاہَس مَنٛز

یہِ شۆ شۆ تہٕ ژٕہی ژٕہی

یہِ ہۆ ہۆ تہٕ سی سی

یِہے بۆلی کوٚستۆری دَچھ پوشپرن ہیچھی

یِہے ککلہِ لُب کۆر قُمرِ اُتھی نقل ما؟

یہِ واوُک صداہ پوٚت صداہ ماچھُ امہِ کُے

طرحدار زاٗ وِجہ تہٕ دٲیم

مُرشٕجی میٚرِ مُلاٗیم

چھِ ازٕلچہ تہٕ ابدٕچ یہِ سُر تال قایٲم

مُرشٕجی میٚرِ مُلاٗیم

کران چھُم میٚہ دِل ڈُلہٕ گُناہ دِمہٕ بوییتہِ تھے

بوکرٕ سرٕان میٚرِ منٛز بوٚملہٕ خاک پانَس

تہٕ میٚرِ موٚ ہنوا جنگلی پَت وَنَس منٛز

بووُچھِ قو درتُک سُے گوڈُک جلوٕ شاید

سُہ ییٚلہِ آدَمس وسِت قو درَت پھِرت گو

سُہ ییٚلہِ تٔمی کنَس تل گرٕ ھتھ ''قُم'' وَنیوٗنَس

وپیوٗنَس ژٕ ووتھ تھوٚد

تہِ ادٕ کیٛاہ گیوٚ وکانٛہہ قدم برٕ ونٛہہ تہٕ کانٛہہ پوٚت

تہٕ کانٛہہ جل پچیوو، کانٛہہ ڈوچرٕ دتھ چھوسوٚت

تہٕ سُے اَن ہٕشر پھۆر جہانٔس

بوملہٕ خاک پانٔس بوکرٕ شرٛ ان میٛژِ مَنٛز

بوچھلہٕ حالمَس مَل

بَلن دأدٕ لۆکن ژٲلَن جأدٕ زدٕلَس

تہٕ ہیٛیہٕ زِنٛدگی ہیٛیہٕ کَرٕنی نۆ تیأری

تہٕ ییہِ بارَسَس میٛژِ

مژٕھجی میٛژ

گُرٹ، شوخ، سرٛ یٛہہ دار شبنٔمی

پشٕجی پوٹ پشمینہٕ أوِجی

شٕہجی بونہِ ہُنٛد شاہ، وُشٕنی گأو ہُنٛد تھَن

طرحدار زأوِجی ملأیم

مژٕھجی میٛژ ملأیم

(کأشرادب، اگست ۱۹۶۹ء)



# نظم

| | |
|---|---|
| اَکھ چھُ دُنۍ یاہ | ییٚتی بڑوٚنِہہ گنہِ ڈیشمان |
| اَکھ چھُ شَنۍ یاہ | سبٕتھاہ دوٗر وہم و گُمان |
| اَکھ چھُ دُنۍ یاہ | پوٚتُس پَتھ چھِ آمتۍ وُچھان |
| اَکھ چھُ شَنۍ یاہ | ہیٚژن ووٚنۍ گرٕٛھنۍ پأری زان |
| اَکھ چھُ دُنۍ یاہ | سَمے یَتھ گوٚٛھتھ بیٚیہ ژَلان |
| اَکھ چھُ شَنۍ یاہ | بُڈان زانہہ نہٕ ہَردَم جوان |
| اَکھ چھُ دُنۍ یاہ | ٹیٚچھر میچھَرس ستۍ رَلان |
| اَکھ چھُ شَنۍ یاہ | بےٚ رَنگ بے صَدا کاروان |
| اَکھ چھُ دُنۍ یاہ | سبٕتھاہ کوٚڑ گرگٹ سَمان |
| اَکھ چھُ شَنۍ یاہ | ہیٚوٚوے ہیٚوٚ بُتَل آسمان |
| اَکھ چھُ دُنۍ یاہ | گگَر وأج سوٚمب وُنۍ موٚژان |
| اَکھ چھُ شَنۍ یاہ | سُدٕر اَکھ وُسی کاروان |
| اَکھ چھُ دُنۍ یاہ | پَیاپےٚ پکان ہَکھ دِوان |
| اَکھ چھُ شَنۍ یاہ | نَہ گُنہِ گوڈ نَہ گُنہِ اَند یِوان |

(۱۹۷۱)



# تمہِ دوہہِ

ٹھِنٛز ٹھِنٛز ٹھِنٛزٹھِنٛز گٲر چھےٚ وَزان
سۄ سۄ سۄسۄ رَتھ چھُ گرٛزان
گُلِ لالَن تگ، گُلرنگ ہَوا
برٛیٚہہ نارِچ زَن رَنٛگہِ ژٔرِ ہۄز دَو
پیٹھٕ گُلی دیٚدرٕبن ہُنٛد شوخ وُڈَو
موٗصٕم کھورِ پھٔلی ٹِلہِ ٹِک، ٹِلہِ ٹِک
اَنٲری پَلَو ہُترہِ یوٚت، چکہِ چکھ
اَکھ اَکھ شُر گرٛکہِ وِنٛز پھرٛکہِ وِنٛز ریٚہہ
ییٚہِ چھُ مِترٕکھن کیٛاہتام چھُ وَنان
اَکھ اَکھ یوٚڈ مَرنہِ کہِ شوقچ تیٚہہ
مےٚ چھُ رَسہِ رَسہِ کیٛاہتام یاد پِوان
ماے سُمہِ نگھِ رَتہِ کُٹٕی کینٛہہ وَتہِ پۄدی
کھاتِن چھُ اَمر اِنسانٕژ نِشان
گٔیہِ مۄلہِ وَچھن ییٚلہِ اکہِ دوہہِ گٔڈی
مےٚ چھُ یاد پِوان، مےٚ چھُ یاد پِوان
کھاتِن چھُ اَمر، سَر چھُ مےٚ ژمان

(۱۹۷۱)

# گتھ باتھ گرَو

وَلِہ یوٚگُن بیٚہہ گتھ باتھ گرَو

ژِ تہِ چھُکھ تھوٚکُمت بہٕ تہِ چھُس تھوٚکُمت
اَنٛدٕ روٗس کرٛوہ ژِ تہِ بہٕ تہِ چھُس پوٚکُمت
اَز دِمہٕ ہَو پھیُر گر کیٚاہ تھیوٚکہٕ مُت
شَب زیٹھِ شَبَس ووٚسہٕ راتھ گرَو
وَلِہ یوٚگُن بیٚہہ گتھ باتھ گرَو

ووٚنہٕ لوٚگُمت اَز بیٚیہ دِنہٕ بارَو
کیٚاہ ووٗن گمہٕ وِزِ سانوٕ شارَو
لوکہٕ چارُک بیٚیہ شطرنٛج واہرَو
شاہ دِتھ اَکھ أکِس اَزمات گرَو
وَلِہ یوٚگُن بیٚہہ گتھ باتھ گرَو

سوٗنت آمُت بۆنِہ ڈٕل گُن نیرو نیرو
پوش پھوٗلیٖمتۍ بونہِ ڈیَرو ڈیَرو
سوٗتھی پیٚٹھی داینٛز داینٛز پھیَرو
فُرصٔژ سان مُشخص ساتھ گرَو
وَلہِ یوٗگُن بیٚہہ کتھ باتھ گرَو

کُنہِ جایہِ چھےٚ ژھایہِ تہِ وُنہِ پیاوَل
ہُت یوٗت ییٚنٛز ہش ییران جَل جَل
پیٚٹھہِ آکاش نوٗن مخمل مخمل
اَستان کھسو، دَرجاتھ گرَو
وَلہِ یوٗگُن بیٚہہ کتھ باتھ گرَو

(۱۹۷۱ء)



# حکایتھ

یَتھ شہرَس منٛز اَکہِ وِزِ اوس اَکھ شود بود چھانا
آسہِ ہے پزٕ کنہٕ شود بود چھانا
فائتر مغزا، بے ءقل چونچا، دوج نادانا
ہے ہے بے ءقل دوج نادانا
ٹونڈ اوس کاسان موہلبن برنبن ٹنگ اوس شیران
اَدِ گتھ لگہِ ہے ٹھٕنگ اوس شیران
أتھی پیٹھ اوسُس سپدان پانَس چھوٚن گزرانا
بۄ زِوغُر بزٕ منٛز گذرانا
نبتھ ہنبَس کُن ساٚری مُفتُے بتہٕ میوٚند کھیٚاوِتھ
ییٚہِ کیاہ بنہِ ہبس زوٗنہناوِتھ
نتہٕ ییٚلہِ ییہِ ہگھ عارتہٕ دِہنَس ٹونکا آنا
تیٚلہِ أس بڈٕ گتھ ٹونکاہ آنا
اَتھ شہرس أسی لُکھ بے مُروتھ، رازاہ جاہِل
بے مُروتھ لُکھ رازاہ جاہِل
ییٚلہِ زن متہِ ہے تیٚلہِ متہِ ہے زن کانہہ مُشرانا
کیاہ وُچھمُت آسی مُشرانا

راژس طالع کھوٚٹ روٗدوأنسہِ تہٕ شُرِ مُرِ روٗسٔتے
کھوٚٹ طالع ہتھ شُرِ مُرِ روٗسٔتے

رانی ترٛ ووٚنہٕ گُنہِ کانٛہہ ترِتھاہ کانٛہہ اَستانا
طالع روٗس گرِ کیٚاہ اَستانا

دوٚہہٕ پَتہٕ دوٚہہٕ گیہِ ژٕ کھ تہٕ شرارتھ راژس غالِب
شوٗنٛڈٕ یَتھ اوسُس تی گوس غالِب

گاہے وولان گاہے شولان موٚت دیوانا
مُشرانا یا موٚت دیوانا

أخر تنگ آے لُکھ تہٕ ہیٚنہِ لگی دَیہِ ناوسأری
پَتھ وِزِ ہیٚہہ نَے دَیہِ ناوسأری

روزِ دَران اَستانَن کھاران دِلہٕ نذرانا
پُرٕ ہسکھ کھارُن دِلہٕ نذرانا

دٔے بٔژ زُ کھ اَستانَن ، مَندرَن پیٚوٚ نٔوٚرُک گاہ
لوٚب لُکو دَیہِ ناوُک آگاہ

گاشاوُ چھ آشایہِ دیُت شہَرس منٛز ٹھیکانا
دَیہِ ناوی دَیہِ گرٕ کوٚر ٹھیکانا

أتھی منٛز راژن رأنی وُچھ سوٚپُنس منٛزُس تام
بد آغازس لوٚگ رُت انجام

دوٗ پنٛگھ آگیہِ وأتِو گری زبوٚ پوٚز شُکرانا

رٕژِ آگیہِ پَزِ رُت شُکرانا

مَحلہٕ چہِ ڈێڈِ نێبرٕ گنہِ مولَق گونٛورانا

ووٗنٛدٕ صأفی ہُنٛدِ پۆز نٛورانا

نٛورَن ژَھٹھ کٕڈ پۆرٕ کنَن گیہِ بَڈِ گنوانا

عَرشہِ کہِ پَزٕرِ چ تھَدِ گنوانا

گنوانہِ مَنٛز بۆزرازَن شَہرَس ٹنگ چھُی ڈۆلُمت

ہَنگ ٹنگ آسہِ ہے تَتہِ ٹَنگہٕ ڈۆلُمت

نہَ چھُ کانٛہہ کأسِب نہَ چھُ فنکارا، ڈٕسی لا، چھانا

آسہِ ہے نہٕ فنکارا جانانا

پرٛتھ کانٛہہ کأکی گتھَل زیوِ زیوٗٹھا کھوٕکھرے تێہہ ہبتھ

ڈٕپوسَر اسَر اَپزٕ ے تێہہ ہبتھ

مأے موحبتھ تھبکہٕ وان ڈۆلُمت چھُکھ میزانا

موحَبتہٕ رۆس گتہِ وَرِ میزانا

فَن کیٛاہ ہاوَس یا تِکہٕ تارَس نتہٕ چکہٕ چاوَس

ہاوسہٕ مۆت فَن کیٛاہ بو ہاوَس

رَنگہٕ رَنگہٕ شَہرَس رَنگ پھولہٕ ہَن زَن رَنگہٕ جانانا

شَہر ابَنہِ ہے اَسہِ جانانا

بۆزِ وێتہِ چھُوٕ چورا پھشۆرادۆج نادانا

بیٛقل ؤٕنی توس یا نادانا

پارَے دی تَو ژون طَر فاتَن چھانا اَنی تون
تَس چھنہٕ گسبَس شوٗخی سیٚز راسہٕ چھُ بُلہٕ چھانا
پزرُک طالِب ژھومب اَکھ چھانا
ژَندَن ہٕٹ دِتھ دٕپی توس گوٚ برادِتہٕ گرناوِتھ
سُے ہیکہِ ژَندنَس شُر گرٕناوِتھ
پارَے دیاوِکھ ژون طَر فاتَن ، چھانَن ژھانڈَ و
اَصلی اوس تَس چارِس ژھانڈَ و
چورلوٚ بگھ رازَن کِشہ کڈی کڈی دیُت جُرمانا
اَٹہٕ بارِ کھوٚت شاہی فَرمانا
چارِس زَن گیہِ پوٚت وَز پھیرِتھ بیلہِ شیٚچھ بوٗزٕن
آشیٚنہِ مَرٕنچ شیٚچھ گرٕسوٗزٕن
ہَچہِ موٗنگن ہٕتھ ژوٗ رِلوٚ بُن گَتہِ تام ٹھیکانا
موٗتَس ہتی لوٗگن یارانا
داہ دوہ بیٚلہِ گٔے نادان چھانا
تھیٚپہٕ تھیٚپہٕ ژھورُک ناو ہٕتھ گورُکھ
شہَرَن گامَن جَنگلَن مَرگَن گُنہِ نہٕ نِشانا
یُس گَوتَس گَتہِ آسہِ نِشانا
ڈٕنبی دادِ رازٕ تہٕ راَنی پرٕتھ شَیہِ ژھارنہِ وژاے
بےٕقل چھان گُنہِ وَتہِ ییہِ ناے

گُلہِ گوگرِس مَنٛز اَخرس لوٚ بہَس نیب نِشانا  
پھُچہِ مَرِ ژور ژِہُنٛد وُسخانا

رازَس آونہٕ لَبنہٕ أچھَن ہیٹھ کِبرٕ چ پُٹ تَس  
کِبرَن آسہِ ہے کَڈٕمٕ ژھَٹھ تَس

لۄگَن باسیٚو واَڈٕ گوٚرمَڈٕ گوٚرژَنٛدن موٚنگُن  
لۄگو ہیوٚت کیٛا ہتامَت شانٛگُن

رانی باسیٚو ژَنٛدُن ژۄنبہٕ مُت زَن دُردانا  
تَمہِ آسہِ کھونہِ ہیوٚ تمُت سنتانا

کوچھِ منٛز ہوچھِ مَرِ ہَچہِ ہیوٚت وَچھِ تلہٕ چے بَبہِ ژٕ دیُن  
اَنٛدٕ وَنٛد نۄرٕ ے نۄراسانٛپُن

لُکہٕ مُتۍ زون فَن چھا فرزانا کِنہٕ دیوانا  
اَصلی فَن گو موٚت مستانا

چھان مگَر وَنہِ آونہٕ گُنہِ زانٛہہ تو پَتہٕ لۄگَن  
تَم رٕڈۍ أمۍ غَمہٕ نٕے أمۍ شوقَن

اَزتہِ مگَر گُلہِ دَوٕری چھےٚ لاگان سوٚنتہٕ دُکانا  
گُلہِ گوگرن مَنٛز زَن سُے چھانا

(۱۹۷۱ء)



## دود

سۆت سۆت تہٕ سۆتے

یہِ چھُ دود تھٕے

اَتھ داَ دِس نہٕ چھُ گُنہِ اوشت نہ ووشت

رہتہٕ کاٗلی، ہَر دی، یا وَنٛدِ یاسۆنٛتہٕ

اَتھ داَ دِس نہٕ چھُ گُنہِ اوشت نہ ووشت

یَس اَکھ بچ ٹوپھ

شانَن یوڈ وِتھ اَکھ میخ

زَن پٹھ، گٕچھ

پژانَن گُن دَرِ، بنٛدِ بنٛدِ تھَرِ تھَرِ

مَرِ ھ مازُو پھان، پارُد تیلان، ہیٚرِ یوٚنہٕ گُمہٕ سرٛان

بٮ۪وٚٹھ سوتہٕ پچھن ہُتہٕ ترٛ ووپرِتھ توٗشتھ

واَنٛج چھورِ چھورِ

اَتھ داَ دِس نہٕ چھُ گُنہِ اوشت نہٕ ووشت

سۆت سۆت تہٕ سۆتے

یہِ چھُ دود تھٕے

اَتھ دأ دِس نہٕ چھُ کُنہِ اونت نہٕ وونت
یَتھ بالس کوتاہ سینہٕ ووگن
قرنوپیٹھ شرٛ ؤپرِتھ آدٕمی دَگ
مِلہٕ وان رَگ رَگ
ڈیشُن ڈیشُن ، ژالُن ژالُن
رٔٹ سَمیٚن وَگ
رَتہٕ دأوی گُلَن لُج وَتہِ وَتہِ تگ
یہِ چھُ دوداُ لگ
اَتھ دأ دِس نہٕ چھُ کُنہِ اونت نہ وونت
سۆت سۆت تہٕ سۆتے
یہِ چھُ دود تِتھُے

اَتھ دأ دِس نہٕ چھُ کُنہِ اونت نہٕ وونت
گۆن جنگلاہ ، پھۆرشِپہٕ واوگران
ہُتہِ ہورنہٕ اَتہِ کانٛہہ زَن زأنِٹھن
کُنہِ لِیہِ منٛزی گاشس
باشہِ یِوان

اَنہِ گوٚٹ اَنہِ گوٚٹ

گاشَس ووہَوان

نَپہٕ نَپہٕ گرٕونی سَرَ وپَتھ کالَس

اَز کالَس مَنٛز اَتہِ شورٕ وُزان

زَن اَنٛدٕ وَنٛد پھوٚرمُت جود

مگر یہِ چھُ دوداَلگ

أتھی سارِ گرٕ ھان چھُم بڑ وَنت

چھُ گٹہِ مَنٛز نافہٕ وُہان

اَتھ دأ دِس نہَ چھُ کُنہِ اونت نہَ وونت

یہِ چھُ دود تُتھُے

سوٚت سوٚت تہٕ سوٚتے

اَتھ دأ دِس نہَ چھُ کُنہِ اونت نہَ وونت

یہِ چھُ دود تِتھُے

(۱۹۷۲ء)



# أکی سے محلَس منٛز

أکی سے محلَس منٛز گرٕ ساسا
پرٛتھ گُنہٕ منٛز دوسہٕ دیوار گٔنڈِتھ
پرٛتھ دارِ چھہِ پرٛاأنی وَگوِی ٹھٔری
پرٛتھ کانٛہہ وۄب زَچہِ دَستارٕ گٔنڈِتھ
پرٛتھ کانٛہہ لےٚ ترٛوپرِتھ أچھ مچھ زَن
پرٛتھ دَروازَس ٹیکہٕ یار گٔنڈِتھ
پرٛتھ آنگُن زَن سُنیأسی مَن
پرٛتھ برٛانڈَس زَچہِ ترٕ کھار گٔنڈِتھ
ہُتھ پُرنہِ چھہٕ ٹنگ گُل برٛانڈَس تل
ییٚہٕ پُرنہِ چھہِ کٔنی ٹِکہٕ تار گٔنڈِتھ
ہُتھ کٔنڈی ژٔھرِ چھپہِ لۆگ سون پتنگ
ییٚمہِ وۄب کوٚرنَس تکرار گٔنڈِتھ
أتھ کیٛاہ بَنہِ دوس گٔیہِ ہٕر ہُنٛد گوڈ
أتھ کیٛاہ أنٛدِ دوسہٕ دیوار گٔنڈِتھ
ؤتھی تَو نیہنأوی تَو ییٚم دوسہٕ ۂکی
یون کُن ترٛاأوِو دیوار گٔنڈِتھ

(۱۹۷۲ء)

# دِوُر

گنہِ گُنز پیٹھ گُنز پیٹھ تھم
تھمہِ پیٹھ تھم تام گنہِ مِلہِ وَن
گَن کھوٗنمت بون تل تل پاتال
پَش ژوٗلمُت ہیری زَن مأرِتھ ژھال
کھَنڈی پھٹ جُس، زن پُڑء سہہ چھُ کھمان
اَڈکھوٗ دِہ زَن وتہِ گاڈِ لَمان
پڑون دِوُر پَتھ کالنِگ نیب
اَز چھُ پزر تیٗلہِ اوس فریب
اَند پوٗکھ اَندِ وَند وأران شاے
لیہِ منٛزی ترٛ ویہِ منٛزی وُٹھ پھسراے
بُترأژ سیٗنس ژھوٗپ دُبہِ راے
پَد پَد ووتلان لَٹہِ لَد ژھاے
پڑون دِوُر پَتھ کالنِگ سپر

وَتہِ پیٹھ گَنہِ گُنٛز گومُت گیر

تیٛلہِ اوش شرٛیہہ نَظرن تاشوق

اَز چھُ بہِتھ زَن ترٛاُوِتھ ٹوک

یَتھ لحظس میٛتہِ هاویون بیم

اَتھ دورَس گو کالَس لین

(۱۹۷۲ء)



# ہے ہوش گرِ و

ہے ہوش گرِ و ہے ہوش

ہے اَسہِ أنٹری پکھی چھِ ہوانِ سوٗنبر اوٗن موٗلی ہے ہے بێیہ نار

ہے بێیہ ہَم سایہ چھِ دانہِ کھُبن مَنزٕ لوزِ بَران ہُتھی یار

ہے بَد باطِن ترٕی لاران لاران، شورَس لُگی اَنبار

ہے پرأنی تہے بێیہ موٕتکی موگل سوزنہِ لُگی بمبار

ہے موصُم تر ایَن یاوَن رایَن لگہِ مابێیہ باپار

ہے بوٗلی لکیا بێیہ رَتہٕ چھپہِ لگنَس خوٗن مَنگیا بێیہ دار

ہے اَمن پَسند وٹا ٹھوب بایوٗ بَرٕ پنہٕ گرٕ شٕ ہِ پمپوش

ہے ہوش گرِ و ہے ہوش

(۱۹۷۲ء)



# ژھٹھ

گوبہ کھوءِ أس ژھٹھ

پچھ ہوٗ ہوٗ ہوٗ

وَتہٕ وَتہٕ چھکران أس پَنہٕ نی پے

پرٛنی نُنہٕ باہرٛی ہِوی نِکہٕ سِکہٕ پھٔلی

تَہہ وَرتَہہ

پُیہٕ پیٹھ پُے

سوٚنبرِ تھ ساوِتھ شیرِ تھ پأرِتھ

کانٛہہ وتہٕ پوٚد چھا کُنہٕ درٛینٹھ یِوان؟

پَتھ کُن دِنظر

تَم گَتہٕ تَم نیب؟

نِشانہٕ، نقش

پَتھ کُن دِنظر

چھا کُنہٕ کینٛہہ کُنہٕ وتہٕ درٛینٹھ یِوان؟

وَقتُک سوٚم سوٚتھ

چھُ پوٚ کمُت پرٛتھ کُنہٕ پھیش دِوان

وُچھ پَتہٕ صحرٛاو

وُچھ بُتھ سیکہِ لَم

پیٹھ وُنَل

تہٕ ژٕکہِ زَن ووتلان دٕ ہہ

ہا پانہٕ ژٕمیٚو مُت چھُکھ

تہٕ ژٕمان گرٕ ھ

بیٚیہِ ہَن ژٕم

ژٕم ژٕم ژٕم ژٕم

ژٕم تیٚو تاہ، یۄت موژٕ کھاَ کھ آبرِ ی دانہٕ

تہٕ وبگلُن چون

وُڈِتھ کھَسہِ شُنٛی یا ہَس مَنٛز، میٚے مۄکھتی!

نَتہٕ پڑٛار کھ

پڑٛاران ووٚنٛدٕ ما اوے

ژٕ تہِ تڑٛ اوٚن بور پَتھر

اَتہٕ بور سمیٚومُت ہَرٕ ہانٛگل

زَچہِ مُتی دوٚپ ژٕ تہِ چھُکھ ہانٛکلہِ موٚت

ووپہٕ ٹاسی گوٚمُت پھٕے چون آیَن

مَنٛدٕ چھومُت تا پھ

بَرٕ گومُت رَنٛگ

کولہِ کرتام گومُت رأسی چھُ آب
بَنے ؤمژ وَتھ
چھا گُنہِ کانْہہ نیب نِشانہٕ نقش
یُس پرٛ زناوی؟
پرٛاران چھے
پرٛار
پَکان چھے وقتٕچ ژھَٹھ
وُنی ؤ ڈراوی
برٛ ژز کھۄنڈ گرنےَ ناوَس کانْہہ پیۄر
تہٕ پَتہٕ گُس کیاہ
بَس تَہہ دَرتَہہ
پیٹھ پیہِ پیٹھ پےٚ
پَتہٕ تَہہ دَرتَہہ

(۱۹۷۲ء)



# گرٛہن

(۱)

ہَنگہٕ مَنگہٕ وُنۍ وُنۍ

شِنہٕ ہیٚچِ کُنۍ اَچھ

وُدۍ گٔے اَنٛدٕ وَنٛد

سوٗرے کینٛہہ ہےٚ بَنگہٕ تہٕ دَم پھُٹٕر

وُٹھی وُٹھی ہبہٕ آسے نظرن ہٕنٛدی مَس وال

تہٕ مالا مال سَپُد اَنہٕ گٹہٕ ہُنٛد باڈو

(۲)

پٔتھرِس پیٹھ تٕلہٕ کَترِس پیٚٹھی پیچ

کھٕرِ پھٕسرارَے

وَتہٕ وَتہٕ تھپہٕ تھوسہٕ اِنٛہہٕ رارَے بتھ

سمیٖن، پہَرن، قرٛنَن، لحظن ہٕنٛز اِنٛہہٕ رارَے

یوگہٕ چونٛکھرِ پیٹھ ہوگہٕ چونٛکھرِ تام

ڈِہی اٹاسَس مَنْز گیہِ غأب

تہٕ وَنہِ گَتہِ گُنہِ ییہِ

(۳)

ڈِپھرِ تہٕ ڈِپھرِ تہٕ ڈِپھرِ چھےٚ

ژھایَن ہٕنْز یٖنٛز ییران

گُلی گہلبن أنْدی أنْدی

وَن واسُک باس دِوان

لٕۄکھمَن رِکھِ پیٹھٕی یِنہٕ پٕۄ دتژٕ آوِو

اَنہِ گٹہِ مَنْز گَتہِ ژھارِ جٹایَن

وَستَن ہُنْد رَنبہٕ وُن آ کار

تہٕ رامَس گَتہِ بیٚہہ اَلماسُک پھۄر گُنہِ ڈٕنْجہِ اَنہِ وَتہِ

(۴)

ڈُلہٕ وان، ڈُلہٕ وان، أنْز کھٕتی گےٚ وٕتھ

کھَلہِ ہیۄت ژھایَو کھیٚنجہِ کھیٚنجہِ نیرُن

ہورِ ہورِ اَنٛدِ وَنٛد پھیرُن

وُنۍ ہتہٕ نَس، ونۍ ییٚتہٕ نَس

وُنۍ منٛز مَنٛڈلِس جورِ جورِ

پأنٛڈ پنٛجہٕ اَتھہٕ منٛز گیہٕ ہٕرتھ

زَن پوٚژھہ لأوِس بزأرِس لوٗٹ روٗٹ

وُنۍ اَتھہٕ آے تہٕ وُنۍ گیہٕ رأسی

زہٕ ونۍ زہٕ وُنۍ اُچھ مِلہٕ وَن ہش

ژھو ونۍ ژھو وُنۍ لوکہٕ چارِکۍ دوہ گیہٕ پاٹاسی

اَنٛد کُن چھُس نٔس ویٖرٕوارَس تَل چھو ہَرِ ہَرِ وُژھمژ

زوٗز رِیٛزو اکھ ژھاے

تہٕ یہٕ چھُ میوٗن پان، تہٕ یی چھُس بہٕ

(۱۹۷۳ء)

☆

# اؤ بُر

یام لوکچارِ چ میےٚ پیٚیہٕ اَز یاد کَتھ
لہرِ ماران کھوٚت نَبس وُٹھی وُٹھی اؤ بُر

شامُرن ووشلٔیو نَبہٕ دوٗنٛد نارِ ژونگ
سَنگَرن پیٹھ گو رٔہِتھ دَم پھُٹَڑ اؤ بُر

زَن چھےٚ مہارازَس وَنان مۂرینٛز لوٚتے
ژھوپہٕ کٔرِو ہیٚرن کھَسان چھوٚ گٔٹھی اؤ بُر

وُزملَو ہیوٚت شی گرِزتھ نیٚرُن ہُپأری
پوٚک یپأری گگرایہِ ہیتھ پھٔٹَڑ پھٔٹَڑ اؤ بُر

جنٛگلَس لوٚت لوٚت وَلان روٗپہٕ سُنٛد ووٗلاس
وَتہٕ پَدٕ بن وَتہِ وَتہٕ جَران باوِٹھ اؤ بُر

سام ہینہٕ دزاو بالہِ پیٹھی مَرگَن سَرَن
کالیداسنٕ ہیتھ چھُ آمُت چِٹھی اؤ بُر

یام بوٗزُن نوبہارُک آو آو
ڈال دِتھ ژوٗل شال زَن گن پھُٹَڑ اؤ بُر

(۱۹۷۳ء)



# اَز دوہ تہِ تیٚتھے

اَز دوہ تہِ تیٚتھے

رَتھ میٚون ژٕ ہتھ وہتہٕ گأمژ

زَن کانٛہہ نارِ تیٚمبر

اَز دوہ تہِ تیٚتھے

سَتھ سوٚرِتھ

سِر ییٚچ وَسہٕ وِنٛی دولہٕ نَظر

اَز دوہ تہِ تیٚتھے

وَتھ کاڈ کٔڈِتھ ہیٚمژ

نَلہٕ گومُت زَن بازر

اَز دوہ تہِ تیٚتھے

پَتھ کالُک یادٕ ووٗتُر ژِتران

مَرنہٕ وِزِ کانٛہہ بُڈ موٗرت گر

اَز دوہ تہِ تیٚتھے

زَن وُنَل وٕ رِتھ نبتہٕ سوتھ

کوہہٕ ڈٔنڈی ڈٔنڈی شوٗ ثگمُت سَر
اَز دوہ تہِ تیٚتھُے

کانٛہہ شام گُنٛے زوٗن وُٗٹھ پھیشان
کھوڈَس نگھہٕ بأزی گر
اَز دوہ تہِ تیٚتھُے

مَتھ چھُم مےٚ گرٛھان بُتھ ناہَوس
ہول مُژ رِتھ ییٚلہِ گرٛھِ شام وسَحر
گَتہِ روزِ تیٚتھُے

وَق دیاوَن لَر
پگہِ جَل جَل گَر
پھَر پھَر پھَر پھَر
پَتہٕ مُژ رَن وَر

(۱۹۷۴ء)



# مُرلی

تھَرِ نگھِ زائیس ہَرِ پھوٚلی پوش
قَدِ ووتلیٚایَس حَدِ مَدِ ہوش
مُژ رَنہٕ آیَس یُژ خاموش
پھَرِ ووشلیٚایَس سَرِ پمپوش
خام وأنجہٕ وبژُم آمہٕ تاو
مَرِژ مَسوَلہٕ پیٚوم مُرلی ناو

وَچھِ تَلہٕ ووتلیٚ زُنہٕ پچھ داغ
داغَن سرژ وَ گاٚم تھَنہٕ پیٚیہٕ راگ
بٔکہٕ آولولُک پھرٔ کہٕ وُن ناگ
لوٚ ہرُژ اَژھ رژِ آم وأراگ
نبتھ نَنہٕ تَنہٕ ژوٚلم وبَتھ واو
مَرِژ مَسوَلہٕ پیٚوم مُرلی ناو

اکہِ دہنہٕ صُبحاؔے وَنہِ آم شام
ہَنہِ ہَنہِ روٗ دُم مَنہِ آرام
وُچھتون کُنہِ کُنہِ وَنہِ ما آم
لول آم وَیسی یے لول ہے آم
أچھ لوسَم کوسَم زَزریا و!
مَرِ مَسوَلہِ پیٛوم مُرلی ناو

دِل ہأرِتھ دوٗرُم سُنٛزِ یاس
پڑوُوم اَنزأنٛی وَتہِ وَنواس
ژٔول موکھہِ مَنٛدچھُن گۆل احساس
زِنٛدٕ پانہٕ دزایَس رِنٛدٕ نے راس
روٗ پ چھُم شوم گۆپی پأراو
مَرِ مَسوَلہِ پیٛوم مُرلی ناو

(۱۹۷۴ء)



# نُنٛدٕ ریٛشہِ

سو دِ بودِ شودِ مَنہِ شانٛت سوباوَس

نُنٛدٕ ریٛشہِ لاگے ناوَس پوٚش

گاشرِ مَنہِ کأشرِ پأراوَس

ہا ریٛشہِ لاگے ناوَس پوٚش

کَتہِ ءکتی لَتہِ موٚنجہِ گٔیہِ خَض ہاوَس

کَتہِ ءکتی گُل ییٛتہِ ژھٹہِ لٔگی جوش

ژٔتَن وِز وِزِ لٔج ویٛتھِ واوَس

ہا ریٛشہِ لاگے ناوَس پوٚش

کأشر زبو کأشری خَض ہاوَس

چانی ناوٗک دوشوٕنی بوش

نَتہِ شرٛپہٕ ہَن کرتام صحٕراوَس

ہا ریٛشہِ لاگے ناوَس پوٚش!

تَمہِ دوٗپ ٹأٹھس مَن مُشکاوَس

گَلہِ گَلہِ چوٗن حبس تےَ ہوش

سوے خوشبوٗ وَتہِ وَتہِ ییٚتہِ داوَس

ہا ریٚشہِ لاگے ناوَس پوش

ناٗدِم کاٗشرؠ واوَس تہِ کاوَس

اَتھِ سوٗزِن شیٚچھ تھاوَس گوش

کاٗشرِ گَتھ پیٹھ چھِس ٹُلان ٹاوَس

ہا ریٚشہِ لاگے ناوَس پوش

(۱۹۷۴ء)



# سَرِ صُبحآے

پۆک واو صُبحآے لۆت لۆت، لۆت لۆت
کرٕچ گو ڈٲری چَس کرٕچ رَسہٕ رَسہٕ سۆت
مُژرَنہٕ آو گَنہٕ گُنٕ نَظر دِژٕم
گاش آمُت گَر دوہ آمُت یور
گُلی تیٚہربن تاپَن مۆلُمت سون
پَنہٕ وُتھَرِن شبنٕمی موختہٕ ہلَم
کولہٕ بُٹھی بُٹھی گاشر مولہٕ وان پوٗش
تھَرِ اَنٛدری پھُکی پَنہٕ پوشرِی گل گوٗش
گُنہٕ شاپہٕ وُنلہِ ہٕنٛز ڈٕفرِ تہٕ کیٚنٛہہ
گُلی گُہولِن مَنٛز پھرٕکہٕ وُن روتُل
دَپہٕ وَے یتھ باغَس چھنہٕ کیٚنٛہہ گَم
یَنہٕ بَنیوو پَتَن تَنہٕ آے ہُرِیوٗس
گَمہٕ گَمہٕ اَنٛدٕ لولہٕ مَتہٕ لاے ہُرِیوٗس
پۆز کیٚاہتام گَتہٕ تام توتہٕ چھُ گَم

باغ گو نہٕ فَقط کیٚنٛہہ ٹۄری تہٕ پوش
باغ گو نہٕ محض شۄد سونٛتہٕ ہَوا
باغ گو نہٕ فَقط پانٛ ژادرِ سوز
باغ گو نہٕ محض شور سونٛتہٕ ہوا
باغ گو نہٕ پھمواَرن ہُنٛد مۄت شاہ
باغ گو نہٕ اٲلِف ہیٛؤ سروِ روان
باغ گو نہٕ گُلن ہُنٛد رَنٛگہٕ واہ واہ
باغ گو نہٕ یہٕ بُنٛدِش ڈۄرٕبن ہٕنٛز
باغ گو نہٕ خرامان آبہٕ جویا
باغ گو نہٕ پُتھرِس کھۄتمُت نیچر
باغ گو نہٕ کۄہہٕ پیٛٹھی ہِنز وۄتھمُت گاہ
باغ گو نہٕ پَژھ گُلو شیٚہجارَس پیٹھ
باغ گو نہٕ پَژھ جاناوارَس پیٹھ

(۱۹۷۵ء)



# نۆ وموڑ......نۆ وسوٚنچ

سرِ صُبحاَے

پۆک واو صُبحاَے لۆت لۆت، لۆت لۆت
کرٕچ گوٗ ڈرچس رَسہٕ رَسہٕ سوٚت سوٚت
مُژرنہٕ آو گُنہٕ کُنۍ نظر دِژ م
گاش آمُت کر، دوہ آمُت یور
گلۍ تیٚمبر بن تاپَنِ موٚلُمت سون
پَنہٕ وِتھَرن شبنمۍ موختہٕ ہلم
کولہٕ بٹھۍ گاشر مولہٕ وان پوش
تھَرِ اَندۍ پکھۍ پَنہٕ پوشِرۍ گل گوش
کُنہِ شایہِ وُنلہٕ ہٕنزٕ ژِپھرِ تہٕ کینٛہہ
گلۍ گہہ لبن منٛز پھرٕ کہٕ وُن روتل
دیہ رَسے یَتھ باغس چھُنہٕ کینٛہہ کم؟
یَنہٕ بنو پنُن تَنہٕ آسے ہُر یوس
گَمہِ گَمہِ اَنٛدِ لولہٕ مَتہٕ لاسے ہُر یوس
پوٚز کیا ہتام گَتہٕ تام توتہٕ چھُ گم

(۱۹۷۵ء)

# رِزلٹ

ہے کُس سائ چھُکھ؟

کتہِ چھُکھ آمُت؟

کتہِ چھُکھ زامُت؟

کر چھُکھ آمُت؟

کیاہ چھُکھ؟ کیاہ چھُکھ۔ بَڑِ بَڑِ وَن سائ؟

کیاہ اِنساناہ۔ کیاہ اِنساناہ؟

ناواہ وَن ذاتاہ بُتر اتھاہ

نوٗن کانٛہہ نیاہ۔ صاف نِشاناہ

تیُتھ کینٛہہ یَتھ کانٛہہ نیرِ سوالاہ

کانٛہہ تقسیماہ۔ کینٛہہ تفریقاہ

نَتہٕ گژھِ فیل ژٕ چھُکھ امتحانَس

(۱۹۷۵ء)



# آش

مَدٕ وۄتھ روتُل گو پاتاٗسی

روۄلِ گیہِ اَنہِ گٹہِ شہَہ گوس راٗسی

لوتہِ لوتہِ وبگلِتھ گیہِ اٗزٕ ژھاے

رونہِ گُنٹڑی گُنڈی وژایہِ دِلہٕ دُبراے

پۄد ترٛوو پرٛوِ زایہِ شۄنگرفی راگ

سیکہِ لِس تھَنہٕ پبو شِشرَم ناگ

لَوٕ صُچ دِپھ شِلہٕ شیٚہجار

زٕژٕ ہرکیہِ چھہِ دَپھ وَنہٕ وُن پیٛار

وادٕاہ پۄک دَپھ زَلہٕ وُن شوق

پوشا پھۄل زبوٗن ماشوق

دِل وُپھلیٚو دَپھ لولک ساز

مَن مُشکیٚو زَن محرمِ راز

کٔنٕز شیٚچھ دَپھ ماچھِک مۄدریہ

وُچھٕنۍ شَے دَپھ سور گَس هیر
سارے وتہٕ دَپھ پوٚشی پوش
سأری لُکھ دَپھ لولہٕ مَنوش
حُسنٕ کہِ بگٕہ شوٗلیوو آکاش
ووٚتلیوو قرٚنَن ہُنٛد یاداش
زٕوُن زٕوُن رَنٛبہٕ وُن گاش
سیٚکہِ دانَن وُزٕوُن پرٛاگاش
مےٚ تہِ چھَم آش
مےٚ تہِ چھَم آش، مےٚ تہِ چھَم آش

(١٩٧٦ء)



# آوازَن ہُنٛد ماۓ

رَبابہٕ تھوٚو ہَم بڑ وٕنہہ گنہٕ
تھَلہِ تھَلہِ وُچھمَس

وُچھان وُچھان گیہٕ تارٕ بیدار
سورٕ تالہِ ہیٚوٚتہٕ گنگراوُن لوٚت لوٚت
میٚوٚٹھ وَٹُن اَکھ سوٚت سوٚت

ہاوولو...... ہاہاوولو
زَن ناگہٕ بَلَس لَج وُزِنۍ ......شَرَ رشَر
تیل بَلَس پوٚک ہوا......شہوٚ شوٚ

ہاوولو...... ہاہاوولو

پرُژھمَس کوٚت کوٚت، کوٚت چھُم آلَو
گیوٚوٕ تُمۍ پَچ پَچ پَچ بُلبُلو
دوٚہمَس پَچ پَچ گتہِ ووٚنۍ پھورہم

گیوٚ وٕتمٕی نَٹھ نٹھ ڈامبلو

ہا وولو...... ہاہا وولو

دۄ پمَس تھوٚ کمُت شہہ چھُم شوقَس

گیوٚ وٕتمٕی بُتھِ بُتھِ مٔژِلو

دۄ پمَس وَتھ ماڈٕ پیٹھٕ چھُم لولَس

گیوٚ وٕتمٕی ٹَنٕ ٹَنٕ قآفلو

ہا وولو...... ہاہا وولو

(۱۹۷۶ء)



# ترٛے نظمہٕ

## لوکہٕ چار

تھَنہٕ پیتھ تَنہٕ چھُم پَنہٕ نے ژھایہٕ
گاہے اَسُن تہٕ گاہے ترژُن
گاشَس شاہ ہمتھ واشاہ کَڈُن
اَنہِ گٹہِ سَن دِتھ تیَچھ زِن موژُن
ٹِکہٕ ٹِک ووٹہٕ ووٹھ مَن زَن پارُد
ہانٛگُل جتہٕگی نیرُن تہٕ اَژُن
کھبن چَن مَشُن، یوچھِ یوچھِ پشُن
ٹیوٗٹھ آژ ناوُن، موٗدُر روژُن
ہِشرُک عالَم سوٗرے ہیوٗے
پرٛتھ گُنہِ گَتھٕ پیٹھ کھُلہٕ مَن پَژُن
سُے لَلہِ اَدِ گوم واکھ تہٕ وَژُن
تَنَے ہیوٗتُم تَنٛگَے نَوٗن



## یاوُن

سأنس وزایَس گمہِ حضہٕ ہاوَسہٕ
چھوٚت تہٕ گرٕہُن ہٮ۪تھ مالِنٛی کرٛانے
باغَس تھَلہِ تھَلہِ وَتہٕ پٔدی رأوِتھ
مانہِ گتہٕ وَنہِ آم مےٚ اَن زانےٚ
یاوُن زرِ گُل چھاوان آیَس
تَن ہےَ نأوِم مَنہٕ سیٚنٛدِ وانے
صُبحَن رَسہٕ رَسہٕ وُٹھ گمنأوِتھ
سٔنٛز پوشَن کوٚڈ گتھِ میانہِ مانے
چھِپہٕنکی دوہ آم سوران سوران
وَتہِ گوم کتہٕ گنٛڈ رٕکتھِ روزٕ پڑانے
ہَچھِ ہأرٕنٛجہِ پیٚرٕشیُو کان گوم
اَبگھ چھان پیٚوم یتھ رازٕ دانے



## بُجُر

ہَنگ زَزرے سوٗنٛس رَنگ بَرِ گو
صوٗرَتھ روز نہٕ، روو اَنہار
یِتھ اَنٛدٕ وَنٛدٕ اُسی رَنٛگہٕ ٹیٚکو وٕتھرِتھ
سُردگہِ بُزی گو سُے سَمسار
ووٗنی کَتہِ وُپھ دِتھ اَسمان میٚنٛن
ووٗنی پِپِن ژھارِنی گوپھِ تہٕ غار
کوٚت گُیہِ تاپٕنی پھوٚتی کولہِ رادَن
کَمہِ سَرِ ووٚتلِتھ آو بُشٹھنیار
تیٚلہِ اوس پِرتھ شُبہِ وَرشُن ورتُن
اَز چھنہٕ ژبتھ دِتھ کُنہِ دیدار
آمہِ پَنہٕ سوٚدرَس ناوِ لَمان چھس
کَتہِ بوزِ دَے میٚون مَیٚتہٕ دِیہ تار

(۱۹۷۶ء)

☆

## زِتنہٕ

(۱)

ژٕپرٕ نیٛرٕ گُرٕ شرٕ نٕ خبر کٔمٕ

پأنٕس سٕتھ

بۄٹہٕ صدا گو پکان چھُ شاید!

پنٕنہٕ شیٛہلتھ

مُلہٕ تلہٕ بۄٔ زِوپَنہٕ نی خأمی

(۲)

پأنٕس منٛز پنٕنہٕ پڑٕو آفتابچہٕ

عالَم نۄژ

عالَم یِیٚلہٕ نۄژ، نظرن گیٛو رآو

دِل ماپۄژ

مُلہٕ تلہٕ بۄٔ زِوپَنہٕ نی خأمی

(۳)

واوَن کوٚر پَنہٕ وُتھرن ؠکتہٕ ؠکتہٕ
اَسنُک برٛ وٕتھ
مَنہٕ سٕدرَس مَنشس لٔگو اَرِ سَرٕ
اوٕتھ نہٕ ووٕتھ
مُلہٕ تلہٕ بۄز زِو پَنہٕ نی خأمی

(۴)

بالو پیٹھٕ ووٕتھ پاتھُل گُن
اوٚبرُک پَرتو
درٛمنَس منٛزٕ ژھاران چھِٹہٕ پوشُر
گاشِکی سَرو
مُلہٕ تلہٕ بۄز زِو پَنہٕ نی خأمی

(۵)

پکوس یاوُن، نَرمی، بڑہ
تہٕ ہأوِن دَنٛد

سونہٕ روپہ گنہٕ تاراچنٛد
سَمیٚس پاینٛد
مُلہٕ تلہٕ بۄٚ زِوپنہٕ نی خأمی

(٦)

ژأنٛگِس سوتھ تہٕ سویتہِ بُڈک دیُت
وُپھِ گھٔر ریٚہہ
دَم ہأرِتھ کیٛاہ جَم جَم ہاوُن
تمبرٕ تہٕ بڑیٚہہ
مُلہٕ تلہٕ بۄٚ زِوپنہٕ نی خأمی

(٧)

بَرن وأنٛسٕتھ کھوکھرِ بو، ریٚیہِ ٹھوٗلَن
دِنہِ لوٗگ پھَہہ
بڑ مجہِ چھُ وٕتھَرن وٕتھَرن تیلان
یاوٕنی شہہ
مُلہٕ تلہٕ بۄٚ زِوپنہٕ نی خأمی

(رِسالہِ کأشُر اَدب، اکتوبر ١٩٧٦ء)



# وۄنی اوس یہِ سنسان

وۄنی اوس سنسان یہِ کوہہِ دامَن
زَن ہَفتا کالِنگ پڑِ کانڈھا
پَنہٕ پَنہٕ گومُت یَس یادِ وۄڈُر
تتھی ٹیبہِ کَڈان ڈِشٹھیامُت گُر
ییٚنی ژھینٛژہِ وۄنُن پَن تاران
پَتھ کالَس ڈٕلہِ مُژٕی ساُل گران
وُٹھ گُمہِ نَتھ موٗدرِس ماُل گرانٛ
وۄنی اوس سنسان یہِ کوہہِ دامَن
پرٛتھ کانٛہہ ترٛشی سونہٕ سامانہٕ گُرِتھ
وۄنی آو ہنگہِ منگہِ دامانہٕ برٕتھ
پرٛتھ کانٛہہ ترٛش سونہٕ سامانہٕ گُرِتھ
ہَر کانٛہہ زَن چھوٗن آو بانہٕ برٕتھ
پَنہٕ وۄتھرَن نالَس موٗختہٕ جُرِتھ

پژتھ کاتھہ کول زَن پیٚمانہٕ بڑتھ

ٹوٗربو پوشو دامانہٕ بڑتھ

رَنگہٕ رَنگہٕ رَنگ زَن قالین وأہرِتھ

رٲشِم روٗسی اَلوان توٗسی

أتھی مَنٛز پیٚیہٕ وأتِتھ پٮ۪ٹھرٕ سَبھا

پژتھ طَرفہٕ گیوٗن پژتھ پاسہٕ صَدا

لَے تال تہٕ سُر موٗدریر تہٕ رَس

اُمنگ آلو سأری چھُ دُعا

وَنہٕ وُن نغماہ رَنگدار ہَوا

آءِتی چھِ وُہری قأصِد لوٗلکی

ہَمسایہٕ پٲنٛنی نوٗ آیہٕ گبوٗان؟

وَنٛدٕ نیرِتھ لولہٕ بہارٕچ شیٖچھ

(۱۹۷۷ء)



# أسی آسہٕ سَتھ یِنہٕ

ہِکہٕ آس وۄش
رۄٹُن پتھ
توتہٕ أسِس گتی گوٗھان
توتہٕ لِکِس ہِکہٕ
کہے روۄ ے، ژیٚنہ کہے روۄ ے
دۄ پَنٕس جگری، یوٚد جگری
مےٚ ہے گیہٕ ناوَس ناوٕ بَدلی
کُتھے ناوَس؟

بۆ موارِ ناوَس
اۆش رَٹھ پتھ، شاہ پھیُر کر
یکھ اَز یکنا وَتھ پأنس سٟتی
وُچھ ہمہ کیاہ چھےٚ ژزار کھسان
ژزار بزبوارِ
نُنٕد بأنس نُنٕد رازٕس نِش
ہول مہٕ بَر
بُتھِ چھے جُمعہ لالہٕ لولہٕ وُچھان
پأنس سٟتی تاریِ دَرگاہ
نۆر پھولی ووِنٕد شیٖہلی ہیُو

وَتہٕ ہاوِ چ چھےَ ییٚنز جگر پَنٕز
بَٹہٕ وار پَنٕز
سُلہِ وِلہِ وأتی زِ ہارِ پَر بَتھ
تہرِ مجماہ ہتھ
گَنہِ پھٔلی گَرنےَ وَتہِ وَتہِ أہی
شیٚچھ خَبرَ پرٕژھی آتھوارِ پرٕژھی
ڈَل سأئلس گژھنَس سال کری
پمپوش پھولَن غَم غوصہٕ ژَلَن
مَن صاف گژھی
اَدِ شاپھ ژَلی
ژٔندرَمہٕ کھوٕری کَنز پانہٕ کھَسی
ژٔندرَمہٕ پرٕاوَکھ دوکھ دود بَلی
اَدِ واتگھ اَصلی ناوَس نِش
اَدِ واتگھ مُولَس منگل زَن
بَن مَنگل زَن
منگل پرٕاوَکھ
ستھ بیٚنہِ أستھ اَدِ
منگل زَن

(۱۹۷۷ء)



# لفظن گَم گَم مانہِ وَلو

لَفظَن گَم گَم مانہِ وَلَو

نبتھِ نُئی، نیٚش بۆ دی، ساڈِ منوش

تھولہِ تھولہِ وِنی، پھولہِ وِنی پوش

نَتہِ ژھٹہِ ماران یاوِنی جوش

لَتہِ ژھٹہِ ماران یاوِنی جوش

لَتہِ موثجہِ گاٹتی وَتہِ پپٹھ پوش

حُسنکی آگر، مُستی مدہوش

اَسہِ نِشہِ بیۆن، اَسہِ ہم آغوش

لَفظن گَم گَم مانہِ وَلَو

مَدِ نَس بَنگالی جودۆ گارَس یارَس لۓ لو کہِ چارس ءستی

کارِ تپچ زۆن میٲنی وبس کاٹھہ پُژنان پوش بہارس ءستی

سَمہِ کھان اَن ہُری شَن مایاوَن راۓ چھُ مَنہِ انہارس ءستی

گامہِ سوندر ما کامہِ دِوَس رَتزِوان گُنہِ گُلی شیٚہہ جارَس ءستی

پتھ وَن ڈوکس مَتز کاٹھہ وُزِمَل گندنہِ چھےٚ وڑاہِڈ نارس ءستی

یٔمبر زَل مابۆ مبُر گاران لوہ لنگرس وۄہارس ءستی

بَربگہٕ یتھ مَسوَل چھےٚ ژُوان ہر اِنکارس یقرارس ءستی

باغِ نِشاطُک گُل ژھٹہٕ ماران، پژاران اندگُن یارس ءستی

گَم گَم، گَم گَم مانہِ وَلو

وَن لَفظن گَم گَم مانہِ وَلو

نبستھٕ نُٹی، نیٚش بۆ دی، سادٕ منوش

تھولہٕ تھولہٕ وٕنی پھولہٕ وٕنی پمپوش

نتہٕ ژھٹہٕ ماران یاوٕنی جوش

لتہٕ موٗنجہِ گاٮ۪ٔتی وَتہِ پٔٹھ پوش

حُسنکی آگر، مُتی مدہوش

اَسہِ نِشہِ بیٚون، اَسہِ ہم آغوش

(سون اَدب، ۱۹۷۹ء)



# مَدرٕ ٹیریزا

شوٗ دتا پھ، گولا بِک شانت شُہل وُشہِ نیر۔ اُسو
نَب صاف، وۄتھان پزٕ و سورگہ تہٕ وأشُو ہیر۔ کھُسو
پزٕ ۆن پوٚٹ، رٕنٛج آواز، تہٕ وُٹھ موٗ درر بر۔ لُسو
نوٗن گاش، فقیٖری جامہٕ تہٕ نوٗرٕنی ڈیر۔ بُسو
شرٔ ییہ نأرن نأرن پھیٖو رُم، مَنہٕ سَر پھوٗلی پمپوش
وَژھِ وأنِجہِ ووٚ تلَیم گاشرِی واکھ وَنان خاموش
یُس کأژی ژۆلُم زَن ماجہِ یوٗچھر
نوٗن بسری یاہ
نتہٕ بسرِ تھ اکھ زٕژ
چھُتی جامہٕ وۆلِتھ
کھونہِ ماے مُلِتھ
پھٕری پھاہ شیران، پھیران بٔنٛھی بٔنٛھی
"یُس کأژی ژۆلُم از ماجہِ یوٗچھر
از ڈاٹھم زٕ تیٚچ موج پیٚنٛز"

(۱۹۷۹)



# بێیہِ اکہِ لٹہِ آیہِ بہارٕچ شێچھ

وُنی اوس سنسان یہِ کۆہہ دامن
ہفتا کالێگ زَن بُڈٕ کانژھا
یَس پَنہٕ پَنہٕ گومُت یاد ووتُر
ٲتھی ٹیبہٕ کڈان، یَتھ آمُت کھُر
ژھێنہِ ٕمژَ پێنی، ووَنَن پن تاران
پَتھ کالَس ڈٲلی مٔژی سٲل گَران
وُٹھ گُمہٕ نتھ مۆدرٕس مٲل کران
وُنی اوس سنسان یہِ کوہہٕ دامَن
وُنی آس ہَنگہٕ مَنگہٕ دامانہٕ بٕرِتھ
پرٔبتھ کانہہ ترٕشی سونہٕ سامانہٕ بٕرِتھ
گُلی گوگَرن آے یمسانہٕ بٕرِتھ
زَن چھۆن نۆن آو بێتہِ بانہٕ بٕرِتھ
پَنہٕ وٕتھَرن نالَس موٚختہٕ جٕرِتھ

وأران آو وُزٕ اکہِ آنہٕ بڑتھ
رنگہٕ رَنگہٕ رَنگ مِلہٕ مِشہٕ تارَکھ نَب
پڑبتھ کاٹہہ تیٖہہ شونگرٕف شوخ برٕژ
ریشم رٕوسی الوان تُوسی
پٹھ اطلس جامہٕ تہٕ رنگہٕ واہ واہ
أتھی مَنز پٔیِہ وأنتھ یٔنڈرِ سَٕما
پڑتھ طرفہٕ گوٗن پڑتھ پاسہٕ صداہ
لےَ تال تہٕ شور موٚدربر تہٕ رَس
وُنہٕ وِنہٕ نغمک رنگ دار فضا
ؤنڈٕ نیرتھ پٔیِہ چھِ بہارٕچ شیٚچھ

(۱۹۸۲)



# دُژیوٚت

کھٔژ شاثنش مگر أسی بالَس کھٔتی
ہوٚکھ ہیُر تہِ مگر أسی بالَس کھٔتی
کوٚٹھی لۄسی مگَر أسی بالَس کھٔتی
دیُت خۄن مگر أسی بالَس کھٔتی

پیٹھٕ گنہِ چھوٕمَر گا شاثت شہج
مَنٛز باگَن ووتھٕ وُن سبزارا
ژٕ أوِووٕنی ڈکھٕ وِنی لۄر پتھَر
سبزارَس گنڈی تَو ئلی یارا

بَتہٕ کھارائِنی تَو، کھےٚ تَو، چیٚے تَو پھژ بکھ ژٕ أوِتھ
اَسمانَس تام چھِ کیٛنٛہہ اۄنٛگُل، بَس کیٛنٛہہ اۄنٛگُل
ہَے بنٛگُہٕ ہِوی گےٚ اَسہِ گیہِ نہٕ خَبرَ
ہَنگہٕ مَنگہٕ گےٚ شایَد تارٕ ژٕتھ

گیہِ غاألِب موٚہہ مایا ژھ ہےٚتھ اَسہِ سورُے موٚٹھ
سبزارَس أنٛدی أنٛدی ئلی یارا موٚہہ زال أچھَن



# ٹھیٚپ

أکی تھوٚنم بڑ وٕنہہ کنہِ روپہٕ سٕنڈ ٹھیٚپ

پَنہٕ نیٚوٚ پَردہٕ اوٗنڈ پوٚکھ ووٗلہم

گتھٕ گرِ پژی یارہٕ اَپزیارہٕ

لوکہٕ چارٕچہِ لیہِ تزٕیہٕ تھاأوِکھ ٹھُری

ہُمی بڑم ڈیٚشنم کھسن چَن ہأوِتھ

تیٚمی سونہٕ روپہٕ رٕنگو شبرنگ وٕنی نَم

کأٹھس کُن پکہٕ نووٕس ٹاٹھہٕ

ڈِگہِ ڈِگہِ نیٚوٚکھ قَنٛد موٚدریر مُتھ

ہوَسن تژوو وُپھ نِک شوق ژٕہتھ

اَنہِ کھَلہِ دوٗپہم گرٕہ اَژھ پانٛس

میچھر لَب میلکھ بھگوانٛس

کرٕتچھر نیری وُپھ نِک وُڈٕنِک

سوکھ شیٚہلہِ پنٛزٕ دوہ گنذراوکھ

اَسہِ پڑ وو دوہے ووٗنۍ ژٕ تہِ پڑاوَ کھ

گرِ پَننہِ بِہتھ سوٗنتھا چھاوَ کھ

لَنٛجہِ لَنٛجہِ پھیٖرتھ روٗوٗے یاوٗن

بُجرس مَنٛز ڈوٗکھ دِتھ عاَشا کرَ

کھبتھ چَتھ پاَنٛس اَسہِ ہلماہ برَ

کھوٚڑ تقدیٖرَن اَبسو مےٚ ٹھُیپ

گمہِ خَشمَتہٕ اٟخر پڑووےٚ ٹھُیپ



# اَکھ زاشُر......اَکھ اِحساس

موصُم دوِد ہیٚرُا گُل پھولہٕ وُن
پھٔنبہٕ توٚمب، نُنہٕ باگُر تھولہٕ تھولہٕ وُن
پڑٕینہٕ اوٚبرُک توٚمب سوٚنتس زامُت
پڑ وِ ہُند موٚنی وِیہہ زٔلہٕ وُنہِ زٔلہٕ وُن
زَن پوٚٹ تہٕ سیٚجر چھُ تھٔنی اُویِل
ڈَل واو صُچکُ ڈٔلہٕ وُن ڈٔلہٕ وُن
پھٔنبہٕ سیر یوہےَ زَن پھرٕکہٕ وُن پھوٚر
موچھِ مَنز ریشم ژٔلہٕ وُن ژٔلہٕ وُن
گُلی تیٚمبرن پیٚٹھ زِرٕ باشہٕ گران
نوٚو پوشہٕ وٕتھر الہٕ وُن الہٕ وُن
کھٕنٛدٕ گری گری آیٚس پاے گران
زِندگی ہیوٚتمُت سُلہٕ وُن سُلہٕ وُن
گُمناوِ اَگر وُٹھ فِرستہٕ اَسن
وَدِ یوٚد ڈُبکہٕ دٕرٛہہ کھٕسہٕ زُنہٕ گاشس
نَرِ زَنگہٕ وأتِتھ ٹُلہٕ عالم تھوٚد
کَتھِ کَرِ اَڈ کَجہٕ گوٚڈِ سَتھ وَقتس

تَس وُچھ وُچھ تاپَس ضاف ژٔلن
سَمیَس دوکھ دأوی تہٕ شاف ژٔلن

نَژِ مأج تِمٕس زَن مَرِ ژِ پِنژ
پیٖہِ بیٚنہِ وولہِ سنہٕ زَن ٹِکہٕ واوِج

بَب ووسہِ پیٖہِ زَن پیٖہِ شوخ پِتنگ
بُڈٕ ویربن بامَن ہمن نیٖرنی

موصُم دودٕ ہیٚڑا گُل پھولہٕ وُن
پھنٛبہِ توٚمب، نُنہٕ باٹُر تھولہٕ وُن

بَڈٕ ژٔندرَمہٕ دوہہٕ پتھ دوہہ زُنہٕ پچھ
حبس پھیربس ہیٚیہِ أنزُرن گنزُرن

تُلہِ ٹھٔری پَنہٕ نمن لاوبن سیرَن
پرٛژھ گأر گٔرِتھ کَڈِ واش کتھَن

بہٕ تہٕ باوَس أندرِم نیٚبرِم سِر
اَتھ رٔژی رٔژی ہاوَس وَتھ مُنٛڈٕمژ

تھکہٕ ناوَس اَسہِ کوٚر کیٛاہ کیٛاہ کوٚر؟
گُس مأے تہٕ موٚحبَتھ وَطنَس بوٚر

کِتھٕ گٔنی گر لُب اَسہِ آزأدی
کِتیا مُتٕی یو کھٔتی بیٚتہِ دارَس

کِتیاہ لگی زالَس مَنز نارَس

دیُت زُو کِتھ اَتھِ ہارَس منز
پُژوَنہِ آسے کِتیاہ اَڈِ پھوٚلی گُل
کَر روٗنہِ مہرِینہِ نِیے ٹھوٚک تہوٗکھ
کَس ساوِینہِ لوکچے ژھئوٚن ہَتھِ پھوٚل
لُرِ پار گرِدِتھ لوٚب اَسہِ منٛزِل
دودِ ہبڈرَس بۆزِتھ بُتھ وو شلبس
ڈنبہِ پزِ زِلبس صُبحُک گاہ پھولہِ وُن
تھزکأر تھوِتھ پکہِ بَڈشاہ زَن
ووتھِ زَنتہِ بھگت سِنگھ ہوٚل چأرِتھ
ہِیِہ أندر نبرَ یِیلہِ اَدِ نیرُن
آذر بازَر یِیلہِ ہیِہ پھیرُن
محرم گرِدھِ رازَن ہِیِہ سوچُن
أتھی سارِ نبض وَتُک وُچھ وُچھ
آزأدی ہنز سورنےٚ بۆزِتھ
بُتھ ژِکرِتھ یِیلہِ پیِہ گرِ واپَس
وَنٛدا چیرِتھ پزِژھ مےٚ أس سوِتھ
چشمن منز آسبس زیٛوٹھ سوال
وُنی تو کیٛاہ وَنہِ؟ کُس بُتھ دِمہِ تَس؟

☆

# اکھ پوش اکھ سمنٛدر

شوخ کاجَس منٛز گلاباہ تابدار
وُزملاہ موصُم تہٕ رنٛگ ہا بیقرار
بُلبُلاہ، رُت بول بوشاہ ٹاٹھِنیار
تارُکھاہ، شِنہٕ ہَس سُے منٛزس، موٗت بہار
ژوٗرٕ اَڈٕ پھوٗلی ٹوٗری نوٗن کوٗ ڈُمت جہار
یاچھُ اَڈ کجہِ کورِ ہیوٗ چھمُت گاٹہٕ جار
نَتہٕ ووزلہِ اَڈٕ پڑانہِ ووڈٕ پلوٗک خُمار
شامہٕ گہٕلس منٛز زِتنہٕ اَکھ گاش دار
یا ژھیوٗتھ ہولَس چھُ زامُت لولہٕ نار
یا شفق صُبحُک چھُ وبڑہنان زاٰوی جار
نَتہٕ چھُ گُستام ماجہِ ہُنٛد گُستام اَمار
سرٕیہہ بوٗ رُت زن مایہِ ہوٗت کانٛہہ

بُلبُلاہ رُت بول بوشاہ ٹاٹھنیار
کوٗٹھ کاجَس منٛز گُلاباہ تابدار
چھاتہِ گاران بیقرارن کیٛت قرار؟

کمٔی یہِ گنٛد نِس ہی تھَر بن کوٚر ٹھاک از؟
آرِ وانِے بُتھ پھِرُن کمٔی تھوٚورِوا
ٹکہِ بَٹہٕ نِمن روٗف گرِنٛی رِکٕژ جاے چھا؟
سٔنٛد چہِ پوشَن سونٛتہٕ شبنم گوٚژھ بٔنُن
لٔج تیٚمِس کونٛگ پوشہِ ہیٚ ماروت ژھَٹھ
مومہِ چنٛس تھوتھ ماسپُد پمپوشہ ہیٚ
ؤہی لوٕ کٕڈ شُری ٹُل اَتھَس کیتھ شرٛاکہِ پُچ
ہمٕی گُلالن لوگ اَتھِہٕ تژٕ تاوِ ما؟
اوس اگر زَن نیاۓ وی بتھیٚ ژٔنڈ ماپٔزبس؟
ترٛاے کلہٕ ٹوٗرس چھِنےٚ وَسہٕ نچ جان گو!
کارِ پتٔی بڑوٗ ڈکوٚ ڈیہِ کمٔی تَس ہیم ہوو؟
ؤہی ژٔ بتھ کمٔی ترٛووا ڈٕ پھوٚل یوسمن؟
مَسوٚلن بَر پوٗر گوٚژھ آسُن اَسُن
گرٛا یہِ گوٚژھ بے وایہِ جافُر مٔیون دیٚن
ژالہِ کیاہ یُمبرِ زَلو اۓش ٹارٕی بُری
ترٕ ستٕی نٔتھ نٔتھ چھِنےٚ ژاہرٕ کوسمن
ہاے پنٛژ بٔنَن یہِ کمٔی دیُت تالہِ ژلُل
بُتھ کرٕ ٹیومُت پٕرا ژِ ہو چھِ مٕژ سُنٛبلن

دأن پوشس کیاِزِ ترٛنیو مُت چھُ رنگ
پرٛژن تہٕ نوٚن باٹرٛ یہِ بادم پوش سون
شۆبہِ نابرٛ وٚنہہ گُن اَمِس رُت کرمہٕ لون
تن پچھےٚ نٔی سزٕ پوشہِ سے روزیا تھُے
واتہِ کوٚت نَنہٕ وورِرَبہِ منٛز مأنزِ پوش
سوچہِ نُے چھُم اِرکیمِس چھٕنہٕ نألی کیٚنہہ
پیٹھٕ چھِ برٛیڈی مشکش پھٹان زَن ترِ گنٛڈی
شوخ کاجَس منٛز گُلا باہ تابدار
کوٚت سوچان کوٚت گومُت بیقرار
کاجہِ پتؠ کنٛزا اکھ سمنٛدر آنٛتہٕ روٚس
کوٚت سۆن، کوتاہ وسیع کیٛاہ جوشدار
لولہِ اَنٛد رُوردانہٕ کأتیاہ آبدار
گرٛ بنٛد گرو صدفن تِمن چھا کانٛہہ شُمار
تھٕدی مَلرزن آسانٛکی رازدار
لہرِ ماران زَن چھُ سیما بُک قرار
منٛزٕ چھِ پرٛشوٗلکی ووٕگنی گاشری مُنار
حوصلَن ہُنٛد تھوٚد تہٕ بوٚڈ پھولہٕ وُن خُمار
گُنہِ گُنے وُپھٕونہِ خیالک زأوی جار

کُنہِ اِرادَن ہُنَد پژ زلوُن نو بہار
کاجہِ پتّز کٔنز اکھ سمنٛدر آتشہٕ روٗس
کوٗت سوٗن، کوتاہ وسیع، کیٛاہ جوشدار
ریٚہہ ژھٹان زَن نارٕ بژ یہہ اکھ اکھ لہر
زِندگی پھٔرِ پھاہ دِوان پژ بتھ اکھ نظر
آسمانس تھٔز خیالن ہٕنز کمنٛد
دُپھ جنونچ کاینٲتس گتھ کران
اکھ ووشت، غاژتھ، ہما لُک بال تھوٚد
مالے محبت پوٚٹ ہیٚو پشہِ جار زَن
بوشنہِ شہجاراہ، شُہُل پژ بتھ کأنسہِ کیٛت
وائے اِنسانس پکھن کٔمی تژ اش ہیٚو
کیٛا زِدِ ے نفرت چھےٚ لوٗکن پانہٕ وأنْز
شورِ اَنبارن امارَن کیٛاہ دِہ شر
نیٛا ے آسُن چھا گوناہ؟ وولہٕ کتھ کُرِو
چھٔتی کُز ہٕنز ژارِنی ژھوژر اِنسانہٕ سُنٛد
از چھُ سٕے آزادیَس آزاد دِل
ژھٔر تیمِس یدْ تَس ژٕ کیٛاہ دِکھ اُس تھوٚپ
نٔی چھےٚ یَس تن لَس ویٚپیا زانہہ وعظ چون

زِندگی ہیوٚ چھمُت دوہے بڑ وٚنہہ بڑ وٚنہہ پکُن

شُپ یِپِس بُتھِ دیُن فقط بیچاڑٕ گی

سون دُنیاہِنیک ژیُہا اکھ واٗنسہِ ہُنٛد

اکھ بُڑ ژزاہ تہذیبہٕ کُے سرمایہِ سون

یُتھ ہَرٛ رہتھ ہاوِ گُس گس یاوِ یَتھ

تیمی پٔنُن نوٚ مرووسرٕ سے سربُلنٛد

پانہٕ واٗنی سمہٕ ژارتیمی تھوٚو زِنٛدٕ سُے

نَتہٕ چھِ جنگلی جانور اَزباٗے ساٗنی

أسی اگر آدمی رَتَس وُنہِ رٕو دی لاٗری

تیلہِ چھےٚ کولہِ کھوتہٕ کول ترٛنی ، پتھ پتھ پکو!

ہَتھ گرہن ہُنٛد شرٛ وٕنی صداز نجوٗ رِہُنٛد

اَز چھِ یم زنٛگارٕ لد بے کارساز

مایہِ ہُنٛد نوٚ وسوزوُ زِناٗ وِوژہ وپاٗری

لول ورتاٗوِ وتہٕ کاٗنچھو زندگی

زِندگی پزٕ یاٗر میچھر ماے ہیتھ

زِندگی آزاد بَنٛد تے بٲے ہیتھ

زِندہ باد آزاد اِنسان زِندہ باد!



# سوتہٕ سٕہ

شوخ آتش ہٕش گولابٕ
تارِ کوٚٹِس وَلنہٕ آمرٕ ساٚڑی اکھ
یُس پرُس ییٚمہِ وَتہِ چھُ پوٚ کمُت ژھایہِ کیٚت
ستھ گرٕ ہِتھ آشایہِ ہیوٚتمُت زیوٚٹھ شہَہ
ژھبنہٕ گمرٕ ووٕدِ ماجہِ نِشہِ خوش بوٗ بِچار
اۆلِیومُت رنگ أچھن تَل برٕونٕت ہیوٚ
یاد پیوم قدکش رواں سروِ نشاط
واو ہٕتھ دزامرٕ چھےٚ سأٔلس پوشہِ تھٕر
یا چھُ نیہِ پیٚٹھ شہہ دِوان سوٚن بِسملاہ
نالہٕ سنطوٗرس رٕٹھ پوٚک مال کوٗنس
تارِ کوٚتاہ آوسیومُت بے وَساہ
اکھ صلیباہ ترِ پھُٹِتھ بے دست وپا
تارِ کوٚٹِس وَلنہٕ آمرٕ ساٚڑی اکھ
شوخ آتش ہٕش گولابٕ



# چاٲرؠ کتھ

میلہٕ گُراہ ٹُم طراق چٕٹ چٕٹ

تڑاخ تہٕ پڑاخ تڑاخ تہٕ پڑاخ

ڈٕچھنٛز تہٕ کھوٕرؠ گلہٕ جوراہ ِگلہٕ وان

تہٕ پٹھٕ گنہِ جُمہٕ گِڈٕ فِٹ فِٹ

مانٛژ گوٚو دوٗداہ ِگٹ ِگٹ

ہابَو، جُمہٕ گِڈٕ ہاووتہٕ لٔیو و

پھر پھر پھر

کھَسان تہٕ ہیوٚر کھوٚت

وبٹھان تہٕ ویوٚٹھ گو

میٔانہِ خودایا نرِ زَنگہٕ کاٗژاہ

شرٛڈٕنی زِ بزِن

موچھِ دیٛار سوٚنبر ان ہوٚ ہوٚ

دوژھِ دیٛار چھکر ان اللہ ہوٚ

# گُری کوٚر رَنزُ نا

## شرٛ وٕنۍ شرٛ وٕنۍ شرٛ وٕنۍ

دارِ تہٕ بَر پھُٹۍ برٛیٚنۍ برٛیٚنۍ

بیٚیہِ پھشیٚر رواپَس

ترٛاخ تہٕ پرٛاخ

ترٛاخ تہٕ پرٛاخ

جُمہٕ گیٖڑ پھرٛ اٹھیو

جُمہٕ گیٖڑ وبگلیٚو و

اَز گرٛٹ زِ مانَسبل گرٛٹ

ژھوہیو وتہٕ ژَمہٕ ٹھیو و، ژھوکیو وتہٕ موکلیو و

پھوٗ پھوٗ پھوٗ

اللہ ہوٗ



# زِندگی پیٹھ وٕسی......

زِندٕگی پیٹھ وٕسی، تیٚژ چھَ ژھوٚٹ، ڈاے قدم
زمیٖٹھ تیٚژاہ زَنتہٕ بُتہٕ راتھ چھَ مینان شِنہِ پَو
ژھوٚٹ مگر تیٚژ زٕ مسجِد تاں چھَ یِژہ کلہٕ سِنٛز دَو
گہہ چھَ وصلُک اَکھ بُرٛنز، گاہ فراقُک سوٚن غم
زِندگی پیٹھ وٕسی تیٚژ چھَ ژھوٚٹ، ڈاے قدم

اَکھ قدم سوٗنتہٕ سُلی میٖون سُہ لٔوچر اَڈٕ پھوٚل
اَکھ قدم چاٲنی جواٲنی، میٖون مَژر میٚتہِ کھور ڈٔول
اۆڈ قدم شام سَپُد گو ووٗدی زیوٗن شبنم
زِندٕگی پیٹھ وٕسی تیٚژ چھَ ژھوٚٹ، ڈاے قدم

آش ہبتھ یِیہِ تہٕ پوہَس شین پیون سوٗنچ ژھاے
واش کڈِ واو رِنگاہ ہَرٕدِ گُلبن ووتھِ تھتھراے
توشہِ ییٚلہِ لاگہِ وَچھَس وَچھ، روشہِ ہیٚیہِ دٔرِ دٔرِ نَم
زِندگی پیٹھ وٕسی تیٚژ چھَ ژھوٚٹ، ڈاے قدم

یارِ ییٚلہِ تاپھ بٔنتھ ییِہ گاسہٕ تُجبن گٔرِ سونہٕ ساٗوی
مارہ ییٚلہِ لاگہِ کھٹۄش کرِ یارِ گُلبن تاں رَتہٕ داٗوی
زیٚٹھِ چاٗنۍ موہرِ تنٛدَل ہٕش ژھوٹہٕ میٚون تہرِ ہلم
زِندگی پیٚٹھ وۄسی تیٚژ چھَ ژھۄٹ، ڈاے قدم

زیٚٹھِ بَنہِ زیٚٹھ نہٕ تھگہٕ وِنۍ شوقہٕ موالبن ہٕنز آش
ژھوٹہٕ گوٚدھِ تیٚژ شُرٕ وٕکتھ بَنہِ راہبرٕ سُنٛد یاداش
نَرم زَن چاٗنۍ شٔہجہٕ درٕ ے، سخت زَن میٚون قسم
زِندگی پیٚٹھ وۄسی تیٚژ چھَ ژھۄٹ، ڈاے قدم

شولِہ گُنہِ ساتہٕ تہٕ بَنہِ لاوِ وَچھک نارٕ اَلاو
وولہِ گُنہِ ساتہٕ تہٕ کھرٕکھ کھبتھ دَوزَن تُلہِ دِجہ واو
وُہنہٕ تلہٕ نیرہ تہٕ بَنہِ چون قَلم میٚون قَلم
زِندگی پیٚٹھ وۄسی تیٚژ چھَ ژھۄٹ، ڈاے قدم

☆

# برات

وَتہِ وَتہِ پھیران مٔتی أکی ٹُل اَکھ کاکذ پرزاہ
أری أکی شۄنگ تہٕ تَس باسیوٚ أمی کیٛاہ تامتھ لوٚب
ہُمی دِژ کلہِ ہِلہٕ ناہ، مٔتی اَسُناہ یاشاہ ترٛووُن
تیمی ژاأپی وُٹھ تہٕ سۄنچُن شاید کیٛا ہتام سۄنچُن
دۄنوَے وأتی أکِس اَکھ پَتہٕ پَتہٕ بازرتامتھ
مٔتی دِژ أندی پکھی نظراہ پلہٕ وُن کاکذ وأنِس
شِری نہٕ دوژھاتُجی وأنی تہٕ پٔشرِن ''بابَس''، ہلمس
أری کوٚرتوٚں تہٕ دۄپُنس میٚہ حض چَندٕ منٛزٕ پیوٚمُت
رِکھوچھے باباہ چَندٕ منٛزٕ پیوٚمُت
داہ روپیُن حض یاہتہٕ روپیُن
دۄپُنس چھوٚن کاکذ چھُنہٕ داہ روپیُن یاہتہٕ روپیُن
مٔتی دِژ مٔتی پأٹھی تازٕ براتھاہ
ٹنگ چھِنہٕ وونی اَسمانہٕ وَساں زانہہ

(کأشُر شیرازٕ، جلد ۷، شُمارٕ ۴)

☆

# حِساب فہمی

اَسہٕ وٕنہِ ہونٛجہِ دۄپ ہَم

اَنٛد سورُ ے

او! اَنٛدِ سورُ ے

پھولہِ گاش تہٕ ژٕلہِ گٹہٕ

اَنٛد سورُ ے

"اِنٛہہ اِنٛہہ۔اِنٛہہ اِنٛہہ"

"پَرٛژھ آیُی نا؟"

گُمہٕ نأوِم وُٹھ۔پرٛژھمکھ "کِتھ گُنٛز"

"یَے سیٚوٗد چھُ حِساب

سیٚدِ سیٚوٗد

زُ تہٕ زٕ ییٚلہِ مِلہٕ ووکھ

تِم گژھ گیٚے؟"

گَیہِ ژور لگیَے

گَیہِ نا؟ سیٚدِ سیٚوٗد۔

مےٚ تہِ باسو پوٚز

''ژٕ تہٕ ژٕ گیہِ ژور''

تٔنہٕ ووت وُ چھان

مےٚ تہِ ووت وُ چھان

زانٛہہ گو نہٕ سُہ ژور

کتہِ کأتیاہ پھِرِ تھُر گٔری ہَس نٔوی

مےٚ تہِ ووت وُ چھان

زانٛہہ گو نہٕ سُہ ژور

گوڈٕ ژٕ تہٕ ژٕ

بیٚون بیٚون

پَتہٕ گُن زوٗن

سُے اَڈٕ ژوٗٹ ژٕ ے

بوٗزِو ''اَکھ'' ہیٚو

کینٛہہ کالا ''اکھ''

پَتہٕ تہِ اَپزُ ے

أخر ڈیوٗ ٹھُم سوُرُ ے صِفرٕ ے

اَکھ گول صِفر

گاہ شروکان تہٕ گاہے واش کڈان

شاہہٕ کھَسہٕ وَس ہِش

اِٹھہ۔اِٹھہ۔اِٹھہ۔اِٹھہ

اَتھ کیاہ ساَے گوَ؟

کیٚنٛہہ گوس نہٕ کیٚنٛہہ

میٚےٚ سیٚوٚ دچھُ حِساب

زٕ تہٕ زٕ اوسا؟

اَدِ سُہ تہِ گوشِنٛ

زٕ تہٕ زٕ تہِ گوشِنٛ

(کاشُر شیرازٕ، جلد۱۰، شُمارٕ۱)



## زِتنہٕ

بالُک بالُک
وَقتا اَڈٕ کوٗل بختاوار
سازَس کھأرِتھ وُر کھُر نار

نار و نار
وپر بن ٹنگ پیٚنے
پھرٕ ستس سوٗت گو وۄ دسمسأری
ہوٗپ ہوٗپ پَھف پَھف اَسہِ کھیٚنِہ گأری
أسی گُیہِ چأری
وَل گَتہٕ شَل گَتہٕ
ژألِتھ کھأرلِتھ ہُتی گو شام
کوہہٕ پوتلو چیٚنے اۄبرٕ کی جام
ڈُری اہرام
آرٕ پَلَس لوٗگ
ٹھوٗنکرٕ وَتہٕ ستی گُمہٕ شرٕان
پَنہٕ پَنہٕ گُیہِ زَن پَن آبہٕ سان
پِل ترٕ ہہ ران

ریٚہہ تیز ے یہِ
پھٔٹِتھ دژ ایَس زیو تژ لیش ہاتژ لیش
یوٚت یتھ یوٚ ژھ تیُتھ آو پیش
شش من ریٚش
یارِ گہُل اَکھ
جَنٛگل جَنٛگل رنٛگ آمیز
اَشد اَشد گٹھ کأژاہ تیز
کھور پالیز
ٹیوٚک تا پک کھوٚت
لَبہِ وٕژھ تھَرِ کی گٹہِ سَزِ وأز
وٕہی پنٛجرس مَنٛز زَن لوٚگ پأز
اَسہِ گوکأز
ترَپچہِ ترَپچہِ
گُری پڈرَس تَل گومَس وال
ڈَل آے بَری بَری مالا مال
لَب تَس نیال



# ہُمہٕ بٹھِ کیٚن گُن

ٹھٲہرِو توٚہی

وُتاولی مَہ گٔرِو

ہے ہُمہِ بَٹھِ کیو

ہے اَنزانو۔ ہے بے زانَو

ٹھٲہرِو۔ پزٲرِو

دَم دِتھ ترٲ تَو

پیٚتراہ چھِوٕ کیٚاہ توٚہہِ وُتاولی

یِیٚتہِ کیٚاہ چھِوٕ تھامہِ گوٚمُت

گَتھ پیٚٹھ چھِوٕ بے صبری

وُنہِ کالہٕ اوٚبرُ گُنہ گُنہِ چھُ نَبس زَن نال وٲلِتھ

وُنہِ کوہ چھِنہٕ اَنٛدٕ وَنٛدٕ درہیٚتھ یِوان

نیٚہہ دزٲو چھُ وَتہِ وَتہِ ترٕ دٕنان

وُنہِ واو چھُ ژھاٮ۪ن أنٛدی أنٛدی پھیران

پٔدی مینان

شیطان بنان

وُنہِ شبنم قطرن تا پٔک ڈر

وُنہِ کارِہ پٔتمن ییٚتہِ بارہ تان

وُنہِ پمپوشن ژھرِ ژھرِ وِتھ

اُڈٕ اُڈٕ چھِ کڈان

وُنہِ رنگ چھُ گولابن اَنگ ہینہٕ بڑ وٚتھہ

سنگسار گوٚھان

اکہٕ تڑ وجہِ گاٹٕتی اَچھ پوش چھُ وَچھِ تلہٕ تھرٕ راوان

وُنہِ عشقس ییٚتہِ گزگتی کران

حُسنَس تولان سونہٕ تارژِ پٹھ

وُنہِ شوق چھُ راوان سیٚکہِ للِن مَنز

وُنہِ راٹمنٕ کرشنٕنیٕ دژٕے گٔری گٔری

بھگوان بُدس ہلہِ شٕڑ اک گنڈان

وُنہِ مَسجِد منز ژوٚیہِ اَبہ ساوان

پزٕرٕس ٹکھ دِتھ اَپزِس سگہٕ وان

کتھِ کتھِ پیٹھ ژٕکھ چھُ لگان ییٚتہِ اکثر شیٚہجارٕس

نہٕ چھُ تاپھ زُوان

نہٕ چھُ سونٛت یِوان

نہٕ چھُ پوٚنی وُزان

یُتھ دِل پھولِہ ہے

ٹھٕہر وٹھٕہر و۔ تم ہیتھ ٹرٕی تَو

دٕیوٚ وِزڈٕلہِ ژٕلہِ ییٚتہِ بوم نَبَس

دٕیوٚ شولہِ ڈٕلس مَنٛز شانٛت ہوا

وَن وِگنن دٕیوٚ ژٕلہِ دود ہٕٹس

دٕیوٚ بالہٕ تھونٛگن کھٕسہِ ییٚیہِ وو شلُن

مَتہٕ کرٕی تو پیٚژ اہ وُتاولی

مَتہٕ ای تَو فوٚجکی فوج ژٕرِتھ

تو ہہ یُن چھُ...... ییو

ییٚلہِ پیٚیہِ تافاہ

ییٚلہِ پیہِ سوشتاہ

ییٚلہِ پھولہِ صُبحاہ

نتہٕ بہٕ تہِ آیوس

کتہِ ٔکتبن ٔستی ییٚتہِ بہٕ تہِ زالیوس

کُس لۄنڈ نُک لاس چھُ اَسہِ لۄ بُمت

یُس تۄ ہی تہِ لُبو

دودِ پڑا اژَن پیٚیہِ توہہِ نار ژہُن

تھَنہٕ وُٹھ نےٚ لگہِ توہہِ ویٚہہ وِہہ وُن

ٹھہٕرِ و ۔ مأنِو میٚونےٚ

مَتہٕ گری توٗ وُتاولی

ہے ہُمہِ بَٹھ کبو

لو کٹھو آمبو دودِ موصوٗمو

ٹھہٕرِو

پیٚنہٕ وُنہِ توٗ ہی یور ترِٕو



# ژور وَق : ژور افسانہٕ

## (۱) صُبح

وُنی تو ثتھ مَژر ڈَبہٕ تَل وٕگنیو
اَکھ میٛوٗٹھ ژٕرو میٹھیو و، مٕدریو و
واوَن صُبحکی ٹھہرو وقدم
نغمس لوٚگ آے، وُزیو وسرگم

ژٕٹ ژٕٹ ژٕٹ، دُپ دُپ دُبرارے
شی..... تاژ کھ پیوٚ و، چھِکی، پچہٕ رارَے
بے والیہٕ ہوا ژوٗل، کِت شبنمٕی
پھنبہٕ توٚنب پوٚک کِنہٕ پچ ژھاے پشمی
اکھ لحظہٕ اگر وَق دِیہٕ ہے تھکھ
وُنہٕ وُزِ ہے ڈَبہٕ تَل میٛوٗٹھ ژٕرو

## (۲) منزٕ ینْ

تاہ وَتھراوی تاپَن زرباٗفکی
تھرِنکھِ اکِہٕ ترٛوجِہٕ گوزال روپٕلی
زالس منز باگ ٹھگ بیٛوٗٹھ دُہلی
چھِٹہٕ پوشری وَنہٕ کَڈی ٹیکی تاپکی

ژھیٚپہٕ ژھِرِ بِگنٛدُن کھأرِن کھأرِن رنٛگہٕ چھکو
پیٚنٛژ پیرِ نی ہُتہِ یوٚت، زالس جُت
اکھ ووٚڈھ، اکھ دَو، پھرٛ ٹہٕ ٹَم، اکھ گیُت
رنٛگ ژھیٚتہٕ گٔے، لٔگی چکہٕ چاوس ہکو
اکھ لحظہٕ اگر وَق دِیہِ ہے تھکھ
وُنہِ نوٕ ہَن پھولہٕ ہَن باغس رنٛگ

(۳) دِگر

ءگس ءگس ءگس ءگس ءگس ءگس، یوٚ مبرُ
وَتہِ ڈوٕ لمُت، پھلواہ، وَنہِ راوُل
معصوٗمہٕ چھےٚ کھٔرٕ ہش حُسنَس تھُر
وِزڈٕ جرٕ عشقس، گومُت بُل
اَٹہٕ سارِ چھےٚ لٔجمٕژ، تھٔچمٕژ وُپھ
پچ پچ، آمین توٚشن کیُت وَے
ہوٕ ہَس گوشوٕ، یوٚ مبرس گٔیہِ زِپھ
باغس گوژس، سازس لٔج کھَے
اکھ لحظہٕ اگر وَق دِیہِ ہے تھکھ
وُنہِ ءگس ءگس برِ ہے واوَس مُر

## (۴) شام

کڈ ہِرِیَن ٹِکھ، گو ژھایَن میُل
پھُٹ گاشس تیہہ، ہیُوٚت پژ وِلوٚب لوٚب
رنگ بُگہٕ آوٹُو ربن، ہونچہِ گوس روٗب
شُری کھیٚنچ پٔچ زن پوٚک وُترٕ بُنیُل
تھچھ ٹُو رِس ئُج تھرِ پٔژ نگھ دِل
رنگہٕ تارٕ ژِلوٚت گو شہہ، ژُو گوٚب
ئُج سوتژلہِ لتھ، دژاس بیٚیہٕ ہَن کوٚب
وَتہِ پیٹھ رَتہٕ گُت پیوٚ واڈٕ پھوٚٹ گُل
اکھ لحظہٕ اگر وَق دِیہٕ ہے تھگھ
میٚژ ستی ما گژھِ ہے سوپنَس میُل



# دِیوِ نظر اَز

یَپاَرِ ترٛ اَوِ وژِ وپاَرِ نظر اہ
چھُناپہ باسان وُنل پچھے باتٕے
چھُ تاپہ ٹیوٗک کانٛہہ اگر سلامتھ
تَمِس چھُ پَتہٕ پَتہٕ دَوان دٕ ہہ زَن
سبٕٹھاہ چھےٚ پھوٚجرٕ اکاَلی پھُلیاہ
سبٕٹھاہ چھِ پھیران مُشکہٕ اَدفَر
سبٕٹھاہ چھِ رَنگ پوٚ زمنٛدٕ چھی منٛدٕ چھی زَن
سبٕٹھاہ تراوتھ چھےٚ سوٚنتہٕ ہَوہَس
سبٕٹھاہ چھِ رٔنگین خیال ووتلان
مگر وُنل کیازِ ڈِپھرِ کرِ کرِ؟
شرافتس کیازِ ٹھاک لوگھ؟
حقیقتس کیازِ تاَرِ برمِن؟
وُنے چھِ ہاوان بڈٕتھ تہٕ بوٚلتھ
ژوپاَرِ گاندھی تہٕ نہروٕنۍ دڑے
پزر کھسان تیلہِ چھُ دارس؟
شوٚزَرسزرکونہٕ گنہِ شُمارس؟

# اَز بَڈ دوہہ
## (۳ نثری نظمہٕ)

(۱)

ہے خواباوٗ چھ
تیٚتھ زَن یِتھ وُنہٕ ژھٕم اَچھ نِے تَل
زَن یوٚ ے اوٗسُس
یا میٚے ہیٚوٗ کانٛہہ!
اَڈٕ کوٗٹھرِ منٛز پیٚوٗمُت فِکرَن منٛز گیر گوٚمُت
کتر بوٕ ستیٚ کرٕ تنٛجلبن آب بَران
اَتھٕ منٛز گوٹُھک ٹُھک درواز س
پکہٕ مُژہ رُم بَر
اَسہٕ وُنہٕ ہونٛجہِ تھَلہِ تھَلہِ اوس وُچھان
میٚے کُن گُستام
پرٕ ژھنَم ژٕ ے چھُکھہٕ یِیمہٕ شہرُک بسکین
ناَدِم چھُکھہٕ؟
گَلہٕ ستیٚ کوٚرمَس آنٛکار۔ گیم زَن اَقلہٕ بَقل

تمہٕ پلہٕ وِم زٕ ہٹھ برا تھا۔ بتہٕ چُنڈی ہش
سوٚنی اَچھر ومیاٗنس ناوس تل سیٛود
اُس بجرِ طوبلاہ، وَنہٕ کوتاہ؟
رنگہٕ بوٚنگلاہ، پلو پوشاکاہ "رُت کھمن چمن"
زَن گُرگوٚنڈ ناوےٚ لیکھتھ اُسی
جَل جَل تھاوِم ےٚ چُنڈی بغلَس
ووٚٹھ ہش ےٚ کڈِم بیدار گوٚژھتھ
زَن رووُس ہیُو
بغلَس سورُم تَتہٕ اوس اَکھ چھوٚت کاکد
اَتھ خوابَس وُنی تَو مانے کانہہ؟
وُ چھ کیاہ لوگتھ دَل واتڑُن نگو
اَز بڈِ دوہہٕ پڑٕ کانہہ بدَل گتھا

(۲)

بوٚڈ دوہ چھُ مُبارکھ پوٚز
بہٕ تہٕ وَنہٕ ہاےٚ تہٕ کیاہ وُچھ!!
ےٚ تہٕ وُ چھ روتلہٕ اَکھ عجب سُپُن
دوہ لوٗسن ہیُو اوس

زَنتہٕ بہٕ اوُسس باغَس منٛز
ییٚتہِ گُنہِ اوس کاثہہ گُل پھوٚلمُت
نَتہٕ سأری، رٔے گأمتی ہوٚکھمتی
کینٛہہ گَچھِ گُلی، گُنڈی دوٚپھ، سو یہِ زنڈ ہیٚوٚ
اَنٛدٕ وَنٛد زَن ہَر دُک زَزُر
گُلبن لبلہٕ وٕتر گران
اَکھ مُد تھا گو ووٚنی رٕود پہٕنَس
زانہہ ییٚلہِ پوٚک اوٚبرُک زأنپانا
رُدٕ مہرٕ تنی ہبتھ ژوٚل بالو پپٹھی
یِی سونچان اوُسس أتھی منٛز زَن نَب گو برووُن
گوڈٕ وُزملہِ گییہٕ، پَتہٕ لگرایاہ!!
ترٕ ترٕ ترٕ رُدٕ راٹھ أنِن

ہامیانہِ خدایا۔ تأجب ہا!
ویٚوٹھ رٕود تہٕ ویٚوٹھ ویٚوٹھ ڈوٹھ تہٕ گوٚبٕ گوٚبٕ شینٛکی تھوٚسی
اَسمانہٕ وَسان، منٛزی غاأب گرٕھان
یِم زَن رٔٹی پَشہِ ہیٚوٚ رہیٚوٚ رکٕمی تام؟
پٔتھرِس پیٹھ چھُنہٕ اَکھ قطرٕ پیوان
یِم گَچھِ گُلی وِہی یِم ہوٚکھی متی دوٚپھ

مَژِ نیندرِ بہٕ گوس بیدار
خدایَس شُکُر کوٚرُم
اَتھ سوٚپہٕ نَس وٕنی تَو مانے کیاہ؟
سوٚپہٕ نَس گَس سَنہِ ٹُل بَدل گَتھا
اَز بَڈِ دوہہٕ پَزٕ کانٛہہ زبَر گَتھا

(۳)

اَدِ ساٗ ووٕنی بہٕ زِومے تہٕ کیاہ وُچھ!!
اَتھ میاٗنِس خوابَس
راش چھےٚ باسان بَڈِ دوہہٕ پی!!
بہٕ ہَساٗ اوُسس اخبار پَران
تہٕ اُتھی منٛز شاید ٹاٗری گو بے یم
خبرِ ے چھمنہٕ مےٚ گرباٗ گی گاٗمژ اُچھ پیٹھ اُچھ
بُتھِ باسے یم اَکھ زٕ پٹھ سَڑک
بُتھِ ووپھر یمژ، پھٹہٕ مژ، تھوسہِ آمژ، چھٕنمٕی گمژ
سوٕنچم زٕو اَتھ وَتہِ پیٹھ ہبکہٕ کھٕ پکِتھ؟
یِنہٕ دَب ژےٚ لگی۔ یِنہٕ بُتھ ژےٚ پھٹی
پَتھ نیرُن اوس نہٕ مُمکِن ووٕنی گرٕ کیاہ؟

یِی سوٗنچان ڈیوٗٹھُم ہَنگہٕ مَنگہٕ زَن ووتلیٖو وُکُس تام
پھیکہٕ پیٹھی آکاشَس اَکھ کھڈرٕ پٹا

پوٚت چالہِ یوٚہے باسان اوس، زَن اوس گاندھی جی

پَتہٕ پَتہٕ اُسِس کینٛہہ لوٗکھ دَوان
رنگہٕ چھکُی لایان

اُڈی جاٮ۪فری، نیٖلی، ووزٕلی رنگہٕ رنگہٕ، رنگہٕ چھکُی لایان
ڈَبہٕ ہاُرکُرکھٕ تَس چھِٹہٕ ژادَر
کرٛ بکہٕ نادکوٚ رُکھ

اَہی وَنہٕ وا اَتھ کِنہٕ ووہہٕ وو
یِی سوٗنچان آس کاُٹھتھ بہٕ وُتھِتھ
کھورَس پیٹھ ما اوس کھورے گوٚمُت
اَتھ وُنیٖ تَو اَتھ سوپہٕ نَس وَنہٕ کیٛاہ؟
ہے سوپَنس کیٛاہ پیٛہِ چھےٚ اَکھ مایا
اَز بَڈِ دوہہٕ پزٕ کاُنہہ بدل گَتھا



# حِکایت

تیلہِ لوکچارَے دِہوی آنگنہٕ سُلہِ وِلہِ سون سمہٕ کھونہٕ ییے
جاناوارَن ہنٛز گتھہٕ بوٗزِتھ شُری لازِ سون وولہٕ سونہٕ ییے

چون آسُن لوتہٕ مُشکِنٛز اَمبر، چون وُسُن رنگہٕ دوٗنہٕ ییے
میوٗن ژٕے وُچھ وُچھ منٛد چھُن بزٕژِ پتھ بزٕژِ ووشہِ لونہٕ ییے

چاۓنی پاۓٹھی ژٕے تھَلہِ تھَلہِ ڈیشتھ یاد کُرِتھ مُشرونہٕ ییے
میوٗن سہٕ بادم پوش ژٕے پلوٗن چون اَزاۓنی پُچھ نوٗنہٕ ییے

اَکہِ دوہہٕ اِشہٕ بُر شرٛان کُرِتھ ژٕے پوٗزلہٕ میوٗن پژارونہٕ ییے
لُکہٕ اَرساتِس منٛز ژون طرفَن وٕنۍ دی دی ناو ہیوٗنہٕ ییے

شُری کھیٚچہٕ منٛز چون وَنہِ یُن اَخر پَنہٕ پوشرُ وُبھ وونہٕ ییے
دوکھ میوٗن باوٗن چون سنٛبہٕ لاوٗن یارلہٕ ورتاوونہٕ ییے

گنگہٕ بلہٕ رنگہٕ رنگہٕ اۆ برس پڑژھی پڑژھی پےٚ چون ئنہِ راوونہٕ یِیے
سَنگرن أنٛدی أنٛدی زُوژےٚ وٕنٛدی وٕنٛدی ٹھیکانہٕ چون ژھاروونہٕ یِیے

تمہِ دوہہٕ شیشے ناگس بُٹھی بُٹھی ہَنگہٕ مَنگہٕ چون سمکھونہٕ یِیے
وُزملہِ گاشَس لوتہِ لوتہِ لولُک سپر پٕنُن باوونہٕ یِیے

مہادِو بالَس رُدٕ شرٛانبن مَنٛز گن دأرِتھ پرٛارونہٕ یِیے
گگرایَن نکھٕ دۄنیاہ زأرِتھ پان پٕنُن پرٛکھٹونہٕ یِیے

لوَسن وَقتَس ووٚنی گوٕ روٗٹھکھ مُشرووُتھ وبسہٕ تونہٕ یِیے
کھوژَن دیو چھُکھ پَتہٕ مالارَے اَدٕ پھُٹ دِیٚہہ ہٕبتھ پرونہٕ یِیے



# نُنٛدٕ ریٛشِس بوگ

(۱)

گٔنڈی ہیتھ پھیٖوٕرُس ہکما ہکما

باڑٕ ری پرٕ ژھ ہم جِنسس باو

داغ ڈیگس چھُم پوشُک تمنا

لُکھچِن ڈیٖشتھ کوٚرہَم ناو

تیٚلہِ تہِ وُچھان اٗسی ناوار ذاتھا

اَز تہِ پرٕژھان تی کُس کتہِ زاو

(۲)

باغَس منٛز باگ سٔسرا گُن زوٗن

پانہٕ ژمیوو اَسہِ تژاویوٗن تاپھ

تمی گٔر پلہٕ وَن اَسمانَس گُن

اَسہِ تژوو سبزارَس پیٹھ ڈاپھ

اَسہِ پھِر پانےٚ تھَر پانَس گُن

راہ کُس؟ یہِ چھُ اَسہِ ازلِس شاپھ

(۳)

خرٕ وأرِس روو خرٕ سُنٛد کھرٕ
گرٕ وأرِس ژاو برٕ بیٚنہٕ وول
یَس نہٕ کہنٛژ تَس کیٚنٛہہ نٕکی اَرٕ سَرٕ
یَس پرٛتھ کیٚنٛہہ تَس کیٚنٛہہ نٕک ہول
زانہٕ یہٕ کاہ کاہ پلٕ ویٚجہٕ بڑار ٹیک
کٔمی ہیٚوٚک کُس تھوٚک کٔمی کیاہ ژول

(۴)

یارٕ گُلبٕ مٔنزٕ واوٕ رِنٛگا پیٚچ
مأدأنی مأدأنی ووٗتھ طوٗفان
ژَرِ تُج تِلِی ما پیٚرٛشا تَمہٕ ہیٚچ
کاوَس بڑاربو مَنہٕ شیطان
تٔمی ہیٚژ کتھ کُچھی تٔمی ٕکنی کتھٕ کُچھی
گتھ چھنہٕ ازتام اَنٛد واتان

(۵)

ہارٕیشہٕ، سانہٕ ضٔمیرٕ کہٕ آگرٕ
اَسہ نا کر، سأنی ووٚنٛدٕ کھوکھٕ لاو
زُوٕنکی اَرٕ سَرٕ مَرٕ ٕنکی الہٕ زرٕ
ییٚمہٕ سارییٚ ٹھُرٕی اَسہٕ موکلاو

# مےٚ چھُ یاد......

## سجاؔد ظہیرَس نذرانہٕ

دِلہِ جگرٕکی چھائ وِتھ لأوی تیوٗنگل
شہِہ قلمکی تائ وِتھ لأوی تیوٗنگل
مَنہٕ مَنقلہِ بائ وِتھ لأوی تیوٗنگل
ژیےٚ گوڈٕ اَسہِ ہائ وِتھ لأوی تیوٗنگل
گوشورٕ قلَم اِیجاد دۄہَے
مےٚ چھُ یاد مےٚ روزِ ہم یاد دۄہَے

ترٕ سیکہِ وَتہِ پیٚٹھی پۄک قافلہٕ سون
دۄ دژونگ تہٕ وَنہِ آو منزِل سون
جَل پولنہِ لۄگ اکہٕ ہۄت دِل سون
قلمچ سو عبارَتھ حائصِل سون
سُے نعرٕ چھُ زِنٛدٕ آباد دۄہَے
مےٚ چھُ یاد مےٚ روزِ ہم یاد دۄہَے

اَسہِ تہٕنٛز لبےٚ یہِ ییٚتہِ پانٛس منٛز
اَسہِ ویٚہہ تیلیٚو وزٕو جانٛس منٛز
سانٛی آلو پٔکِہ انز انٛس منٛز
ژٕتہِ فیضٕ پکِو زندانٛس منٛز
زبہِ لولک کبتھٕ آزاد دۄہے
مےٚ چھُ یاد مےٚ روزبہ یاد دۄہے

اَمنٛچہِ وَتہِ پژ ووٚتھ لولہٕ سَفر
کھُلہٕ ڈُلہٕ از موٚتھ لولہٕ سَفر
پٔکِہ پٔکِہ اَسہِ ہوٚتھ لولہٕ سَفر
آخر پژ زلوٚتھ لولہٕ سَفر
از پۆرٕ کوٚ رُتھ سےٚ وادٕ دۄہے
مےٚ چھُ یاد مےٚ روزبہ یاد دۄہے



# قطعہ تأریخ

پھُلیہِ مُژ باغ گُن وڑاے عزیز
أسی دِیان روز اسہِ ژھاے عزیز
باگہِ وان ماجہ، بُترأژ ہِشز کوٗر
چھٹرِ بوٗنۍ زالہِ گرٛپسی باے عزیز
ناوِ بوٚڈ زأژ تھوٚد، کونسر ناگ
پھاٹپھلأو تیٚمی پننہِ ترٛایہِ عزیز
ڈوٗرۍ سگواں داش کلبن سرٛ یھواں
وأنسہِ پچ ویشوِ ہِندِ آیہِ عزیز
تیٚلہِ دِژون مایہِ ہوٚت تِمن پھٔہہ پوٗر
از عزیزن یژھان آے عزیز
کأملنۍ مأج أکِس میٛأنی مأج
سونہرۍ نکھِ روٗز ہم سایہِ عزیز

(۱۹۸۹)

---

نوٹ: یہِ تأریخ وفات چھُ نأدِم صأبن امین کاملنہِ ماجہِ تیٚمِس ''عزیز دید'' ناو اوس۔ پتہٕ مِس شارس منز چھےٚ نأدِم صأبن سونہرۍ لفظ اِستعمال کٔرِتھ پننہِ ماجہِ تیٚمِس ''سوندر مال'' ناو اوس۔ نأدِم صأب چھِ تس سونہرۍ ناو اوسمُت ونان۔ یہِ چھُ چھپیوٚمُت ''نیب'' رِسالس منز تیٚمیک مُدیر امین کأمِل اوس۔

# نظم

ۂ دۍ ہتۍ کھاہ۔ ہۆکھۍ ہتۍ کھل آسن

بے کار گرن منز ہل آسن

بے تاب اگر وُزۍ مل آسن

پھل وۂڈ وۂڈ انبارَن روزۍیا

چھنن منز ٹۆربن ریٚے لۂچھۍ

پوشو کنہِ باغس سوے پھوۂچھ

واوِ ہرونہِ تیٚلہِ آسہِ ہۍ گۂجھۍ

تیٚلہِ یادن گُلزارن روزۍیا



نوٹ: سومناتھ زُتشی یَن چھُ نادِم نمبر شیرازِ منز لیٚوکھمُت زِ یہِ نظم چھےٚ نادِم صابن دسمبر 1947ِ کین اَخری دوہَن منز نیشنل کلچرل فرنٹ کہِ طرفہٕ نُمائشی منز اَکِس بڈِس اجتماعس منز پٔرمٕژ۔ اتھ منز اوس تمہِ وقتہٕ غلام احمد مہجور تہِ موجوٗد۔

# غزل

دِلُک داغاہ، اَماراہ، لالہٕ زارَس تام واتُن گوٚژھ
چھُ پَنہٕ نٕے زاٗنی کاراہ، زاٗنی کارَس تام واتُن گوٚژھ

ژٕ‍ےتھوٗتھ نظرِ ہُندمَس پیالہٕ پَنہٕ نٕے پَنہٕ نٮ۪ن نٕے تامَتھ
مےٚ تام نٕے واتہِ ہے میٲنِس اَمارَس تام واتُن گوٚژھ

یہِ یاوُن میٖون نوٚن دژاو پیٖنٛجہِ پھَٹنَے شیٖنہٕ تلہٕ بامَن
ژٕنَے پَنہٕ نی نظر گرٕہَس بہارَس تام واتُن گوٚژھ

صُبحَن پیٖلہِ شبنَمن سیماب باٗگُر یاد پیو گَس تام
یہِ ماتَس داغدارَس، بے قرارٕس تام واتُن گوٚژھ

جوٚنوٚنَن ژھاٗر پانٕے زٕپٹھ وَتھ مُستی رٕچھِس شوقَن
ہَوس تنٛبلیٖو دِیاں وٕلی وٕلی خُمارَس تام واتُن گوٚژھ

اَپِر سونٛتُک وُچھِو! باغَس دَپان گاٗرِم مےٚ ییٖژھر زَل
سو گَس تام اِنتظارَس، نَوبہارَس تام واتُن گوٚژھ

خبَر تُمےٚ اوس دوٚپمُت اَز پگاہ تام واتہِ وَقتَس پیٹھ
بو تھَوِ ہا تیٚہہ رٕچھِتھ یتھ لوکہٕ چارَس تام واتُن گوٚژھ

(۱۹۵۶ء)



# غزل

ژیٚنے تژ اُوِتھ گتھ گرٕنی، میٚتہٕ گتھ گرٕنی تژ اُوی
زٕبَر گو ووٕنی ہُما گویا شُما گو

ہَواواہ، سوٕنت کالاہ، پوشہٕ تزاہ
اَما گُمہٕ ہوٚت یہٕ شبنم کوٚت سَنا گو؟

یہٕ ما از لوٗل بیٚنہٕ سَن دِنہٕ چھُہ درامُت؟
دِلَس اَندری پکھٕنہٕ میٚنے پگہٕ نک ہیٚوٗ صدا گو

سو دزایا کیٚنہہ پزٕ ژِھتھ خوش بوے ژھارُس
خبر تَس واو ڈٕہیٚتھ کیاہ ہوا گو

اَتُر ما گوٚے ژیٚنے کانہہ پزٕیارِ شوقو؟
اَندٕری رٕنی شیشہٕ پھُٹہٕ نک ہیٚوٗ صدا گو

مُدَرے گُنڈی گُنڈی وُچھان ژیٚنے کُن چھُہ عالَم
میٚنے کُن زَن ژیٚتہٕ وُچھتھ، ووٕنی کَس گوناہ گو

بنے پڑھ ناٗدِم خبر گتھ عالَمَس منٛز
گوٗھُن اوسُس خبر کوٚت وُچھتہٕ ما گو؟

(۱۹۵۶ء)



# غزل

یُمۍ وُچھ تمۍ وُچھ رَنگ گُلِ لالَس
کمۍ وُچھ تہندِس حالَس کُن
صُبحچہِ پژۍ گرثھِ اَتھ شَر شاید
اَتھ نیٚون ٹۄربن نالَس کُن

سوتنتہِ سُلی گَتھ پوشن ژھانڈو؟
گاٲمتی آسَن سالَس کُن!
سانیٚے کتھِ گرِ دٟسۍ کلہِ والَن
پیالَن اَچھ پھرِ پیالَس کُن

شامچہِ ژھایہِ تہِ وُزملہِ کوٚنگل
دِل پوٚک، اَڈٕ ژوٚٹ زالَس کُن
ساٲری پھیران پاٲتھلی گوشن!
نآدِم تھَر دِتھ بالَس کُن!

(۱۹۵۸ء)



# نوِطرزُک غزل

راتھ محرم اِضطرابَس
تارگو گوڈ دیُت شرابَس
روے ووشلئوٗمُت گولابَس
حُسن ووگنئومُت شبابَس
حَبہٕ خۆتَن وژایہِ آبَس
زۄن چشمن آفتابَس
اۄبرٕ وُزملہِ ستی خابَس
دأر اَڈ وۆزھ گیہِ نِقابَس
ئژ یئنبرٕزَل دَر عذابَس
تار ژھینٛی شاید ربابَس
پیٛٚ وۆتھر ژھینٛی گولابَس
نأدمَن خُم کھور آبَس
ئۆ چھیٚہ تیٚمہ أزی کس شرابَس
چشمہٕ چھے پژاران جوابَس

اۆپ چھُ شبنَم کیاہ وَنےٚ
چشمِ پُرنَم کیاہ وَنےٚ
نارٕ جَم جَم کیاہ وَنےٚ
عشق سَرخَم کیاہ وَنےٚ
پادشاہَم کیاہ وَنےٚ
لول گو غَم کیاہ وَنےٚ
زُلفِ بَرہَم کیاہ وَنےٚ
کوٗکلن خَم کیاہ وَنےٚ
گس امئیک غَم کیاہ وَنےٚ
ژُکلہِ گو زَم کیاہ وَنےٚ
نظرِ آدَم کیاہ وَنےٚ
چَمن یہِ گَم گَم کیاہ وَنےٚ
شولہِ عالَم کیاہ وَنےٚ
لأوی بادَم کیاہ وَنےٚ

(۱۹۵۹ء)



# غزل

مہ تھاو کھٹۍ کھٹۍ ژٕ جام ساقی ژیٚنے ستی چھُ واراہ حِساب باقی
میٚہ خونِ دِل اَز سبٹھاہ چھُ چون کیٚتھ ژٕ رَچھ پگاہ کیٚتھ شراب باقی
گوٚمُت گُلالَن اَچھن چھُ پچھِ پھیٚر تہٕ سوٚنبلن پاٚری زان ڈٕجھر
چھنا غنیمت چھُنی یمٕزل ییٚمِس اَچھن وُنہٕ چھُ آب باقی
یوٚتام میٚہ جِگرس الاو قائیم یوٚتام میٚہ چشمن جلاو قائیم
توٚتام میٚہ آبَس اثر شرابُک توٚتاں ژیٚنے رویَس گلاب باقی
ژٕ ییٚلہِ تیٚلی یِکھ بہٕ پوٚش لاگے بہٕ آلہٕ وَے پوٚشہِ نوٚلہٕ ہٕنز لۍ
یہٕ سوٚنت ووٚنی گوٚژھ نہٕ زانہہ تہِ سوٗرن میٚہ خابِ ماروزِ خاب باقی
خبر ژیٚنے ما یاد چھے سُہ دوہ ییٚلہِ میٚہ یاد پیو ہم سوال کوٚرمے
اَچھو ونیو تھَم ژیٚنے حال واراہ وُٹھو تھویو تھَم جواب باقی
ژیٚنے چھے کُنُن کِن! نقد دِمے زُو تہِ جان دِل یا جِگر ژٕ مَنگہٕ ہم
مَہ وُچھ ژٕ میانہن چھنیٚن اَتھن کُن مَہ تھَو پگاہ پیٚٹھ حِساب باقی
یہٕ لولہٕ زیٚٹھِ وَتھ قیامت نہٕ تَم ہیٚنس دم دِیٚس نہٕ موہلت
قدم قدم اِنقلاب جِگرس نظر نظر اضطراب باقی
گُلالہٕ رنگ نادِمَس چھُ شارَن گولابہٕ چی بوے تَس خیالَن
تھکِتھ ژھیٚنِتھ تَس اِرادِہ نے وُچھ چھُ یاوٕنک آب و تاب باقی

(۱۹۶۱-۶۰ء)

# غزل

یہِ یأرؠ سنٛدؠ مے امأرؠ کوٚرنَم اگر تہِ میٛون لولہٕ نار کرِ ہے
نہَ حُسن زُوِ نہَ تاپھ کرِ ہے نہَ عشقہٕ یاوٗن نِثار کرِ ہے
بُجر قدم تھاوِہے پئُن پتھ تہٕ یاوَنس بێیہِ گولاب پھولہٕ ہَن
یہِ شوق چونٔے بہار بَنہِ ہے ہَنا اگر زن قرار کرِ ہے
دِلَس چھوکن آم اَنٛگ کأتیاہ جِگر ژٕٹِتھ پھٔلی مێیہ رَنٛگ کأتیاہ
ژٕ گرٛشتہٕ لوٚت لوٚت قرارہ میٛانے! بہار انتن شُمار کرِ ہے
انأرؠ رنٛگ ہێتھ گُلالہٕ ووشلێو ژٕ ونتہٕ لگہِ ہے سُہ کوٗت پامن
اگر یہِ کانٛہہ دِلفگار کرِ ہے اگر یہِ کانٛہہ داغدار کرِ ہے
رگن رگن سرٛیێہہ رُمن رُمن تێہہ رٕسِل نظر ہێتھ حسین یمبرزل
یہِ میٛون شوٚد بوٚد بِچور بوٚمبُر کرے تہٕ کوتاہ نکار کرِ ہے
بہٕ ہاوِ ہا نار تازٕ خوٗنَس بہٕ پێین دِمہٕ ہانِٛوس جوٗنَس
یہِ چون ہاوِس اگر نہٕ تھکہِ ہے تہٕ قاتِلس اعتبار کرِ ہے
تیمبرِ وُہان شوٗقچی چھَ پیٛہم گژھے چھِ زوتان گژھے گرٛشان کم
ژٕ وَنتہٕ لوٗلُس قرار کرِ ہے بہار ییہِ انتظار کرِ ہے
گُجر کلاَمس بتِھس تہِ ووشلُن، نظر تہِ رُسوا، حیاتِ نأدِم
یہِ لول کوٚت تام کھٹہِ ہے سبٹھاہ تہِ زَن گاٹہٕ جار کرِ ہے

(۱۹۶۱-۶۰ء)

# غزل

چۆو سُقراطَن چۆو اَکھ جام
تَنہٕ چۆو اَسہِ بۆڈ ڈل اَزتام
پنہٕ ساَ دِل دِتھ ہارَکھ دِل
پنہٕ ساَ جِگرس تھاوَکھ پام
نَتہٕ ژٕ تہِ وُچھہَکھ تَمی سُند شوق
وُنہِ چھُنہٕ چھانَس پانَس تام
لَوِ اَس اَزلےَ پڑوِ ہۄنز ماے
اَسہِ گَے اَشی پھیٖرِ اَلٖی بَدنام
اَسہِ گیہِ اَزتام صُبحُکی بڑاَنتی
یۆت تام نگہٕ ووت مَندٕنَن شام
دُب، دُب، دُب، دُب، تلواس
کیوہہٕ دِلہٕ کُنہِ وِزِ پَزِ آرام
ژٕیتہِ چھےٚ وُچھہٕژ پوشِری گتھ
میٚہ تہِ وۄد چھُم شمعُک اَنجام
اَکی کھۄبۆ اَکی چوٲکی تُل ءستی
اَنزٕ منزٕ نادِم گو بدنام

(۱۹۶۲ء)

# غزل

یاد تھوٚوٕنٕم یی گو مُشتھ تی یی مُترانٕم تی پیٚوم یاد

سونہٕ سنٛزٕ ہانٛکلہٕ منٛتر پٔرۍ پٔرۍ شرُک مُتراوٕنٕم تی پیٚوم یاد

سیر مُشتھ گوم سیرُک مَشرَفہٕ کُکلہٕ نے باوٕنٕم تی پیٚوم یاد

اَکہٕ دوہہٕ اَکھ تیوٚنگُل ننبگاوِتھ سُلہٕ وُزناوٕنٕم تی پیٚوم یاد

لَلہٕ ژٲگس واُراگِچھ سرٕ ستی ووٚنہٕ وُزناوٕنٕم تی پیٚوم یاد

شبنم سوٚنٛبرِتھ وَتہٕ پیٹھ کنہٕ پھوٚل دوٚژھہِ دوٚژھہِ چاوٕنٕم تی پیٚوم یاد

واُنجہٕ ہُنٛد پھُٹمت بَر مُژرِتھ مَن تنٛبہٕ لاوٕنٕم تی پیٚوم یاد

لَز کأستھ نظرن لیہٕ ژٔرٕ پرِتھ مینٛتہٕ پرٕزناوٕنٕم تی پیٚوم یاد

اَکھ اَکھ ہاوَس اَکھ بَدلاوِتھ ژِھپہٕ ژِھپہٕ ہاوٕنٕم تی پیٚوم یاد

کَم کَم دَم دِتھ ہَم ہُستی ہِنٛدی دُنیا چھاوٕنٕم تی پیٚوم یاد

أندریم دود أندریمہٕ مَنقلہٕ مٔنز

ووٚنہٕ لَلہٕ ناوٕنٕم تی تی پیٚوم یاد

(۱۹۶۵ء)



# وژُن

أنٛدی أنٛدی بال ووٕگنی تھزِ کارِ یَتھ ریٚشی وارِ وتھِستا رأچھ
بَنہِ رٔٹی رٔٹی پَتھ وَن وَن یارِ یَتھ ریٚشی وارِ وتھِستا رأچھ
سونہٕ ہِنٛدی سنگر روپہٕ کوہہٕ مالہٕ مَرگہٕ تہٕ بال چھِ پوشی پوش
کولہٕ رادَن اَمربتھ نٔٹی نارِ یَتھ ریٚشی وارِ وتھِستا رأچھ
للہٕ واکھَن ہتی شرُکی دُردانہٕ ہیٚنٛدی مُسلمان ہَم آغوش
اَتھِ واس رٔژھرِتھ پٔتی مے پیٲرِ یَتھ ریٚشی وارِ وتھِستا رأچھ

سورگہٕ ہَوا پڑاران اَنوارِ ڈلہٕ بُٹھی بُٹھی کانْہہ تھوٚ ہے گوش
وۍتھِ بُٹھی بُٹھی شہرِ چِہ اَچھِ دارِ پڑاران تھَوِنا دَے اَسہِ گوش

خانقاہ پربَتھ درشَن دارِ یَتھ ریٚشی وارِ وتھِستا رأچھ
وبتھ کھٔرِ ازتام پرٛتھ أکِس ٹارِ پادشاہ رازو تھووُس بوش

للتا دت بیٚنہٕ بڈشاہ گارِ
یَتھ ریٚشی وارِ وتھِستا رأچھ

(۱۹۶۵ء)

# غزل

کٔمۍ تام وُٹھ گمہٕ نأوِرٕ مێہِ گو بروٗنٹھ زہر چوم
رٕوٗدُم نہٕ پأنٕس تام یێلہِ کٔمۍ کٔر مێ نظر چوم
ساقی ژٕیپے چھے مولوٗم وَنے کیٛاہ بہٕ اَمێُک راز
چیٛتھ چشمہٕ گٔیم مَس تہٕ وُٹھن گٔیہِ نہٕ خبر چوم
تٔس بال پٔرٕ اَتھ آو حأصِل تالہِ پَتو ٹوٗنٛگ
بے جان، مێ کوٗر تاب پٔژن خوٗنِ جگر چوم
یوٗت تام نہٕ برٔتھ چأنیٚ زِ مَس کھأسۍ مێہ کُن پھیٚری
مێ چھَ چانہِ لِچھ دٕریہِ قطرٕ اَکھ توتام اَگر چوم!
نَنہٕ وانہٕ دیتھ زِندگی ہُنٛد ٹیوٗٹھ تہٕ موٗدُر جام
بہٕ چھُ چون بجر میوٗن سہزر کوٗر مێ جگر چوم
ژٕ تہٕ شام و سحر نالہٕ رٔژتھ کوثر و تسنیم
مێ کوٗر گوناہ! اَلغأبہٕ چھوٗنُے دام اَگر چوم
یێلہِ نوٗو مێ اَشہٕ وانہٕ تہٕ وٗشہٕ لیوٗو نٔنٕس روِے
تێلہِ کھوٗت فِراقٕس خُم مێ اَدٕ سُے اَٹھ پہَر چوم
گمہٕ شوقہٕ نأدِم کھأسۍ بٔرۍ بٔرۍ ہتھ چھُ وَنان سوز
مێتہٕ توبہٕ موٗٹھُم، روزِ پھٹُم، گو مێ اَثَر چوم

(۱۹۶۵ء)

# غزل

میٚے تہِ وُچھی، ژیٚے تہِ سوٗنبہٕ رأوِتھ گُل
ژے چھُکھ عأقِل میٚے گو بُل
ہیٚکہٕ کھَے وأتِتھ جِگرس وات
دِل گو ژھرٕٹہٕ ژھرٕٹ وُترٕ بُنٛیُل
گَتہِ میٛون آلَو دِگرُک تاپھ
کتہِ چون مَنٛدٕ چھُن پوٗنہِ شِہُل
اَز بێیہِ محلوٗنٛس لُجی پام
بێیہِ گو کاوَس ستی گنہِ میُٛل
رُتلہِ پَتہٕ بیہِ! بیہِ نا گاش؟
وَنہِ کیٛاہ؟ یَتہِ کیٛاہ چھُنہٕ دُل مُل
نیٚترن مَنٛز یا پٕترن پیٹھ!
اوٗش گوم شَبنمہٕ کھوتہٕ اأویُل
نیرن وِزِ وأژ وُنہِ چھُنہٕ گاش
پِنہٕ وِزِ دوٗپ ہَم وُنہِ چھا سُل
نأدمہٕ یێتہِ روٗو غزلَس مأل
گَتھِ چانہِ نَتہٕ آسہٕ پوشَن تُل!

(۱۹۶۵ء)

# غزل

گُتُل مےٚ گر چَو شراب بایو
مےٚ وارِ گر پھوٚلی گولاب بایو

أچھو دِژِم وَتھ یتیم خوٚنَس
اَتَس مےٚ سُے کھوٚت ثواب بایو

جگر پژِھان وَن بو پژارِ کوتاہ
دِلَس یہِ غم لوٚسہِ أخرس شاہ

گِنڈان شوقَس چھےٚ سوپنہٕ مایا
دِیِو سوالَن جواب بایو

یِمِس چھُ زہرِ ہلال ژھاران
ہُمِس چھُ وَتہِ پیٹھ صلیب پژاران

بہٕ تے توٚہی ہیٚوٚ جدید بنہٕ ہا
مگر یِوان چھُم نہٕ تاب بایو

ژھبابہٕ وَرزِتھ پزِس سَنُن گوٚژھ
اِشارِ ترٛأوِتھ پوٚزُے وَنُن گوٚژھ

توٚہی أچھو پیٹھ نِقاب تُلِتو!
چھےٚ زِندٕگی بے حجاب بایو

گرا چھےٚ تھچِہ مِژ سو پژأنی آشا
ژھوٚرُے تسلی، چھٕنی وومیدا

بنیٚوو حسرتھ بڈیو تمنا
مےٚ دولہٕ خابَن چھِہ خاب بایو

مےٚ تے رَچھوولول حُسنہٕ باپَتھ     مےٚ تے دِژوو زُو جوٚنۄنہٕ اَرزتھ
بےٚ پَژھ زَمانہ چھےٚ گس گسبٕژ سَتھ     کٔمِس اَچھَن مَنٛز چھُ آب بایو

اَثُر مےٚ اَزلےَ گیٚوٚو پانَس     دَپیوم بُتھ بَدلہِ یِتھ جہانَس
چھِہ ناز پژٲنی نۆس زمانَس     مےٚ دولہٕ خابَن چھِہ خاب بایو

یِہ ما چھُ ئلہِ ٹھوٚر اسی خیالَن     چھِہ گاش اَستھ تہِ ژونگ زالن
نَتہَ چھُ شنگرف وُزان بالَن     زبان چھُ گاہ بے حِساب بایو

اگر ہےٚ مۆدُس وَنوۄ سورُے     ژھنیوٚو کٔمی کیاز پان مورُے
پھبیوٚو گُس روو گُس بچورُے     گتھَن چھِہ کاٗتیاہ حجاب بایو

دَپیوم توہہِ ستی دوہا بہٕ بَرہا     سُہ پژٲنی پاٗٹھن گتھا بہٕ گرہا
وُریبہٕ لَجہِ ووتھنہِ بیٚیہِ نَظر ہا     ژھۄیتھ جوٚنَس بہٕ شورہٕ بَرہا

وُریبہٕ لَجہِ ووتھنہِ بیٚیہِ نظرہا
مےٚ دژاو گر زاتہہ حُباب بایو

(۱۹۷۰)



# غزل

وُنہِ شاہ چھُ کھارُن، وُنہِ دَم گنْڈارُن
کرٕنْجلو کرٕنْجلو آبا چھُ سارُن
جِگرَس تھَوُن ڈٕکھ، موچھِ منٛز رٹُن دِل
پارُد چھُ مارَن، پارُد چھُ مارَن
میٚنہٕ بارِ تُلی نارِ تٔتۍ کیٛاہ تھیکےٚ بو
یا شیٖن ماگک، نتہٕ تاپھ ہارُن
وٕلی تَو یہٕ ریٚہہ دوزچ آزماوو
اَلماس کارُن چھُ اَلماس کارُن
چَتھ ہوشہِ ڈٔول کانٛہہ، نہٕ چَتھ فِکرِ وول کانٛہہ
اَتہِ اور وَنٛتم یٔیتہٕ کیٛاہ چھُ لارُن
بوزَو صُبحس تام گُس روزِ باقے
حالَس چھُ روتُل، حالَس چھُ پزارُن
ہا سوشتہٕ پوشو نأدِم منوشو
ژٕیتہِ موختہٕ ژارُن، مےٚ تہٕ موختہٕ ژارُن

(۱۹۷۰ء)



# غزل

نظر ووتھ لے یہِ، گوٚو گو آسمانَس
زٲمینگ فِتنہٕ پیٚترُن پیو زمانَس
فِرشتَو ییٚن گرٕھُن ترٛووُکھ، ژٕٹکھ گتھا
یہِ آدَم گتھ دِوان وٕنی پٲنی پانَس
گرا اَسہِ کُن پھِرُن بُتھ، گاہ پھِرُن بُتھ
سبٹھاہ دوٗربر چھُ منٛزٕ وَہمَس گُمانَس
نزٲنی اَندر ازانو زونہَس نا؟
ژیے گتھ اُنتھَم یہِ ناواہ درمیانَس؟
زیوٚتھ کٔج، مَرنہٕ وِزِ اَڈٕ کٔج گٔیم گتھ
میٚے گر اَند گوڑ لبیوٚ زانہہ داستانَس؟
یہِ ما ٲزی ٲزی چھُ بوٚڈ دوہہ سوٚنتھ کالَس
کوہو پیٹھی وُزٕملو پیوٚمُت چھُ دانَس!
سُہ آو پوٚت کھورِ تتہِ گرویٹھ ڈیٚشتھ
دَپان نآدِم تہِ ژایوو لامکانَس

(۱۹۷۰ء)



# غزل

کھسہٕ وُن ہری یہٕ تہٕ رامُن راج
وَسہٕ وُن ہری یہٕ تہٕ راوُن دۄد

پانٛ ژادَرِ گیہِ اَسۍ اَسۍ نیل
تَس نہٕ خبر کُٕمۍ کوتاہ دۄد

اَچھ نےٚ تل چھُم نَپہٕ نَپہٕ یاد
شپہٕ کوہَو پپٹھۍ چون وَتہٕ پۄد

تَس پھۄر یاوُن آس نہٕ دزٕ پیٹھ
مے گو بُجرس پۄت میۆنڈ ہۄد

نَظرن مِیُل، وُزمَلہِ گَس پے
کُٕمۍ لوے تیر تہٕ گَس آو سیۄد

نبتھ نَنہِ اَنہِ گٹہِ گیہِ گُمہٕ سٕران
صُبحہٕ چہٕ دَمَدرِ نِش اوس گۄد

پَنہٕ نےٚ کاتُھا نادِم صأب
تَوہی دِیو زأنیُون میٚے چھُنہٕ ویۄد

(۱۹۷۱ء)



# غزل

گٕتہٕ میٚون آلو دِگرُک تاپھ
گٕتہٕ چون مَنٛدٕچھُن بونہٕ شِہُل
اَز یٚیہٕ مجنوٗنَس لۆج پام
یٚیہٕ گو کاوَس ستی کِنہٕ میٚل
روتلہٕ پَتہٕ پییہٕ، پییہٕ نا گاش
وَنہٕ کیاہ پَتہٕ کیاہ چھُنہٕ دُل مُل
مےٚ وُچھ ژےٚ یہٕ سوٗنبہٕ رأوِتھ گُل
ژےٚ چھُکھ عأقل مےٚ گو بُل
نیٚترَن مَنٛز یا پٔترَن پٹھ
اوٗش گو شبنَمہٕ کھوتہٕ اوٚیُل
نیرَن وِز وأژ وُنہٕ چھُنہٕ گاش
پٕنہٕ وِزِ دوٗپہَم وُنہٕ چھا سُل
نأدمہٕ یٚیتہٕ روو غزلَس مأل
گٕتھِ چانہٕ نَتہٕ آسہٕ پوشے ٹُل

(۱۹۷۲ء)



# غزل

بیٚیہِ آے ووتِلتھ پژاُنؠ ہاوَس
بیٚیہِ میٚون دِل وُپھِ لاُوِتھ گیٔے

ناَرَن ناَرَن وٚیہہ پھِرِناوِتھ
دَزِوِنؠ ریٚہہ زَن چاُوِتھ گیٔے

سوتٕس سَتہِ رٕنگٕو سوٚنٛزٕل باُوِتھ
ہَردَس زَرزَن پاُوِتھ گیٔے

اَزتام ساُنؠ دِژے باُوِتھ کٔر
تختَن وَقتَس باُوِتھ گیٔے

اَسہِ ییٚلہِ تیٚلہِ لٔج دارَس کٔن وَتھ
کیٚنٛہہ میٚژِ پھٔلۍ ووشہِ لاُوِتھ گیٔے

مُلہِ تلہِ یؤزِو پَنہِ نٔے چاربَر
نیٚرۍ ہاپتھ تنٛبہِ لاُوِتھ گیٔے

اَسۍ وُنہِ پزاران گرٛٹہِ اَنوارے
تَم تھَپہِ تھوسہِ گُل چھاُوِتھ گیٔے

تٮ۪۠ؤ تاہ تٮ۪۠ؤ تاہ روٗتُل زٕٹھیٚو

یؤ تاہ اَسہِ سَتھ تھأوِتھ گٔے

أندرِمۍ شَر گٔے أندری موکلِتھ

نٮ۪برِم دَگ وُزنأوِتھ گٔے

تیٚلہِ بوزَو یٮ۪لہِ اَنگ پیٚیہِ زَخمَن

گُل لالَن وٮ۪ہہ کھیٚأوِتھ گٔے

بَنٛدٕ پَژھ جِگرُک دود چھُ باقٕے

دِلہٕ کِس أنَس چأوِتھ گٔے

مَنٛدچھِتھ مَنٛدچھِتھ سوٗنٛتہٕ ہَواوَس

کیٚاہتام گُنٛز تٔلی بأوِتھ گٔے

تٔہنٛزٕ دیانَتھ رؤز نہٕ پَتھ کُن

یِم أندرِم چھوکھ ہأوِتھ گٔے

(۱۹۷۴ء)



# غزل

باغ گو نہٕ فقط کینٛہہ ٹۄرۍ تہٕ پوش
باغ گو نہٕ محض شۄد سوشتہٕ ہَوا
باغ گو نہٕ فقط پاں ژادرِ سوز
باغ گو نہٕ پھموارَن ہُنٛد مۄت شاہ
باغ گو نہٕ اُلِف ہیٚو سَرو رواں
باغ گو نہٕ گُلن ہُنٛد رنٛگہٕ واہ وا
باغ گیہٕ نہٕ یہٕ بُنٛدِش ڈۄربن ہٚز
باغ گیہٕ نہٕ خرامان آبہٕ جویاہ
باغ گوٕ پتھرِس کھۄتمُت نچر؟
باغ گو کوہہٕ پٕٹھی یون وۄتھمُت گاہ؟
باغ گیہٕ پَزٕ ھ گُلو شیٛہجارَس پٕٹھ
پَزٕ ھ بول بوشَس ووہٕ ژارَس پٕٹھ
باغ گیہٕ پَزٕ ھ جاناوارس پٕٹھ

(شیرازٕ، جلد۱۲، شمارہ ۳، ۱۹۷۵ء)



# غزل

کانٛہہ کانٛہہ گَتھ چائٍی یاد پیٚوان چھُم ہَنگہٕ مَنگہٕ چھُم کیٛاہتام گژھان<br>
وأنٛجہِ ووٚبِہ کِنٛی تاپھ چھُہٕ مَنٛد چھان بَرمَنٛدبن چھُم شام گژھان

تالَو پَچہِ پَچہِ گرٛزنٛد چھُم راوان، بَنٛد بَنٛد چھُم ژَلہٕ لارِ ژلان<br>
لَر ترٛاأوِتھ لَرِکانہِ چھےٚ پھوران، مُشِتھے چھُم آرام گژھان

ناأرن ناأرن شاہ تَر تلخی، رُمن رُمَن أفینہٕ ٹیٚنٛچھر<br>
ہرِ گوٚلَس نگہٕ شاہ چھُم ہوٚکھمُت، زیوِ پیٚٹھہٕ تالَس ترٛام گژھان

ساأری دوہ میأنٛی زَن مہابھارت، ساریٚے رأژ چھَہ رامایَن<br>
نَے چھُہٕ ہمان جِگرس مےٚ کرٛیشن، نَہ چھُہٕ دِل چون زانٛہہ رام گژھان

اَشہِ بِکس سوٚدرَس ژھانٛٹہِ بہٕ ترِٛہا گرِٕ ہا بُٹھی درشُن چون<br>
تیٚلہِ اوس اَوِ باپتھ لوکچارَس زُو میٛون لوٚت پأٹھی گام گژھان

آس ووٚدُم، گژھہٕ لوٗکھ وَدَن مےٚ، مانہِ تہٕ مطلَب لفظن روو<br>
نَہ چھُہٕ ووٚنِی کُنہِ آغازٕ بے نظر، نَہ چھُہٕ ووٚنِی کُنہِ اَنٛجام گژھان

گبرَن کوٚر اَکھ ئلِو شُری گِنٛدُناہ صَبرن دِژنَم زیوِ لاگم!<br>
دیٚپنہٕ کوٗلَن ژول کیٛاہ کیٛاہ اَزتام، اَز ناأدِم بدنام گژھان

(۱۹۸۰ء)

☆

# غزل

کُکلہٕ جوراہ! مند چھِ ہۆت اِظہار روُتس راتھ تام
پوشہٕ نۆلاہ! زم گرٕڈھتھ آنکار روُتس راتھ تام

باغ اَژھ! سنگین دروازَس پھٕٹے أندی پکھی یوٗسمَن
سۆنبرِ ہتی چھِن شوقہٕ مُشکٕنۍ دار روُتس راتھ تام

تنبہٕ لأوِتھ ریٚہہ پھٕٹے تیزاں ژھٕٹھ کڈاں گُنڈی یوان
أنہٕ ہأوِتھ پۆت ہوان چھا نار روُتس راتھ تام

لَوِ پھیٚر بہٕ تُج ژاکرٕ مانڈے أش پھیرِن آلو دِوان
مۆتُھ نہٕ سنگرمالہِ وُتھ گُمجار روُتس راتھ تام

گاش پھولہٕ وُن باشہِ گرِوُن آش بُری بُری عأشہٕ مۆت
نأدمَن تھوٚو رٕچھ گرِتھ گلزار روُتس راتھ تام

(۱۹۸۳ء)



# غزل

یَنہٕ میوٚن دِل دۄد تَنہٕ گیہِ وأنس
زبتہٕ چھم جِگرس ژھبتہٕ ما گو
ہے پَنہٕ ؤتھرن وۄتھ تلہِ واس
ہے کُنہِ پوشَس گتہٕ ما گو
تَسلا نَبضن، نَبضن گوس
اَدِ ژۄل یاوُن، نتہٕ ما گو
سونتہٕ ہَوا وُپھلیوُمت شُر
خوش بوٗیہِ بینہِ پَتہٕ پتہٕ ما گو
گتھ کتھِ پیٹھ ووسہِ آہٕژ زۄن
ژونگ مَزارَس ژھبتہٕ ما گو
تھاویوم رئچھ رئچھ موچھِ مَنز شہہ
ییٚلہِ گُل دژایَس پَتہٕ ما گو
یتھِ کُنۍ نیرِ نہٕ پرٕژھنے اوش
أزی بتھی پھیُر شاہمتہٕ ما گو

☆

# غزل

لولہِ مَتہِ ہول موٗنگمےَ ہلَم دآری دآری
دوٗد گریبان تہٕ گمہٕ ئری مےٚ دامَن سَپُد

ناو ہیوٗتمےَ نہٕ کَتھِ کَتھ خَبر ما گژھیم
لوٗکھ گیلَن زِ وُچھ سأ وَناوَن سَپُد

وأتسہِ اَبرُو مےٚ کأتسہٕ کوٗٹ اَکھ طماہ
وَق مےٚ ووتُھ رِنیوم اوم زَن پَن سَپُد

وائے لوکہٕ چار! نُنِدبون اَکھ موٗت سَحر
پوٗش اَکھ پھوٗل تہٕ باسیوٗم وُنی زَن سَپُد

آمہٕ تاوَس تہٕ جگَرس پتِہم پأری زان
نارِ توٗت کیازِ ہَم راز قدَمَن سَپُد

چون آنگنی پکَن وِگنہِ وَنہٕ وُن ہُبتھ
زوٗنہٕ گاشَس اِہ وِہ رات شامَن سَپُد



# غزل

آنگنہٕ برٕ پیٹھی بتھ ووشلاوُن، سپر چھُ باوُن سرِ ثوٚبۄتھ
ہأنگنہِ موکھتہٕ چھُ پشہِ پیٹھی تڑاوُن، کوہ وتراوُن سرِ ثوٚبۄتھ

اپزس پوٚز منہٕ سرِ ملہٕ ناوُن، پلہٕ پیٹھٕ چھاوُن سأد مکار
گراو گونڈُن گنہِ پیٹھ ابہٕ ساوُن، ووڈٕ منزٕ تڑاوُن سرِ ثوٚبۄتھ

لألہِ منڈ چھ ہی مالہِ چھِ باوٕنی، منز ڈلہٕ تڑاوٕنی پرٕونی ناو
کالس کوج گرِتھ ہوٚمہٕ راوُن، بوچھِ بوچھِ کھیاوُن سرِ ثوٚبۄتھ

کٔدلہٕ بلس تل سون ووپداوُن، نار منن ہتھ زالُن پان
سینگ سڑیہہ منزلس منز ساوُن، ویہہ کھبتھ ہاوُن سرِ ثوٚبۄتھ

نأدِم صأبس سوکھ دوکھ باوُن، پان بناوُن ینگرتار
ژھپھ دِتھ پانس پتھ شیہلاوُن، تن من ناوُن سرِ ثوٚبۄتھ



# غزل

پوشہِ گُلاہ پۆک کوچَو پأنَس ستۍ

یارِ گُلاہ نوِ واوَن کھۆت اَسمانَس ستۍ

ٹۆرِس آب، تہٕ آبَس کھُلہٕ سیماب بَنو

ترٛوو اَسُن کنہٕ تیٚجو وۆ دُردانَس ستۍ

سپرس فاش سَپُد منٛز وَتہٕ پَرخاش ٹُلان

آبَس ناو بَدل وَنہٕ نوۆکھ سرٛانَس ستۍ

زۆنہِ أنٛدٕری کنٛز پھٕلِ چھُ پھٹان، رتہٕ دأوِ گوٚھان

نارِ مُہُل ژٕلہٕ لارِ چھُ پَنہٕ نِس دیأنَس ستۍ

نُجدٕ وَنٛک پمپوش چھُ لوَس رأچھ گرِتھ

وۆنٹٕہِ کرکھ یِی لاے ژلان مستانَس ستۍ

نأدِم صأبَس خأدِم تورٕکی گرٕ آمٕتۍ

گنٛزران چھِس چھَس أڈٕ جہِ کتین کتھ تانَس ستۍ



# وٕژُن

گُنہِ گِنٛدِ باشو گُنہٕ أشۍ دارِ اَدِ پھوٚلی وارِ سانے پوٚش

گیوٚو بیتہِ ڈدربو بیٚیہِ وَن ہارِ اَدِ پھوٚلی وارِ سانے پوٚش

یٖنٛبرزلہِ وَنہٕ کوٚڈ ٹٕلی ٹارِ روٗدُس پیٛارِ پَنہٕ نُے اوش

گُمہٕ ستی سَگہٕ ناوٕی اَسہِ نٕٹی نارِ تیٛلہِ پھوٚلی وارِ سانے پوٚش

خَبہٕ خوتوٗن پژاران انوارِ تَس میٛول روش شاہانے

رَتھِ کھور کوشُر تَمہِ اَچھِ دارِ، اَدِ پھوٚلی وارِ سانے پوٚش

گَمہِ تام سرٛ یہہ سَگہٕ نوو اَسہِ پیٛارِ پرٛتھ کانٛہہ گَچھِ گُل مَستانے

وَنہٕ وُس دیٛدربو بیٚیہِ وَنہار، اَدِ پھوٚلی وارِ سانے پوٚش

ژوٗک تہٕ موٚدُرتُل اَسہِ اَٹہٕ بارِ سانے وارِ چھُ بَرنے روش

گُنہِ اَسہٕ وِنہٕ ہونٛجہِ گُنہٕ أشۍ دارِ، اَدِ پھوٚلی وارِ سانے پوٚش

یٖنٛبرزلہِ ما لوٚب ٹٕلی ٹارِ، روٗدُس جانہِ جانانے

سَر نوٚمرتھ بیٛلہِ کانٛہہ اوٗش ہارِ، اَدِ پھوٚلی وارِ سانے پوٚش



# سانیٹ

دوہہٕ اکہِ کوہہٕ پٲتۍ زۄن کھۄژ ژۄٹ ہِش
ناَلس ژھینہٕ مژ تَنہٕ وژھ ترٲوِتھ
روپہٕ تَنہٕ ہَنہٕ ہَنہٕ داغ ٹُنۍ رٲوِتھ
پَنہٕ پَنہٕ گاَمژ پوشرٕ پۄٹ ہِش
زۄن کھۄژ ژۄٹ ہِش ٹھچمژ گۄٹ ہِش
زَن مۄزریٚنہٕ گستام ژھلہٕ رٲوِتھ
ٹھیکہٕ دَرَن أکی تھٕو پُشرٲوِتھ
پھٹہٕ وٲرِس ءستۍ روپیا کھۄٹ ہِش
زۄن کھۄژ ژۄٹ ہِش بوچھِ لُج بالَن
اۄبرَن ہیٚژ بیٚیہٕ گج ژھوٕراوِنۍ
وَنہٕ وِگنوٕ پیۄو زَن ووتھٕ دانَس
بَتہٕ گلی زَن کھٕتۍ سنگر مالَن
مےٚ تہِ ہیٚژ فاقہٕ پھرِس شیٚچھ باوِنۍ
أچھ پھری پھری وُچھ میٚتہِ اَسمانَس

(کونگ پوش، جلد۱، شمارہ ۲، ۱۹۴۹، ۱۹۵۲ء)



## سانیٹ

ژٕرے چھُی نا لولہٕ میانے یاد تَم دۄہ
گِنداں اوس سون یاوَن ژۄ رِژۄ رے
وُچھان اُسی اکھا اَکس اُسی دۄ رِدۄ رے
گَران اُسی کالہٕ پیٛچھ سُرٕ بَران ژھۄ ہ
نہٕ آسُن کرژۄ ٹھ پھو ہارَس کوٗ رُن پۄ ہ
چھُنِتھ پَن پھو بہارَس لاوِ مۄرے
مگر وُنہٕ ژوٚنگ لولُک سانہٕ زۄ رے
چھُ وُزِ وان گاش گٹہٕ کارَس گران توٚ ہ
اَمی اکہٕ گاشہٕ لِیہٕ تھٔو آش میٲنی
پَکان گو قاُفلا سانے اَمارُک
امارَن لُج پھُلےَ نوٚو سونتھ وۄتلو
گُلالَو پھولنہٕ وِزِ رُٹ ترٛاے چاٲنی
چھُ وۄشِ چون خوش ہوا سانے بہارُک
نۄِس سمیَس چھُ چونُے نیک پَرتَو

(۱۹۵۴ء)



(سانیٹ)

# صُبحدم

صُبح دَم یُتھ چھُ پَرٕژھیوٚن گاشہِ تارُک
مُشِتھ گومُت چھُ شایَد کاروانَس
چھُ لوٚگمُت لأری کَنہٕ بے چارٕ دارُک
پَنٕنۍ ژھاران دِوان وٕنۍ آسمانَس
گُلالن وُچھ تہٕ سیٛزٕس گو تٔمِس داغ
پَتَھر شَبنم بِنٕتھ وولُن در آغوش
زٕمیٖنَن دُعا کوٚرُس نٔوۍ نَس کُنِس باغ
تھَربن دُکہٕ ویرِ پیٚے، ٹوٗربن تھَنۍ پوش
نَبَس پیٹھ اوس کُن یون ووٗتھ سبٕھاہ گو
کھوچَر تھَزرُک ژوٗلُس مِلہٕ ژارٕسے مَنز
گُلَن مَنز گُل تہٕ لَوِ مَنز موکھتہٕ سَپدیو
حَیاتُک پیَے لوٚبُن گُلزارٕسے مَنز
عوامَس ہَتی یَس گو مٕیُل سُہ بڑٕ وۄنہہ پوٚک
بِدوٗں یَس روٗد مٔنزیلَس واتہٕ نَے تھوٚک

(۱۹۵۹ء)

# سانیٹ

مےٚ گیہِ ووٚنی وأنس اَکھ یتھ شایہِ ہیٚر ہیٚر
گرِس پیٚنِس اَنٛدر زَن اَکھ ووٚپَر ژھاے
اَبَلوٗن دود حَدِ روٗس زۄتھ اوٗنہہِ راے
سَے بہروٗپی چھُ بُتھ پھِری پھِری گران وِہر
مَنَس پیٚنِس ژھیٚنیو کوتاہ مےٚ ہیٚر ہیٚر
سَنی جِگرُک دِلُک سرٛینہہ لولہِ ہُژ ماے
مگر اَتھ ژٕکر چھُسے وُنہِ ہیوٚر کُنےٚ تژاے
یہِ اَز میچھر چھُ تتھ پُچھ چھےٚ ما چھِہہ
اگر کانٛہہ شوق چھےٚ پرٛژھہ تَس تھوٚنک ما
ژٕےٚ ما ووٚلہِ بور گوٚے اَزپان پَنہِ نُے
سَرَس مَنٛز باگ سَگہِ باپتھ ہوٚکھک ما؟
ژٕےٚ گوٚے گرٛزنٛز پھیٚر ڈوٗلے میزان پَنہِ نُے
یِمَن سونٛتن گرُن اوس گیہِ گرِتھ کژاو
ژٕےٚ وُنہِ خابو أنٛدرِی خابَن گرُن ناو

(۱۹۵۹ء)



# سانیٹ

پژتھ سمیٚس منٛز بیٚنہِ دیٛار گرِکھ یا روپھ کاٲرِتھ یا سون کاٲرِتھ
دیارَو سٟتۍ دُنیا دارَو زیوٚن اَپُز پوٚز گری گری ٹوٹھ مُدا
زَربائٟ وٲلِیت طمٕہس کھورُکھ کمخاٲبِ سجوٗدُکھ حِرص و ہَوا
شوٗقس پیوٚو بیٚنہِ صٔحراو کٔڈُن کہہ وَچہِ کھارُن پارُو مارِتھ
خوددار جوٚن کھوٚت تیٛلہِ وَرگس یِیلہِ اَسمانَس کھوٚت پکھہِ وٲہرِتھ
تَنہِ جامہِ فقیٖری ہٕنٛدی لا گن مَنہِ وُزنووُن میوٚٹھ صَدا
پژتھ کاٲنسہِ ہیوٚے وَرتاو کوٚرُن سونہِ روپہِ کُنہِ پَزِ دِلہِ لولہِ دُعا
کُنہِ ژٲڑی ژٲڑی ہَنہِ ہَنہِ سنگلاخن پتھ روٗدنہِ کُنہِ کُنہِ دِل ہارِتھ
تیٚمۍ خوٚنَن سٟتۍ نوولولہِ شَماہ تتھ ژُناوِیا زانہہ ہَردِنۍ ژھٹتھ
تتھ کیٛاہ کرِ ششرُک زیوٚٹھ سَفر، تتھ کیٛاہ کرِ واوِچ یاوِ گلَن
تتھ خوٚنَس شولَن شوقہِ مَلر، سودرن یوڈِ وٲنجِ اَژِ نٔٹھ نٔٹھ
تتھ خوٚنَس یِیلہِ بَنہِ نارِ تیوٚنگل، اَسمانکۍ تارَکھ تام اَلَن
اَتھ وُشکہِ سوٚتَس وُنہِ سٟے چھُ تٔرار اتھ فُقرس وُنہِ رِندانہِ اَدا
وُنہِ وَتہِ ہاوُک چھُکھ ذوقِ یقیٖن، وُنہِ عَربَن مَدتَس شیرِ خدا

(۱۹۶۲ء)



# سانیٹ

مےٚ گو یُژ کال ووذ یَتھ بڑانٛدِ کنہِ پٮ۪ٹھ
وُچھان کر چانہِ پَشہِ پٮ۪ٹھی کھُرٕ پرٕنم زوٗن
اَما دِی ما سَنا بارَو دِلُک خوٗن
وَچھس پٮ۪ٹھ زَن مےٚ کٔمی ہم تھوِ نِلہِ وَٹھ
اوٗبرُ ووٗہرُن ژوواپاسے کڈٕن ژھَٹھ
چھوٗکُن فرہاد ہےَ میٲنٕس چھوکُن نوٗن
ہُپٲرٕ ینٛز کوچہِ اکہِ منٛزٕ وُنٛگنہِ لوٗگ ہوٗن
دِنَن گئے کاینٲتس ژاپہِ نَٹھ نَٹھ
یِہ کٔمی ووٗش تژوو بھگوانَس گرٕن گرٛاو
تلا کانٛژھا دِیوٕ ووٗلٕ ینٛز نظر یون
مُتِس ما کٲنٛسہِ ینٛیہِ تُل مُت شُربو ٹاو
دِوان ما دارِ پٔتۍ ینٛز لٲل کانٛہہ گَن
کھٔٹِتھ یوٗسُف وٕٹِتھ دامن زُلیخا
وَنَس منٛز ژھاے اوٗش وَدرائے سیٖتا

(۱۹۶۲ء)

☆

# سانیٹ

اَکھ واو رِنگا آیہِ تہٕ پھوٚل زَن سون جِگر
وُژھ مُشکِنٕ دار تہٕ لبہٕ گیہِ سوٗنہٕ ہیٚژٕ طرفاتَن
وُچھ میٚؤٹھ سوٚچُن واٲلنجِہ گو دُب دُب اَڈراتَن
تَن ناوِتھ اَمر تہٕ مَنٛز کھُرِ وُنی سأنی نَظر
یکَدم دِیہِ نفرَژ ہُنٛد چِتھ کُمی تام زَہَر
روٗث بیٚیہِ اکہِ وِزِ ویٚہہ پانٕہ ہُٹس تَل شیونا تھَن
تُل لولہٕ وَتَن کُن شوخ قَدَم لُگہٕ اَرساتَن
لوٚگ اَنہِ گٹہِ چاک گریبانَس ووسہِ آو سَحر
ووٚنی گو یُژکال میٚتہٕ چکہٕ مَکہِ اَتھ وَتہٕ وُچھنَس
مےٚ چھُ باسان زَنتہٕ پلیٚوُمُت چھُس یتھ شہرس مَنٛز
تَمہِ آیہِ گژایہِ تہٕ تژایہِ چھُ اَسہِ بَس دژیہِ قسمَس
اَسہِ پژتھ وِزِ کوٚر گاندھی وُڈرُن کیٛت لَٹہِ لَٹہِ سَفر
اَز تُلناو لاد تہٕ پزژھی تَو کأنسہِ ژٕ کُس با چھُکھ
پژتھ کأنسہِ چھُ موٗٹھمُت، مول وَنان "کُس چھُکھ، کُسُنٛد چھُکھ"

☆

## سانیٹ

مےٚ وُنہِ چھِم یاد تژیشوے ساز چأنی
أدِر نظراہ، موٚدُر آلو، ژٕنٛج کتھ
رٔنٛج کأژاہ مےٚ گٔیہِ لوٚچ دِنٛج وَتھ
پٕشُنٛج پٔنٛج پأڈٕ رِکھ ہش زِندگأنی
أسِتھ زَن تاپھ نوٚن پیٚوٚ بژأرۍ کأنی
وٕسِتھ زَن کھور کوٚڈ ہَردَن ہَناہ پَتھ
ژےٚ وۄش تژ وُتھ دِلن کٔڈ ووٚٹھ گٔیس سَتھ
ییٚمَے کیٚنٛہہ تاپہِ ٹیٚچِہ کأینات میأنی
نتَے بہٕ تہِ ہاوساہ اکھ آوسیومُت
ترُن سازاہ ضرب کھٔبتھ چھس وُشنٛی لےَ
چھٕپتیٚمژ شوخ تصویرٕچ جوأنی
مُژھیٚل یاوُن سبٹھاہ ٹھٔکۍ ٹھٔکۍ بُلیومُت
تھٔکِتھ لۄسِتھ تھوان رٔچھ رٔچھ پٔتِم شےَ
بہٕ سوٗژُل آسہِ ما پوٚت ژھاے چأنی

☆

# نعت

سوٗنٛزٕ تہٕ زٕہِتھ نِظر مأری موٚنٛد مُژھیٗل پڑاگاش
ہسوان چھُ کھوٚنہِ کاپیٚناتَس، گَران چھِ سپرَن فاش
پٔزِس دِوان چھُ سٔدِل، بأطنَس تُلان پُرخاش
وُژو چھُ عشق ہیٚچھان ییٚلہِ پگھَن چھُ نیران واش
کٔڈان یَراۓ چھُ نُو وَتھ پَکان چھےٚ بڑونہہ بڑونہہ آش
مَنٛدان چھُ عشِق سَمنٛدر، عقٕل بَنان آکاش
سوٗنٛزٕ تہٕ زٕہِتھ نِظر مأری موٚنٛد مُژھیٗل پڑاگاش

ووتھان چھِ نِنٛدرِ وَچھَس مَنٛز قلنٛدری انٛداز
وَزان چھُ آرٕ گرٛزان شانہِ بوٚڈ ییٚہ فقرُک ساز
بَران چھےٚ گوڈ ییٚلہِ ہِمتَس شرأچ فتح آواز
گَژھان چھِ ہَنہِ ہَنہِ اِفشاء موجبٕکو سٔنٛز راز
تھَدان چھُ آدٕمی قَد ییٚلہِ گَژھان چھُ اِفشاء راز
ووتھان چھِ نِنٛدرِ وَچھَس مَنٛز قلنٛدری اَنٛداز

پَکان یہِ وبتھ ییٚلہِ اَسہِ کَنہٕ نَوان چھےٚ سأنی کٲشِر

پٔزِس پٔزِس چھُ گرٕ ھان میٚل بنان چھُ میٚون ضمیٖر

سَگو أمی میٚتہِ دِل پھأٹھلوو چون ضمیٖر

سبٕھاہ وسیع چھُ اَمیُک سرٕیہہ تہٕ مایہِ ہوٚت تأثیٖر

تہٕ لأرجاہ و جلالس چھَ سأنی نان تہٕ شیٖر

دُعا سلام اٰلٰہی ثواب خیٖر قوٚبوٗل

کٲشِرِ سانہِ ریٚشت ٹوٗٹھ فخرِ حُبِ رسولؐ

(۱۹۶۵ء)

☆

# کرٛسمس

دۄسہِ تَل وأتِتھ زَن کاںٛپیٛوس ہیٛو

اَتہِ اَنٛد پۆکھ دَم پھُٹی شَہہ کھَسہٕ وَس

بَرٕ گوٗمُت وَق ژھبتہٕ گوٗمُت دۄہہ

دۄسہِ تأرٕم لاپٕنٛتھ تہٕ رۄٗزِتھ گوس

گُلی تَنٛدلاہ نبتھٕ ٹنٕی، أڈیٕ ژوی کرٛژز

سٔترِس پٔتھرِس مَنٛز نیٛرٕ رُوِتھ

پھَہہ کوٗٹِس وودنہِ، کأونہِ ہَتھ شَتھ

ژٕودِ لَجہِ مَرٕ گوڈٕ پیٛٹھٕ تِہرِس تام

گَلہٕ کُنی چھِ کیٛنٛہہ اَویزان کیٛنٛہہ نَلہٕ کُنی

کیٛنٛہہ پٔتھرِس چھکرِتھ زَن پۆہی پَن

ہَے بُنگہٕ ہیٛو اوُسس شاہ گُنٛزران

پیٛٹھی کُنی آے جاناوار ژٕٔسِتھ

ژَرِ ہارِ بچارِ قُمری کرٛبکہٕ ناد تُلان

زَن ہنگہِ مَنگہِ رۄٹ ہَس ژۄر گَران

گتہِ آم تہٕ پیٚوم ویت نآم ژتبَس

ہٕکہِ ذیٚہنَس مَنٛز ووتلیٚوم ٹیٚوٹھ دٕ ہہ

ٹٕکہِ نأرَو مَنٛزی زَن شور پۄکُم

ژَمہِ ژھنٛی ژِھنٛی لاریم نارٕ تیٚونٛگُل

سیٚنٛدِ گوس تَہٕ زَن وبگلِتھ گوس

(۱۹۶۵ء)

☆

# بێیہ اَز لُجِھ ہاگھ

## عَرب مُجاہدن ہِنٛدِ ناو

وڑاے تارَکھ باز‌َر ٕکنہٕ ہَن ہِر
ہِرسأے تہٕ ہَٹہِ ما ؤژھ لۆگن
گَٹہٕ گوپھِ مَنٛز کیٛاہ سَرٕ وأز سَپَز
ژھوپہٕ گَل گوشِہٕ بێیہِ مَنٛزی کُڈ وَتھ
پوٚشیٛج ژھۆٹ وأنٛس صُحیٛج گٔر
آکاشُک ژُیہہ گَو گاشہِ ؤری
نَتہٕ کأنٛسہِ کۆٹاہ کانٛہہ نَبہٕ تارُکھ
لبہِ قَرنَن گرٛنٛد، أچھ ٹٕٹہٕ واہَرے
پیٛنٛد أسَس دِتھ بیٛوٚٹھ سون سَمے
بأسَس گَتہٕ ویٛوٚپ أہرٕ جَلَن
ٕکنہِ واجَن پھُٹرِتھ تیٖز دیٛتھ
اوہہٕ نأجَن بیٛوٚن بیٛوٚن وبِگلِتھ سبھ
مأدانَن سیٖکہِ رَتہٕ دأوی پھُلَے
نمرۆدٕنی دِم۔ فِرعَون أہَم

اَز بێیہٕ اُج ہگھ۔ یوٗسُف چھُ ءکنُن
کانٛہہ ہیٛوٗ؟ ہێیو۔ کانٛہہ ءکنٛز وِءکنو
اَز بێیہٕ اُج ہگھ یوٗسُف چھُ ءکنُن
ووزجوٚ چشمو ہیوٚت زوٗل گرُن
خَشمُک بُتھ بێیہٕ گو نارٕ تیوٗنٛگل
یَتھ اَڈ کھوٗرِس سَمسارَس
گُنہٕ چھُنہٕ نارَس ژھٕبن
ہُتہٕ ژھیوٚ راوہَو رَتہٕ چھٕپھ دِی دِی
بێتہٕ نمرُوٗدو بێیہٕ ہُر وِژہَس
ووزجَو چشمَو ہیوٚت زوٗل گرُن
خَشمُک بُتھ بێیہٕ گو نارٕ تیوٗنٛگل
نمرُوٗدٕنی دَم۔ فرِعون اُہَم
یِم گٔے کێنٛہہ ژِہی۔ کێنٛہہ آدمی ژِہی
وُنی اُسی تہٕ وُنی زَن اُسی نہٕ زانٛہہ
پوٚز گاشہِ وٗری چھا زانٛہہ سورَن؟
زِنٛدٕگی پگہٕ وِنی چھا کھور موٗرن

(۱۹۷۱ء)



# مُناجات

زیوٹھ ییٚہ صُحراو، ییٚہ صحراو ییٚہ صحراو
آش، ترٛہنٛد ناو، ترٛہنٛد ناو، ترٛہنٛد ناو

آب، زُوَن پاے، زُوَن پاے، زُوَن پاے
شوق، بےٚ پَرواے، بےٚ پرواے، بےٚ پرواے

عشق، بلاوپر، بلاوپر، بلا وپر
وَصل، ییٚہ شمشیر، ییٚہ شمشیر، ییٚہ شمشیر

میوٚن قَھا ژھوٚٹ ییٚہ بےٚ پَیوند ژُھوٚٹے گرنٛد
چون رَضا، اَسۍ چھِ رَضامنٛد، رَضامنٛد

خوٚنہٕ جُرِتھ چوٚنہٕ، ییٚہ صُحراو ییٚہ صحراو
گاشہِ بُرِتھ آش ترٛہنٛد ناو، ترٛہنٛد ناو

(۱۹۷۱ء)



# اَز راتھ معراج

اَز راتھ کُیت ییٚلہِ مۄلہٕ پیٹھے پھۄر گُلبن پےَ
پچ شبنمچ شیٚچھ گاسہٕ کرٛچن زنتہٕ صُبحچ شےَ
بُتہٕ رأژ بُرَ کھُیٚتی تہٕ میچکھ زَن تیٚنج آگےَ
یَم بے وَساہ أسی روت روتےٚ لُب تمو آگےَ
زَن آشہِ رَستمن آش میلتھ ژۄل دِلُک زَن ہول

لاچار سیٚکہِ پھٔلی اَز ہَٹرلَد پان پرکھاوان
لوتہِ آیہِ ہَوا رِنگ ہوان پےَ چھُ گتہِ طوٗفان
بُتراتھ شوقہٕ چہِ ترٛکرِ تولان آسمانٕچ شان
زِتنن چھُ تَران فِکرِ، شفَق کیٚازِ چھُ شولان
تیمی ہیر پأنس لأج تمی وَعدٕ پنُن پول!

یَتھ زیٚر گُجہِ پۄک لولہٕ پےَ تتھ زانہہ لکیا پیوٚند
شوقُک سٔدر چھُنہٕ لٔہرٕ مۄت نہَ چھُ سأحلن پابَند
تیمی لوٚب وُجوٗدُک آسمان تتہِ تارگن چھُنہٕ گرٛند
اَکھ لاپنھ اَکُے ژیوٗہہ، نہَ چھُس گوڈتہٕ نہَ چھُس اَند
تیمی لول بۄر لوٗس تہٕ تمٔس ستی پکان لول

یَتھ رآژ سَحَر پزارِ چھے سوے راتھ موٗدُر مَس
مُتۍ مُتۍ چھُ نیران شوق تہٕ بیدار گوٗھان حبس
ارمان ہوٗان لوٗب تہٕ نوان وُپھ چھُ زَن ہاوَس
پَتھ کُن چھُ روزان شہَہ چھُ ہوٗان نامِ خودا بَس
اَتھ عالَمس یِم واتۍ تِمو ژوٗک تہٕ موٗدُر ژول

اوٚ تام زَن چھِنہٕ میانۍ پلَن پوٚز نے فرماوِو
کوٚ تام کرٕنِچھر ژالِہ اَخر سپر میتہٕ باوِو
اَنزوان شوٚد یوٚد آسہِ کانْہہ تَس زان گرناوِو
یَس درٕینٹھ پیِہ نہٕ وَتھ تہٕ تِمس پانہٕ وَتھ ہاوِو
نَتہٕ شاعرا چھُس تارِ گوٗمُت سُنٛدِ جِہ دِوان زول

(۱۹۷۱ء)



## حَمدُ

ژٕپری سبٹھاہ ووُتس

پڑٕھی دزٕ اٟتی کھٕبتھ چھٕتھ

ہَے بنگہٕ مٟیز بان

وُٹھ پھِسر ارٕے

بٟوُٹھُس لَبہِ کُن

مَنٛدِ چھٕتھ، مَنٛدِ چھٕتھ

اَتھ پٕٹھرِم

دَستَر خان وَہرووُ کھ

مَجماہ ووُتُم بڑٕ وٕنہہ کُن

بِسم اللہ تُلمَس سَر پوٗش

اَتہِ نہٕ کِہیں

دیگا کھٕرٕ......مَجمس پیوٗ چوٗنچا

کِہیں نہٕ چوٗنچا،

کھوٚت، قاب، بیٚیہِ ترٛ ووٗکھ مےٚ کِہیں نہٕ

کھشِو مےٚ کِہیں نہٕ

وِزِ وِزِ آیہِ ضِیا فۄرٕ بزٕ وۍہہ گُن

رَنگہٕ رَنگہٕ نیاٗمرٕ

کِہیں نہٕ...... کِہیں نہٕ

چوٗنچو چوٗنچو

کِہیں نہٕ...... کِہیں نہٕ

میٚنٛڈِ میٚنٛڈِ میٚتہِ کھشِو

کِہیں نہٕ...... کِہیں نہٕ

کھٕتھ چٕتھ پوٚ رُم حَمدُ

وُچھ کوتاہ، کِہیں نہٕ چھےٚ ووپدیوٗ مُت

اَز سَپُدس یُرٕ کاٗلی بہٕ سیر

(۱۹۷۴ء)



# نعت

تصوٗر تُہنٛدِ رویَک آو مُشَخَص گو گولابَس رَنٛگ
تُہنٛدی پھولہٕ وِنی ڈٮ۪کَن دیُت اوبروے گاشری سنگَر مالَن
لوٚبُک پےَ تُہنٛدِ سَروِ قامتُک قَد وڑاو پانٛژالَن
تُہنٛدی والیَل مویَن رأژ تھوٚو سرٛیہہ ماہتابَس رَنٛگ
تُہنٛز خوشبوے بوے عَنبرہن سوے آفتابَس رَنٛگ
تُہنٛز آواز عشقُک راز سٔدرا بأگرِتھ پیٚالَن
توٚہی ؤنی تو یہٕ اکہٕ ہوٚت لوو دِل گمہٕ آیہٕ سَنٛبالَن
گربم نےَ لول اَتھ روٗٹ کیٚاہ لگہم دِلہٕ کٔمن حُبابَن رَنٛگ

پَزر ووٗسی سمنٛدر آنٛتہٕ رِوٗس نوٗرچ علمدأری
یہٕ میٚانی ژھٹہٕ وأراَتھ مَنٛز یَتھ بُٹھِس یا ہُتھ بُٹھِس أسِن
چھُ آگُر عالَم نوٗرُک گُنہٕ اَتھ مَنٛز وٮ۪پَن سأری
جِگر بھرپوٗر أسِتھ لول ہوٚت یَس باسہٕ تبتھ بأسِن
اگر وَچھ آسہٕ بوٚڈ لچھ دأدی أسِتھ تَس چھُ گٹہٕ مَنٛز گاہ
تیٚمِس پوٗز حُب چھُ تَس ستیٚ رَحمتِ محمد رسول اللہؐ



# حُسینؑ

وُسوار یَراوٕ، پۄختہٕ یقین، اَلماس جوٲنی، لولہٕ مۄٙر
راہبر ہمراہ اَکھ نامِ خودا وَتھ ہاوٕنۍ کرٕ فولاٰدی نظر
تیٚمۍ بیٚرٕ ژھِ پَژھِ وُزنوو سیٚکہِ صحرا تَتھ پَژھِ دزامُت اَز تازٕ چھُ تر
پھژ کہٕ وُن پھژ کہٕ وُن گژبکہٕ وُن گژبکہٕ وُن تتہٕ پھوٚ گرِوُن اَکھ سوزِ جگر
اَکھ برٛبکہٕ قاٗفلہٕ شوق پَکان یہٕ چھُ عشق نہ اَتھ کاتھہ خوف نہٕ ڈر
اَتہِ چھِنہٕ گژندٕ کاٗتیاہ ستۍ پکِن، اَتہِ چھِنہٕ غم کوتاہ زیٹھِ سفر
اَتھ خوٗنَس وَنہٕ کیاہ خوٗن وَنا، ایمان چھُ پژلان لعل و گوہر
یِم چھوکھ چھِنہٕ چھوکھ یہٕ چھُ سوتھ اَسان، امرٕ بتہٕ شدرس کھُتۍ پوشہٕ یرٛ
یٹہِ قول چھُ دَچھِ تلہِ لولہٕ ترٛر، یٹہِ ترٛلیش ہمان چیتھ خوٗنِ جگر
اَکھ عزم چھُ شولان نارٕ تیٚو تُگل، مَنٛدٕ چھان چھِ فراتکۍ آبہٕ مَگر
اَتھ وَتہِ پیٹھ پوٚک شوٗد ساوٕ جوٗن، پَزرِ چ پژہ ہتھ بے واے حُسینؑ
اَتھ وَتہِ وُنہِ مولا رأچھ کرِتھ اَتھ شاپہٕ چھُ موکلن پاے حُسینؑ



## نعت

# اِنتظار

گَل مےٚ گنے یَم، یَژہ تَنٛبہٕ لیَم
پُژنَم پژھِ ہوٚت پان، بہٕ کیٛاہ گرٕ
وَژھِ وأنٛجہٕ تام ہَوَس تَر دژام
دۄپہَم یۄرٕ چھُ یِوان، مےٚ وُٛژھ تھَرہ
رُمہٕ رُمہٕ گأم گُمہٕ سٕران، بہٕ کیٛاہ گرٕ
حبسہٕ ہوش رأوِم، تھَپہٕ تھوسہِ پٕرأوِم
چھَلہٕ چھانگرِ اَرمان تہٕ چھورٕ چھورٕ
اَشہِ ستیٚ نأوِتھ وَتہٕ شیٚہلأوِتھ
پۄٚرُم لَشہِ دود پان، تہٕ زَرٕ زَرٕ
رُمہٕ رُمہٕ گأم گُمہٕ سٕران، بہٕ کیٛاہ گرٕ
رٕچھیٚتی سٕریٚہہ ستیٚ، وَچھِ تلہٕ ریٚہہ ستیٚ
رۄژھ رُم مۄزریٚنہِ پان مےٚ نَوِ سَرٕ
مۄحبَتھ میٚژتھ، نَظرو ووٚنتھ

وَتھرُم زرٕبفُی تھان، سُہ پیٚوم پرٕ
رُمہٕ رُمہٕ گاٗم گُمہٕ سرٕان، بہٕ کیٛاہ گرٕ
اَشہِ سَگہٕ پاٗلُم، پَد پَدِ زاٗلُم
چشمَن ہٕنٛدی شمع دان مےٚ اَرٕ وَرٕ
جِگرٕکی ناٗوِتھ، داغ ووشلاٗوِتھ
آکھ چھِم ژاٗنگی پرٕزلان مےٚ گرٕ گرٕ
رُمہٕ رُمہٕ گاٗم گُمہٕ سرٕان، بہٕ کیٛاہ گرٕ
وَق ووت، وِز ییہٕ، دِیہٕ دَرشُن دِیہٕ
لَیہٕ ہوٚت موٚت ذی شان، بہٕ گتہٕ درٕ؟
گاشُر ساتھاہ، نوٗرٕ بَراتھاہ
نَمہٕ نَمہٕ سرٕیٚہہ شیٚہلان، مےٚ اُچھ دَرٕ
اوٗش چھٕنہٕ گُنہِ ٹھہٕران، بہٕ کیٛاہ گرٕ
پارٕدی زَن گاٗم پَران، بہٕ کیٛاہ گرٕ
لوٗلس ما کھسہِ ہان، بہٕ کیٛاہ گرٕ؟
رُمہٕ رُمہٕ گاٗم گُمہٕ سرٕان، بہٕ کیٛاہ گرٕ؟



(۱)

گُلِ دو وۄدَن وَنہٕ کۆڈ جافُر
آلَو دِتُنَس برٛژو کھَنڈ پڑار
وُنہٕ وُچھ تاپَس رَنگ گنہٕ تیٖجن
وُنہٕ کیٛاہ ژریہ تہٕ کوسہٕ ژَلہٕ لار؟
دۄپنَس ژریٚ چھُے وۄتھہٕ وُن یاوُن
مےٚ ہا بَبہٕ سورٕیوو تیٚلہٕ لوکچار
ژےٚ چھُ ہَر دُک ہَر ہانگُل چھاوُن
مےٚ چھُ مَٹہٕ سوٗتنی مُشکنی دار

(۲)

آبہٕ رِکھاہ اَکھ ہیٚرِ وٕژہ چکہٕ مکہٕ
ہٕگھِ تِلہٕ ما ہتھ وۄڈِ دِتھ تاج
وُنی کھَسہِ وتھِ یُپ، ییٚرِ گوٗھِ دُنیاہ
ییٚتہٕ یوگُن آسہِ میٛوٗنے راج
اَکہِ دکہٕ ہَچہٕ کھُنڈ نُج سیکہِ شاٹھَس
ژھوٗژرَس پوچھَر چھنہٕ موحتاج

(۳)

راتچہٕ ژھوپہ دپہٕ تھَنہٕ پوٚ شبنم
وٲتھَرِس وٲتھَرِس گےٚ گُمہٕ سرٛان
صُبحچہٕ زٕژٕ گیہٕ پوٚت وژھ پھیرِتھ
ییلہٕ تمی سُرٕ دَگہٕ نشہٕ دِتی پرٛان

(۴)

اَندٕ کُن نبتھٕ نوٚن کُن زوٗن پھرٛستاہ
کاوَن نگھٕ ڈَکھٕ کاواہ بَس
بونہٕ أرِکس لُج چھگ پَنہٕ وٲتھَرن
شُری کھیٚچہٕ اکہٕ کوٚر ٹاواہ بَس
لگہٕ لَنجہٕ لِتھ وِتھ پانَس پانَس
کاوٕ ییٚنہٕ وول ژوٗل واواہ بَس
پھرٛستَن أندی پکھی وٲنی دِتی واراہ
سُہ تہٕ بیٚیہٕ دَیہٕ سُنٛد ناواہ بَس

(۵)

واوٕ رِنگاہ اَکھ وزٛاے یِہٕ سأئلس
مأئلس گوٚڈہٕ نِس پوٚ تَس مأئل
نی طوٗفانَن پَنہٕ نِس ذأئلس
تی گوس یَتھ تَس اُس نہٕ ہأل

(۶)

اۆبر لٚنگا کھۄت وُلہٕ مٔنز بالَس
نالَس دٕتُنَس وُزمَلہِ چاکھ!
کھونہِ مَنٛز ہبنہٕ آو مَنٛز پانٛژالَس
زالَس لۄگ پیٛوس وُپھنَس ٹھاکھ!
گتہِ گنٛڈ ہیٚر گوس وۄتھ پاتالَس
موچھہِ چیٖرتھ ژھٔٹ شُری زَن باکھ
اَسہِ دۄپ گگہٕ رائاہ گیہِ حالَس
یۄت تام گرٕ پیٚیہ وأتِتھ لاکھ
یارَن یاراہ گرٕ اۆن سالَس
نو شیٖنَس گمُی پرٕژھ گتہِ زاکھ

(۷)

گُلی لَنجہِ نِشہِ گو ژھبنہٕ پَنہٕ وٕتھراہ
پیٖران تہٕ گیٖران پتھرِس پیٹھ
وزِمنَن دۄپ یہِ چھُ میٛونُے میٛتھراہ
اَڑہ ڈَنگہٕ پٔتھ وۄتھ سٕترِس پیٹھ

(۸)

ووٚتھ کڈ سَرٕکہِ تہٕ گیہِ کوچَس کُن
تَتہِ آسی اَنہِ گٹہِ دِتٕی مٕتی مؤل
بَر جوراہ آسی گنہِ گن مِلوِتھ
لوتہِ لوتہِ گَتھٕ گَرنَس مشغوٗل
سرٕکہِ وُچھِتھ کوٚر دوشٕوے اَسُنا
کرٕہو باوَتھ تہٕ لَگہِ گَتھِ طوٗل
بونہٕ ہی تھَرِ پیٹھ اوٗش پھیرِی زوتان
ہیٚرِ نبہٕ ہیے پیٹھ تارَکھ زوٗل

(۹)

وُتھی دَگہِ تَل لُج بُزِنی لیٚجاہ اَکھ
بُتھ چھلی چھلی کھٔرٕ ڈَلہٕ دوٗلی باے
وُمَرن وأتسَن ہٕندی مَٹہِ کھٔتی مٕتی
پاپ .تہٕ پوٚنی تَس چھَلنَے آے
اورٕ آو گُس تام کھوٗشنا کوٚڈنَس
گترٕبن کیٖژَن لوٚگ بیٚہِ آے
دوٕیہِ دوہہِ سَزٕ لوٚ نگ لوٚگ مَنٔز کوچس
دوزخہٕ پیٹھٕ جَنتھ پٔدی ڈاے

(۱۰)

بۄڈٕ کھورا اَکھ وَتہِ پٹھ پیٚوٚمُت
اٲسا وُہرِتھ ژھاران ترٛیش
ہۄناہ اَکھ آو لَمہٕ ناہ کوٚرنَس
پھُچہِ مَرٕ بُتھی کھَنجہِ دِنُتنَس پھیش
ڈالا دِتھ نیٚوٚن نالہِ اٲکس مَنٛز
ترٛیشہِ ہُتَس دیٚو اَز پھُٹہِ ترٛیش
سپراہ اَکھ وُژھ بَڈٕ ہَٹہِ گنہٕ گُن
ژٕ تہِ اَڈٕ کھۄراہ، بہٕ تہِ مہارٲنی

(۱۱)

مُرژٕ گَرن اٲکی تَصوٚپرا گوٚر
تَنہٕ ءِگتھ گٲری گٲری یوٚرنَس رَنٛگ
گَتھہٕ گَرٕونہِ رَنٛگہٕ ٹیٚچہٕ چھُکرٲوِتھ
نوٚن کوٚڈنَس پرٛوٚن اَکھ اَکھ اَنٛگ
بُتھہِ سیٚوٚد تھَلہِ تھَلہِ وُچھنَس پانَس
رٲوِتھ پرٛوٚن، پرٛاوِتھ ٹھَنٛگ

(۱۲)

گُہی ریوٗنزا اَکھ ہارِیو وَنہِ کوٗڈ
دوٗرے بڈٕ ہٹہِ وُتنس ناد
کیاہ با سُلہِ ولِہ کوٗت سکھروٗتھ
کُس دَر دِل چھے پیٚوٗمُت یاد
توہہِ چھےٚ ہَرِدچ سَن وٕڈراوِنی
مےٚ چھُ سوتس سوٚنبُرن جاداد

(۱۳)

کورِ لٹھس پٔیہِ میٚلہِ چھکھاہ اَکھ
دوہلہِ شوٚنگتھ لٔج وورنہِ راتھ
پیٚوٗم ژبتس پھرِتس وٕج لأگتھ
وُچھنہِ لجیٚو میٚتہِ لُکہِ ارساتھ
چھوٚت تہِ کرٕہن گیہِ رَنگہِ رَنگہِ ٹھولہِ ٹھول
پوٚز أتھی پیٹھ چھےٚ وٕرِتھ وُنہِ ذات

(۱۴)

پَنہِ پوشرٕ کوہہِ دائمٕی دائمٕی
تھَرِ تھَرِ پھیران گرٕ نکھٕ آو
وَتہِ وَتہِ کوٚرہَس گُل بار پوشو
دوٗپہَس وَلہِ بیٚہہ یاوُن چھاو

توہہِ چھِوٕ برٕم دِتھ یَم مٲژراوَن
مےٚ چھُ مولہٕ ناوُن ئِلو چکہٕ چاو

(۱۵)

اَڈٕ رہتہٕ کالی موصُم پھرٕ بستَن
بَرگَن بَرگَن ئُج زَن چھاٹٕ
ژھاگِکی گرٕشتام مَس وال رۄدِکھ
باقےٚ نیٚوکھ چھٹلی چھٹلی رۄدٕ واٲنٕ
اَصلی بوٗزِو اٲرِم پاٲرِم
راہ مُسافِر ییٚتہٕ اَنزاٲنٕ!

(۱۹۶۳ء)

(۱۶)

کچھِ کُلی اٲکی پرٕژھ ژکھِ سان لبرس
تھاٲوِتھ ئِلی میٚہ تہِ ڈنگ دِتھٕ کھور
بہٕ تہِ کرِ ہاوتھِ ٹِکھ ہِش اٲنڈی پکھی
اَزمَوہا بہٕ تہِ زیوٗ ہندی زور
رۄدٕ چھوٗلاہ پہو، لبرس ژس گوٗو
لایِنہٕ آو کچھِ کُل کتہِ کور
لبرس پننہٕ نِس صَبرس فی پہوٕو
کُل دپِ عاقِل، بےٚ دپِ چور

(۱۷)

ژأنٛلکی تیٛلن لوٚتہٕ ووٹ دامَن
بڑوٗ ڈ کوٚڈ سوے تہٕ تہٕ گوٚٹ گوٚ وگاش
پَنہٕ پوٚشِری أکی مٔنٛزی کوٚر گردِش
تارَس پیٹھ پیٚیہٕ اَڈٕ بُز آش
ژأنٛگِس شہہ گوٚو پٔتٕری وُچھ وُچھ
اَنہٕ گٹہٕ أسی أسی تُل آکاش
نہٕ چھُ حد وَدٕنٛس، نہٕ چھ پَڑھ اسٕنٛس
کٔمی ہور باز تہٕ کٔمی لوٚب راش!

(۱۸)

روٗدٕ پھوٚلا اَکھ وَتہٕ پیٹھ اَند گُن
تاپنہٕ ژٕنجہٕ اوس گٔنٛزراں دوہ
ٹھیکہ دٕرٕن أندی أندی چٹہٕ کھورُس
باجرٕ ستی مٔیُول سپدیُوس کوہ
تیٚلہٕ سڑک أسس ڈیٚکہٕ لیکھتھ
بڑکہٕ وِتھ ترٕووُکھ سپدُس توہ

(۱۹)

میٚژِ ستی مَشوَرٕ ییٚلہِ کوٚر پوشو
تتہِ کاٗتیاہ رۄدی لَلہٕ وان داغ
مَس کاٗستھ کچھ رٕکھہٕ پیٚٹھ لوگُھ
لُکھ چھِہ ونان ووٗنی شولیٚو باغ
چمَنَن پیٚٹھی پیٚٹھی تاپھ چھُ لاران
شُہُل پیتےَ چھُس لاٗگتھ زاگ

(۲۰)

بالَو پیٚٹھٕ وۄتھ پری محل کُن
وبتھٕ بٕٹھی وژاو ساٗلس واو
ہَچہِ پھٔلی پنگتھا ستی ستی وژاِیَس
آبَس پیٚٹھی پیٚٹھی پرِوٕنی ناو
یوٚن پہَن واٗتتھ سیکہِ شاٗٹھس لگی
حق پرٕزنوُوکھ ہکھ پیٚوکھ ناو

(۲۱)

گُلو تہرِس ژایہِ صُحاٗے تھَرٕ تھَرٕ
تمی وُچھ پتھرِس پیٚٹھ پٔنٕز ژھاے
اَسمانَس کُن نظراہ ترٛاٗوِتھ
بُتراٗژ ہیٚژٕ زَن تَس گنیہِ ماے

واوَن دمنہٕ نوو ہیٚرِ پیٹھ بون تام
دَگ ژأجن پأجس اڈٔبراے

(۲۲)

ناوِ نَمس چائنٛس گنٛڈ پھِرِ وِتھ
ہائزن ٹِکلِس مَٹہِ تھٔو خار
ءگتھ آیہِ لوتہِ پأٹھی ہتھِ کھأرِتھ چیٚچ
وژسہٕ اکہِ ٹِکلِس گو وَتھہٕ وار
یُپ چھٔنہٕ مانان شُپ بُتھِ تھاوُن
بخشس بوز چھے خدمت گار

(۲۳)

داربو کٔنی لبہِ دَرٕ أچھ جوراہ
پہربو کٔنی پوٚک سوتنہٕ ہوا
مہریٚنہٕ وَردَن ووٚل وِرِ وارَو
نَژنَس روٗنہِ ووڑِ رنگہ واہ واہ
وُنی اوس موٚت چُری گُیش اَٹھارس
وُنی لگی پھالَو ہر نہٕ صدا

(۲۴)

وَتہٕ پۆد اکھ اوس کھھہٕ منٛزی لاران

آرِ بٹھِس نِشہِ گو روٗزِتھ

گامہٕ سڑک ہُمہِ بٹھِ اَنہٕ ناٲون

کولہٕ تارس اَتھِ شیٛچھ سوٗزِتھ

آرِ صدا پۆک وِوران گوران

شہرِچ تہٕ گامٕچ شیٛچھ بوٗزِتھ

(۲۵)

پھرٛستَس پیٹھ گری ارٕسرٕ کاوَو

بلِہ بچرو اٲلِس پاٲراو

گاسہٕ کرٛپچو دیُت اَتھ گرٕ گرنس

پھاہ دیُت بچرِی تہٕ شہہ وٕتلیٲو

سَتہٕ زاوَن ہنٛز کتھ نیہِ اکہِ وُپھِ

پَتہٕ کتہِ ووتھِ ہے سُرِ بنہٕ کاو

(۲۶)

واوس وَتہٕ پھیُر گو کتہِ تامتھ

منٛز وَتہِ پیٹھ لۆگ آوٕلِنس

پَنہٕ برٛگو تُل چُری گیُش چُری گیُش

أنٛدی أنٛدی پھیران واوِ لِنس
گردِ غُبارس منٛزٕ ژاو شیطان
برمنٛڈِ نبن لۄگ تاوِ نِس

(۲۷)

سوشتٕہ ہَوا پۄک سانی بَرٕ تٕلی
گٔلی مؤران اوس ماران پان
اَسہِ پُژڑھ پوشَن کیٛا سأ سَپدہٕ
تم أسی لۄب گُن وُٹھ ژاپان
وَنہِ آیہ ہرٕ چہِ ہوپچھِ مَژٕ ترٕشہِ کینٛہہ
سوشتٕہ دوپھَن تَل کلہٕ ٹھاسان

(۲۸)

کژالہٕ سنگُر دژایو ڈل سأ لس
لۆگو وِزِ وِزِ زُلہٕ ہَس بُتھ
کنہِ شژان کۄرہَس کھُلہٕ رُدِ شژانہٕ
کھشبر بن تہٕ کھراشبن وولُکھ وُتھ
میٛژٕ تھۄو پان پٔنن اَسہِ اَرزتھ
کترِ بٕنتھ گوس وَتہِ پیٹھ لیٚتھ

(۲۹)

تصوِرس پٮ۪ٹھ وَقتَن تھَکھ دیُت
اَکھ اَکھ گُل کھوٚت مُتیٖ مُتیٖ وژاو
کاکد ورقس جنگُل سائُن
تیٚمی روٗٹ وَتہٕ پوٚد سۓ توٚت ژاو
پَنہٕ نی شَہہٕ کھَسہٕ وَس کھٕژ ورگس
نَتہٕ کتہٕ جنگُل نَتہٕ گُس واو

(۳۰)

ہَنگہٕ منگہٕ ڈیوٗٹھُم، رنگہٕ پرٛزِنوٗم
ہکہٕ آم آلو شہہ گوم بنٛد
ناو ہبرٕ وَمس پننی زیوٚ مےٚ
وُٹھ سوٗنَم بُتھِ دِژنَم پیٚنٛد
برمنٛدِنِن روٗٹ اوٚنٛد پوٚکھ روٕتلی
وُزِملہِ زَن ہیٚتی ہاوِنی دَنٛد



# آرُت

مےٚ ووت واریاہ کال لفظن تُلہٕ تژ او گرِتھ نٔوی نٔوی نقشہِ گران مےٚ
چھُ باسان لفظ چھُ موٗرَت تہٕ صَداتہِ، تہٕ خیالَن ہُنٛد سوٚن ووگُن تہِ۔ امہِ
علاوٕ چھُ لفظ اِنسٲنی کلچرٕچ اَژھیٚنز توٲرِیخ تہِ۔ پَننہِ کٲشرِ شٲیِری ہُنٛد پَتھ
کال بَدِ کَڈِتھ چھُ نَنان زِ شارِچ عظمتھ چھےٚ تمیٚک راوِ ژھوچر، زیوٚ پیٛٹھ
کھوٚتمُت گتھ باتھِ ہُنٛد لہجہِ۔ ووکھنیہِ ہُنٛد موٚدربر تہٕ ٹریجڈی ہُنٛد ضرب
کھبتھ اِنسٲنی تجربک سَنبر تہِ۔ یہِ عظمتھ چھےٚ اَز اوٲیُل سانہِ شٲیِری مَنٛز۔
لل دیدِ تہٕ نُنٛدٕ ریشی نبٕ واکھو تہٕ شُرٕ کبٕ پیٛٹھِ صوٗفیانہٕ موٗسیقی تام یِحاطٕ کٔرِتھ۔ یِی
دٲیِرتھ لیکھی مےٚ حاٲری ثاتھ تہٕ زِتنہِ تہِ پَتہٕ سوٗترٕ تہٕ ووٚنی جاپٲنی ہیکو طرزٕ کی
ژھوٹہٕ آیہِ واکھ۔

(دینا ناتھ نادِم)



# نأدِم صأبنہِ اتھ پِچھِ طرحی غزل

خواجہِ محمد چھُ نواب
موِمہِ رۄٚ دتوتہِ موٚمے

اتھ پرِیزِ وَن تہٕ جواب
چاومو ے جامِ جمے

ہُتہٕ نٹہٕ وارِ چھُ مو ے
ییٚتہٕ نٹہٕ وارِ چھُ آب

کُمی گس ہیوٚت حِساب
جاومو ے جامِ جمے

نوٹ: 1959ہَس منز اوس کلچرل اکیڈیمی اکھ طرحی مُشاعرٕ تہٕ طرح اوس روسُل میرنہٕ ہِ اَکس مشہوٗر غزلہٕ ہُنٛد شعار ''چاومو ے جامِ جمے''۔ یہِ مُشاعرِ اوس ٹورسٹ رِسپشن ہال سرینگرس منز۔ نأدِم صأبَن لیچھ اتھ طرحس پیٹھ غزل ''ساقیا روزِ حساب، چاومو ے جامِ جمے۔ چأنی کنٛز دیُت مے جواب، چاومو ے جامِ جمے''۔ اتھ منز لیٚو کھ کُمی اکھ شعار ''سنسار چند چھُ نواب، سمہٕ رۄٚ دتوتہِ سمے۔ اتھ پرِیٚزِ ون تہٕ جواب، چاو مو ے جامِ جمے''۔ یہِ شعر دیُتگ نہٕ نأدِم صأبَس اتھ مُشاعرس منز پرنہٕ تِکیازِ میرزا کمال دین شیدا سیکرٹری کلچرل اکیڈیمی لیٚوکھ أکی سنٛزِ غزلہٕ ''اِسکا جواب نأدِم صاحب خود دیں سکتے ہیں۔'' امہِ کینٛہہ کال گژھتھ کوٚر کلچرل اکیڈیمی ایس۔پی کالجس منز اکھ مُشاعرٕ تیچ صدارت میر نصراللہ (یُس تمہِ وقتہٕ سرینگرُک ڈی۔سی اوس تہٕ بییہ اوس سُہ بخشی صأبن زامتُر تہٕ) اتھ منز پُر نأدِم صأبن یم دوٚ نوٚ ے مِصرٕ۔ میرزا غلام حسن بیگ عأرفہٕ سُنٛد وُنُن چھُنہٕ صحی زِ بخشی صأب اوس اتھ مُشاعرس صدارت کران۔ امہِ علاوٕ پوٚر نأدِم صأبن یہِ شعار تہٕ مُشاعرس منز:

وارِ کوٚر رہم اوٗش قطرٕن چالانہٕ دِلبرو
بٹہٕ
متہٕ کرتہٕ متھن زُلفہِ کی زولانہٕ دِلبرو

(حسرت گڈہ)

طرحی مِصرٕ اوس غلام احمد مہجور سنٛزِ شأعری منز ژارنہٕ آمُت۔

# کِتاب نامہٕ


۱۔ واد، مدیر مسرت اقبال، جلد۳، شمارٕ ۱۳، جون جولائی 1988ء۔

۲۔ نیب، جنوری 1969ء، نمبر 2، مدیر امین کاؔمل، ترٛے رٮ۪تہٕ وار۔

۳۔ Gems of Kashmiri Literature by T.N.Koul, 1996

۴۔ ناگراد، نمبر 7، دسمبر 2007، ناگراد ادبی سنگم جموں۔

۵۔ ہمارا ادب، شخصیات نمبر 5، 1989ء، جموں کشمیر کلچرل اکیڈیمی سرینگر۔

۶۔ سون ادب، (کٲشر) 1977ء، کلچرل اکیڈیمی۔ سرینگر۔

۷۔ رِسالہٕ انہار، 2004ء، کشمیری ڈیپارٹمنٹ، کشمیر یونیورسٹی سرینگر۔

۸۔ سون ادب، 1970ء، مدیر عبدالخالق ٹاک زاینہ گیری، کلچرل اکیڈیمی سرینگر۔

۹۔ سون ادب، 1996ء، مدیران بشیر اختر تہٕ عبدالغنی ندیم، کلچرل اکیڈیمی سرینگر۔

۱۰۔ سون ادب، 1976ء (کٲشر زبان تہٕ ادب نمبر)، مدیر امین کاؔمل، کلچرل اکیڈیمی سرینگر۔

۱۱۔ سون ادب، 1959ء، مدیر امین کاؔمل، اختر محی الدین تہٕ جیالال کول، کلچرل اکیڈیمی سرینگر۔

۱۲۔ سون ادب، 1964ء، مدیر علی محمد لون، کلچرل اکیڈیمی سرینگر۔

۱۳۔ اَز چ کٲشر نظم، شیرازٕ فروری 1967ء، مدیر امین کاؔمل، کلچرل اکیڈیمی سرینگر۔

۱۴۔ کونگہٕ پوش، 1949ء تا 1956ء، مدیر دینا ناتھ ناؔدِم، مہجوؔر، مرزا عارف، سومناتھ زُتشی، رحمان راہی، عزیز ہارون، نور محمد روشن وغٲیرٕ

۱۵۔ اُستاد، ترجمان آل کشمیر ٹیچرس ایسوسیشن، مدیر دینا ناتھ ناؔدِم۔

۱۶۔ کشمیری زبان اور شاعری، حصہٕ اوّل تا سوم، عبدالاحد آزاد، ترتیب کار امین کاؔمل، محمد یوسف ٹینگ، کلچرل اکیڈیمی سرینگر۔

۱۷۔ پرتو، میگزین نمبر، نِشاط انصاری، دایرے ادب دِلنہ باراہمولہ کشمیر

۱۸۔ کٲشرِ زبان تہٕ ادبُک توٲریخ، ناجی منور تہٕ شفیع شوق، پبلیشر علی محمد اینڈ بُک سیلر، سرینگر۔

۱۹۔ A History of Kashmiri Literature by Triloki Nath Koul, Sahitya Akademi, New Delhi. 2002

۲۰۔ عہد ساز ناؔدم، سی سرنمبر 4، ترتیب کار رتن جوہر، سمپرتی، جموں 2002۔

۲۱۔ انہار، جلد 1، شمارٕ 2، ایڈٹر رحمان راہی، کاشُر ڈیپارٹمنٹ، کشمیر یونیورسٹی سرینگر۔

۲۲۔ جی آر سنتوش از جی آر حسرتؔ گڈہ، فنکار پبلیکیشن ہاؤس سرینگر۔

۲۳۔ An Anthology of Modern Kashmiri Verse by Triloki Nath Koul, 1972.

۲۴۔ ترقی پسند کشمیری ادب، مشعل سلطانپورؔی، 2015، میزان پبلیشرس سرینگر۔

۲۵۔ سون ادب، 1980، مدیر بشیر اختر، کلچرل اکیڈیمی سرینگر۔

۲۶۔ کاشُر شیرازٕ، 1964 پیٹھہ 1996 ہَس تام، مدیر اختر محی الدین، علی محمد لون، چمن لال چمن، بشیر اختر، عبدالغنی ندیم، وغاٗرٕ، کلچرل اکیڈیمی سرینگر۔

۲۷۔ کاشرِ ادبک فِکری پۆت منظر، خاص شُمارٕ انہار رِسالہٕ، کشمیری ڈیپارٹمنٹ، کشمیر یونیورسٹی، سرینگر۔

۲۸۔ رِسالہ فنکار، ستمبر 1995، ترتیب جی آر حسرت گڈہ، محمد یوسف مسکین، فنکار کلچرل آرگنزیشن، سرینگر۔

۲۹۔ Kashmiri Poetry in Indian Poetry Today : III, ICCR, 1977, New Delhi.

۳۰۔ A History of Indian Literature Vol.VIII, Fase-4, Wiesbandan Harrassowitz, 1980 by Brij B. Kachroo, Printed in Germany, Sigel - HIL.

۳۱۔ Dina Nath Nadim by Triloki Nath Raina (1922-1916), Sahitya Akademi, 1998, New Delhi

۳۲۔ عالم کرِ یاد، جی آر حسرت گڈہ، پبلیشر ساہتیہ اکیڈیمی نئی دہلی۔

۳۳۔ شیرازٕ اُردو، 1962 تا 2016، مدیر محمد یوسف ٹینگ، رشید نازکی، محمد احمد اندرابی، محمد اشرف ٹاک وغاٗرٕ، کلچرل اکیڈیمی، سرینگر۔

# DREAMER OF TOMORROW



Dinanath Kaul "Nadim" (1916–1988) was a prominent Kashmiri poet of the 20th century. He was born on 18 March 1916 in Srinagar city and with him began an era of modern Kashmiri poetry. He also virtually led the progressive writers movement in Kashmir.
Rooted to the soil of Kashmir, Nadim spoke Kashmiri, though he initially wrote in Hindi and Urdu as well. He influenced a large group of poets of his age as well as younger than him.
Nadim also wrote operas like Vitasta (Jhelum River), Safar Taa Shehjaar (The journey and the Shade), Heemaal Taa Naaegrai (Heemaal and Naagraaj), Shuhul Kull (The Shady Tree) and Bombur Taa yamberzal (Bumblebee and the Narcissus Flower). His most popular operatic work was Bombur Taa yamberzal, which was the first opera to be published in Kashmiri. Me Chhum Aash Paghich (I am hopeful of tomorrow) is the most powerful anti war poem in Kashmiri which Nadim wrote. He received the Soviet Land Nehru Award in 1971 and the Sahitya Natak Academi Award for "Shuhul Kull" in 1986. He died on 7 April 1988.

*(Source:Wikipedia)*

*Cover designs by Arqam Khawaja*